# کُلیاتِ

# محمود گامیؒ

جلد ژوٗر

ن اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# کلیاتِ محمود گامی

ترتیب

ناجی منوّر

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگو تجز سرینگر

نٲشِر :- سیکریٹری جموّں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز۔ سرینگر

چھاپ :- جے کے آفسیٹ پرنٹرز۔ دہلی ۶

کتابت :- غلام حسن

وری :- ۱۹۷۷ء

تیداد :- ۵۰۰

موٗل :-

تصویر، محمود گامیؒ: عمل، اے آر جان

# عرضِ ناشر

محمود گامی چھ کاشرِ ہیُند سۄ قدآور شاعر یَمۍ اتھ گوڈنِکہ لٹہِ اکہِ باقاعدٕ زبٲنۍ ہُند اعتبار عطا کوٚر۔ یمہٕ وِزِ تمۍ کاشرِس شارس وُسلابہٕ تُل تمہٕ وِزِ اُدس یہ حُسن تہٕ وٕزٕ لسیتیٚ ہم آہنگ۔ لل دێد ہٕنٛد شعر تہٕ پاہ اوس بے کٔنۍ تہ بێیہٕ پرٕسٲنۍ ہنٛدِس عالمس منٛز رادرنہٕ آمت تہٕ یہ سوز اوس ییٚنٛدٕرٕ گیہس گیہس ہس تام موژیومت تہٕ بس۔ ۱۹۔ صدی ہنٛدِس آخرس منٛز دِیت بولہِ تہٕ زبٲنۍ ہنٛدِس اتھ منٛز باگس تمۍ بێنہٕ دیو قامت ادبی وجود کُنِکھ تہٕ کٲشرِ ن وٕری ین ہنٛدِس وقتس منٛز واتہٕ یہ زبٲنۍ ہنٛدِس تھدِس مقامس۔ میانہِ تحقیقہٕ موجوب کرٕ تمۍ فارسی زبٲنۍ ہنٛز اکھ مثنوی گوڈنچہِ لٹہِ کاشرِ پاٹھی ترجمہ تہٕ پیتہ لوٚرن بێنہٕ زبٲنۍ ہنٛد علم امہٕ شاندار زبٲنۍ ہنٛد لوگو ہریارٕ دِستی۔ تمۍ اٚنۍ گوڈنِکہ لٹہِ عربی فارسی ہِکی عروضی اوزان کاشرِ پاٹھی تہٕ تمن ہیتھ لیچھن تمہٕ غزلہ تہٕ نظمہ یمہٕ مضمون تہٕ اسلوب دٔشوے لحاظہ تھٲکنہ لائق چھے۔ ییتھہٕ کٔنۍ چھ اکِس تھزِس عظیم زبان ساز ہنٛدِس حیثیتس منٛز اُبران یمۍ کاشرِ زبٲنۍ بێنہٕس سارِ وے کھو، نہٕ نوٚزک زمانس منٛز نوٚو حیات عطا کوٚرٕ۔ اتھ نوٚزندگی اوس تیتیوت قو وتھزِ امہٕ پیتہ وچھنہٕ کاشرِ زبٲنۍ زاہ لوٚت۔ امہٕ پتہ زاے اتھ منٛز مقبول، پرمانند، رسول میر تہٕ پرکاش رام ہیُوٛ بڈۍ شاعر۔ اَدے کٔنۍ چھ محمود کاشرِ زبٲنۍ ہنٛدٕ عظیم میمارن منٛز اکھ مانہٕ الوان تہٕ یوتتانۍ یہ زبان موجود چھے اتھ روزِ محمود گامی ہنٛدِ احسانگ ہوشرٕ ہِٹس ناو۔

کلچرل اکادمی چھ فخرٕ زانی چھِ گوڈنِکہ لٹہِ تمۍ سٕنٛد مکمل کلیات کاشراوان۔ یہ کلیات چھ ناجی منور صابن انتہائی مینٛنتہ سان شیوٗرمت تہٕ اتھ منٛز چھ وافر حصہٕ تتھ کلامک ییُس محمود صابنہ رحمت حق گژھنہ پتہ لگ بگ ڈۄڈ ہتھ ؤہر دشاے یوان کرنہٕ چھ۔ وۄمید چھے زِ یتھ کلیاتس کرن کاشرِ زبٲنۍ ہنٛدی لولہ دارۍ اچھن منٛز جاے۔

محمد یوسف ٹینگ
(سیکریٹری)

جموں
۲۶ دسمبر ۷۷

# ترتیب

# فہرس

[ محمود ﷲ گانی ہنارین تیمن تخلیقان ہنا ہم یہ وِنہ چھاپ اُسی گامیتی ]

۳۴۔ بُود چھُم معبوٗد

۳۵۔ یاون مرشس چھاوُن چھُنے

۳۶۔ ماہ مَتہٕ سیرس چھُک

۳۷۔ ژنگہٕ ژنگہٕ آسے تہٕ ژنگہٕ ژنگہٕ گے

۳۸۔ اَنٛدرِم دود بہ کَس

۳۹۔ ہُ ویٚسیہ بوزتے کوٚت کال

۴۰۔ گرٛھتہٕ ویٚسی یِیے وَنتہٕ

۴۱۔ روز چھَم چانٛی بوز میانٛی

۴۲۔ وَنہٕ ہیے ٹھاوتم گوٚش

۴۳۔ گوم بیداد یارہٕ چھُنے

۴۴۔ وُچھان مالہٕ گوم شامے

۴۵۔ ومن مٔنزٕ وَمبدم کرحق پرستی

۴۶۔ مو روشس مسأ روشس

۴۷۔ آدنہٕ آیوس گُنٛے زوٗنے

۴۸۔ لا اِلٰہ ترأوِتھ اِلااللہ

۴۹۔ مردوٗد رٔچھو یتھ

۵۰۔ شأہدتہٕ مشہود وُچھتن

ج۔ فارسی نات۔ نمبرٕ ۱ تا ۱۶ء

د۔ کأشِرۍ نات

۱۔ پایہٕ بڈٕ عربکہٕ شاہ سردارسے ۲۔ سربہٕ وٚندے چھُک سون سردار

۳۔ یارسول اللہ سلام علیک ۴۔ کھوٚت کٔتہٕ مٔنز گلاہ

۵. یا مصطفٰی محمدؐ    ۶. بر در تو یا محمدؐ

۷. خیر سچھے حال باوسے کیاہ    ۸. صلوٰۃ اللہ بر پیغمبر

ھ. فارسی ہندی کلام

۱. وہ چہ زیبا دلفریبا    ۲. خوش باز بمن باز    ۳. حاتم ز عشق

۴. در باغ سلیمانی

و. نظمیہ

۱. پیشں نامہ    ۲. وفات نامہ حضرت فاطمہ رضؓ

ز. زبانی کلام

۱. قیصر رو مینہ ہا وہ خترئی یے    ۲. ژوہ یارہ و چشم جلوہ شوئے

۲. گل پھولاں تے پھلیاہ چھا وو    ۴. سوئی لہہ کیار کرنمہ لٹے

۵. وہ د پشتو دامہ دامہ

# محمود گامی

(زندگی تہ کارنامہ)

# محمود گامی

محمود گامیس مُتعلق چھُ وُنِستام یہی وَننہٕ آمُت زِ سُہ چھُ ۱۸۵۵ءَس منز یانے ۱۲۷۱ھ منز یتھ دُنیاہس منز گُذریومُت تہٕ قریب چھُن شیٛتھ وَری وانٛس پیٛٹھ اوسمُت۔ اَمیُک مانے گوٚو زِ تَسُند زیٛنہٕ وَری چھُ یوٚہے ۱۷۶۵ءَ (۱۱۷۹ھ) اوس مُت۔ مگر تِہٕنٛز اَکھ مثنوی "یک حکایتھ" تہٕ پوٚنٛپرِ نامُک یُس اکھ قلمی نوسخہٕ ہیٚے دسیاب سپُدمُت چھُ سُہ چھُ ۱۷۱۱ءَ (۱۱۲۳ھ) منز نقل کرنہٕ آمُت۔ تہٕ یتھہٕ کنہِ چھُ محمود سٕنہٕ زمانُک تشخیص کرُن مُشکل بنیومُت۔ اَتھ قلمی نوسخس پیٛٹھ یُس تارٕیخ دِتھ چھُ، سُہ چھُ تیوٚت صاف زِ شکھ کرُن چھُنہٕ ممکن، یہِ کتھ تہٕ چھِنہٕ خِکِر تران زِ نقل کرن وٲلی کیاہ زِ آسہِ اَکھُتھ اَکھُتھ غلط سنہٕ دِیُت مُت۔ یہِ نوسخہٕ وُچھتھ ہیکَو اَسہِ وُنی نتیجن پیٛٹھ واتتھ زِ یاتہٕ چھُ محمود سٕنہٕ زمانُک تعیُن وُنِستام غلط سپُدمُت تہٕ یِم تارٕیخ شیٖرین خسرو تہٕ قیصہ ہوروٗن رشید مثنوِیَن اَندس پیٛٹھ دِنہٕ چھہٕ آمتِ تِم چھہٕ فرضی۔ نتہٕ چھُ محمود ناوٕک بیاکھ شاعر اوس مُت یُسُند کلام محمود گامی نِس کھاتس درج چھُ سپُدمُت یتھ کنہِ مقبوٗل امرتسری سُند یَنہٕ کلام مقبوٗل کرالہ وارِک سٕندِ ناوٕ چھپان روٗد۔ بہرحال اَتھ کتھِ پیٛٹھ چھِنہٕ وُنہٕ وارِیاہ تحقیقات کرٕنٕچ گُنجایش۔

اگر محمود گامی سُند زیٛنہٕ وَری ۱۷۶۵ اَسہِ مُشخص زانُن تہٕ اَمہِ وقتہٕ چھُ کٲشیر

پیٹھ پٹھانن ترٛواہ وری حکومت کران گمتی آسان۔ تہٕ ساروٕے ریاستس
منز چھ فارسی زبانی ہنٛز بالا دستی شولہٕ مادان آسان۔ امہ زبانی چھ یتہٕ کس
چیپس چیپس سیٹھے سنٛز مول آسان دِرتی ہیتو، مولے یوت یژ بُڈکہ لنگ کتھ
گٕڈتھ چھے غنی تہٕ صرفی ہوین بڈین شاعرن ہنٛد تگو سونتہ پھلے تہٕ مادان آسان
محمود چھ ییتھی پھلیہ سونتہ ییمہ پوشہ وارہ ہندیس اکس حضرہ پیٹھ کس آہ منٛدس
گامس آہ واٗرس (محمود آبادس) منز ژھتہٕ پیوان۔ یہ چھ آسان اکھ علمی گرک
خانہ مول۔ تکیا زِ اکھ دقتس منز چھ پیر تہٕ اوٗنُس یکی عام طور پرٛمہ تہٕ لیکھو نیہ
آسان۔ محمود چھ رِواجہ موجوب، فارسی تہٕ عربی ہیچ تالیم کری یران۔ محمودن
سوٗرے کلام پرتھ چھے یہ کتھ تاکار باٗتھ لبنہ یوان زِ تمس چھ فارسی زبانی
ہنٛد سوٗن مطالعہ اوس متہ۔ سعدی، حافظ، مولانا رومی، عطار، جامی تہٕ
تہٕ نظامی ییمن ساریٕنے شاعرن ہنٛد اثر پھُہ محمود نہ کاشر کہ فارسی شاعری
پیٹھ صاف لبنہ یوان۔

محمودنین فارسی کنہ کاشرین ناتن ہنٛز اکھ بیاضہ یوین متے حال
حالے دستیاب سپنز تلیہ چھ باسان زِ محمودن چھ شاعری ہنٛد ابتدا فارسی
زبانی پیٹھے کوٗر متہٕ۔ فارسی یس منز شاعری شوٗروٗ کرتھ آسہ ہنٛ تمس زِنش
زِ سبب اکھ یہ زِ علمی مجلسن منز اوس تہٕ تمہ وقتہ کاشرس کانٛہہ مازان دِوِیم
یہ زِ بعد لچارس منز چھ محمودنیس ذہنس پیٹھ فارسی زبانی تہٕ شاعری
ہنٛد زبردس اثر اوس متہ تہٕ تمو تہٕ چھے نظامی یس تہٕ جامی یس ہم پایہ
بننہٕ ہنٛز کوشش کرمٕژ۔ اکھ بیاضہ منز چھ ۲۶ نات، ییمن منز ترٛاہ نات
فارسی زبانی منز تہٕ باقے کاشرس منز چھ۔ کاشرین ناتن منز چھ نوم مقبول
عام زِ نات تہٕ سہ

ژٕ کرٕ غم دفا یا حیات النبی　　متےٚ کر تم شفا یا حیات النبی

تہٕ

میہربانی باشی بہ من یا محمدؐ　　بہ وٚنٛدٕے سر قدمن یا محمدؐ

اَتھ بیاضہ چھُ اندس پیٹھ لیکھت "گفتہ ۱۲۲۹ھ" تہٕ باقی تفصیل چھُس نیٚمہ کھیٚنٛوٗمُت۔ یہ کتھ چھےٚ بہوٗ لایق زِ یم ساری نات کیٛاہ آسن محمودن اَتھی اَکو سِیٚہ وٗ ریس منز لیکھمٕتۍ۔ ممکن چھُ ۱۲۲۹ھ آسہ پیٚتھ مہ ناتن ہُنٛز تاریخ تصنیف۔ اَمہ برونٛہہ چھےٚ محمودُن مقبولِ عام کاشُر مثنوی شیرین خسرو تہٕ شیخ صنعان بارسس آسان آمٕژ۔ یمن ہٕنٛد تفصیل برونٛہہ کُن ییٚیہ۔

اَمہ قلمی نعتہ سنٛجکو قریب ساری فارسی نات چھِ مولانا جامیؒ سٕنٛدٕ کہ نات برونٛہہ کنہ تھاوِتھ لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ اکثر ناتن چھےٚ سے بحر تہٕ ردیف قافیہ تہٕ یِم مولانا جامیؒ سٕنٛدین ناتن چھِ۔ مثلن مولانا جامی سُنٛد یہ مشہور نات ؎

گر بہ بینم رُخِ زیباے رسولِ عربیؐ　　دیدہ مالم بکف پاے رسولِ عربیؐ

دادہ از شوکت شاں بر سرِ معراج کلیم　　صد شرف پایہ ادناے رسولِ عربیؐ

گشت از نیک بہ خلق جہاں جامی مست　　تا شدہ والہ شیداے رسولِ عربیؐ

محمود گامی سٕنٛدِ نات شریفکو کینٛہہ شار چھِ نوم ؎

یا الٰہی بتولاے رسولِ عربیؐ　　عاشقم کُن بہ تجلاے رسولِ عربیؐ

ظاہر از قید مطہر شُد ازیں نور قدم　　بتجلاست تجلاے رسولِ عربیؐ

راحت روحِ روانم اے صبا زود بیار　　بوے گیسوے سمن ساے رسولِ عربیؐ

اَتھ بیاضہ منز یُس گوڈنیُک نات شریف چھُ تمکو کینٛہہ شار چھِ نوم

حق چہ طاہا و یاسین گفت در شانِ رسول

من چہ خود را میستانم منقبت خوانِ رسول

مخزنِ جود و سخا و مظہرِ اسرارِ حق

مطلعِ انوارِ سبحانی گریبانِ رسول

یارب از محمود کامی برسان صد لک سلام

خاصہ بر روحِ رسول و جملہ یارانِ رسول

فارسی نات لیکھان لیکھان ییتھ شایہ ہٕ "محمودن" "مافی الضمیر"
ادا چھُ ہیٚکمت کٔرِتھ تتھین چھُ وشفہ پاٹھۍ کاشرِ شارن تہٕ گومت سے
چھُ باسان زِ اکہِ فارسی ناتچ نوم زِ کاشرِ شار چھ محمودس کاشرس منز
شارن ہنٛد وجہ بنے میتو۔ یمن دون شارن منز چھُ شاعرس منز نو مشقی صاف
نشان تہٕ شاعر چھ حوصلہٕ لٔبتھ برونٛہہ پکان تہٕ گژھے کالہٕ پتہٕ ہمیشہ خاطرِ فارسی
وننۍ تراوان ؎

در روزِ محشر ہنٛہ، گو برس وٚنہٕ ییہ نو مول

تمہ دوہ ہہ تہ ہیمتھ کرِ امتہ تھار محمدؐ

یس بار گنہا آسہ شہ در نارِ جہنم

نورِ دیدٕ ہاہ ہیتھ ییہ لارِ تس تتہ کھارِ محمدؐ

اصل فارسی نات چھُ یہ ؎

کونین ہویداست ز انوارِ محمدؐ

خورشید خجل گشت ز رخسارِ محمدؐ

کشمیر شرف یافت از موے شریفش

مانندِ مدینہ است ز آثارِ محمدؐ

محمودنِس شاعری شورو کرنس نسبتھ چھےٚ اَکھ رِوایتھ۔ یوسہٕ
عبدالاحد آزادن تہٕ پننہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" منز نقل چھےٚ کرٕمژ
زِ تِمس گُذریوو ہِنٛز ڈُلھ نیٚچُو شاہ سُلطان لوٚکچار پانٕسے تہٕ محمودن چھُ ہِنٛز
بأتھ "شاہ سلطانو لگہٕ یو" ویداکھ کنہٕ لیوٚکھمُت تہٕ یوٚہے بأتھ چھُ محمودنہٕ
شاعری ہُند سبب بنیومُت۔ یہٕ رِوایتھ چھنہٕ اَکِہ کنہٕ صحی باسان زِ محمودن
چھےٚ پننٕز کتاب شیرین خسرو ۱۱۹۹ھ منز لیچھمٕژ۔ یتھ زمانس پننٕز شتوہ
وُہرِس آسہٕ ہیٚتۍ۔ اَکھ داٚنشہ منز محمودس جوان نیٚچُو مرُن چھُےٚ نہٕ کہنہٕ لایق کتھ
وہن گو شاہ سلطان چھُ محمودس نیٚچُو اوسمُت۔ یُس جوان وأنسہ منزے
گذریومُت چھُ۔ امہٕ وقتہٕ آسہٕ ہے محمود اَڈٕ وأنسہ منز۔
محمودس اوس دوٚیُم نیٚچُو اسد کأمی تہٕ اُمی سٕندی رٕکنہٕ چھُ محمودُن
سلسلہٕ نسب اَز تام چلان روٗدمُت۔ اسد کأمی نس نیٚچوِس حیدر کأمی
تہٕ اُمی ہٕندِس احد کأمی۔ احد کأمی سٕنٛز کور ہِنٛدِ اولاد چھِ اَز تہٕ آرواُرس
منز لسان بسان۔ رِوایتہٕ موجب چھُ اسد کأمی تہٕ حیدر کأمی نہٕ شاعر
زنان آسومٕتۍ۔ مگر تِہنٛد کلام سٕنٛد نہٕ اَز تام دستیاب' نہٕ ہیٚکِو محمودنۍ
ہِش شعر رٕتھ حاصل کرِتھ۔ 'کأمی' لفظ چھُ محمود کأمی نہٕ کُنہ یمن خاندأنی
ذاتھ بنیمژ نتہٕ چھُ۔ محمود زٕکہٕ محمود شاہ اوس مُت یِہنٛد پیشہ اوخچن
گری اوس۔

---

ع۱ ابن مہجور صابنہٕ لایبریری منز یُس شیرین خسرو قلمی نسخہٕ چھُ تتھ چھہٕ
ستنک شاریتھ کُنہ دِتھ ہے

ہزار و دوصد و شست دیکم = ۱۲۵۹ھ (ناجی)

یہٕ کتھ وَنٕنۍ تہٕ چھےٚ غلط باسان زِ شعر چھےٚ اکثر محمودن گامُک آسنہٕ کنۍ حقارتھ کرنہٕ، تہٕ تمۍ چھےٚ پننہٕ رسالہٕ "گامی" تجرٕ سان تخلُص کنۍ اختیار کرٕمُت۔ اصل پزر چھُ زِ محمودس چھُ گعمُت پیٚٹھے جامی تہٕ نظامی سٕندس سوّن اثر روٗدمُت تہٕ تمۍ چھےٚ یمن دۄن شاعرن ہُندہ ہم پلہ بننہٕ رٕچ کوشش کرٕمٕژ۔ یمیُک ثبوت تمۍ سٕندۍ فارسی کنۍ کاشُر کرنات تہٕ تمۍ سٕنز مثنوی یہ چھےٚ۔ تہٕ یمن دۄن شاعرن سیتۍ مناسبتھ پادٕ کرنہٕ خاطرٕ چھُن محمود ناوس سیتۍ گامی لفظ وُٹھمُت۔ جامی، نظامی تہٕ محمود گامی سہ

ہپاٗنی تاریف کران نظامی،

ہپاٗنی توصیف پران جامی

وُنۍ کیاہ وَنی محمود گامی

یا رسوٗل سلام علیک

محمود گامی ین یمہٕ وجہہ کنۍ تہٕ شاعری شوٗرٕ وٚ آسہ کرٕمٕژ، یہ کتھ چھےٚ ناکارٕ نِنۍ زِ سہ چھُ ازلے شاعرانہٕ طبیعتھ ہیتھ آمُت۔ سہ چھُ شاعری ہٕندِین ماحولس منز سہ پیچھیومُت۔ تمۍ چھُ پننہٕ مثنوی شیرین خسرو کس اندس پیٹھ امہٕ مثنوی ہٕندِ لیکھنُک تاریخ ۱۱۹۹ھ شارس منز درج کوٗرمُت۔ اگر محمودُن زینہٕ وٕری ۱۷۶۵ء یانے ۱۱۷۳ھ ژُرس مانو، تیٚلہٕ چھےٚ تمۍ شیرین خسرو شتھۍ وٕری ہٕنز وانٕسہ منز لیچھمٕژ۔ اگر محمودن یمے مثنوی پننہٕ باقے مثنوی یو برونٹہٕ لیچھمٕژ آسہ تیٚلہٕ چھےٚ لازمن یہ کتاب کاشرِ زبٲنی ہٕنز گوڈنِچ مثنوی تہٕ۔ دۄن گوٚمتے چھہ حالے کینٛژن نادر مثنوین ہُندۍ قلمی

نوٚ ہنٛز دٔسی باب سپدٕ کہ میتھ۔ یمن ہُنٛد لیکھن تارِیخ مولوٗم چھُنہٕ۔ یِمَن منٛز

عبدٕ کہ پانٛژ لچھ کیٚٹ مثنوی ہَن ’طوطہ نامہٕ‘ تحریر ۱۲۰۱ھ تہٕ شاہ قلندر

سٕنٛز ’ابراہیم ادھم‘ چھےٚ۔ اگر شاہ قلندرٕ سٕنٛد زمانہٕ محموٗدس برونٛہہ آسہ

تیٚلی چھےٚ تٕسنٛز مثنوی لازِمَن محموٗدس برونٛہِم تخلیق۔ اگرچہ کأشرِ مثنوی مُتعلق

وُنیٚستام سون خیال یہ چھُہ زِ امہِ صِنفُک رِواج چھُہ کأشرس منٛز غنی اکہ تہٕ نظمہ

ہُندی پأٹھی محموٗد سٕنٛے دیُت مُت تہٕ محموٗدس برونٛہہ چھُنہٕ امیُک وجوٗد آسہ

نٕش ٹاکارٕ پأٹھی ہُوجوٗد۔ یِر فارسی زبأنی ہُنٛد مُروج سپدنہٕ کِنہ وقتہٕ پیٚٹھے

آسہ شاعرو امہِ صِنفس منٛز لیکھنچ کوشش ضروٗر کٔرمِژ۔ مےٚ نِش چھےٚ

کٔتام کٔشیر ہِندِس فارسی شاعر سٕنٛز اکھ موختصر مثنوی ہَن۔ یمیُک موضوٗع

حضرت اسمٰعیلؑ سٕنٛد قوربان گژھن چھُ۔ یہ مثنوی چھےٚ ۱۴۰۹ء (۸۱۲ھ)

منٛز نقل آمٕژ کرنہٕ۔ امہِ منٛز چھےٚ فارسی سٕتی کینہہ شار کأشرِ کہ تہٕ صاف

لیکھتہٕ مثلن ؎

گنٛڈ زِ سخت یتھنہٕ زھٹھ دِتھ زانہٕ بو    اضطرابم دوٗر تا گردد ازو

ییٚلہٕ حرکتھ کینہہ گژھ یکہِ صاف شراک    پس رہا کردیم از یزدانِ پاک

تہٕ یتھنہِم شار چھُہ ؎

باہ چھادِتھ ادس ترومُس اندرہ    ھُکُم آو تس نُوھٹ گوٗبر مارنو

امیُک مانہٕ گوٚو زِ محموٗدس برونٛہہ اوس پانٛژہتھ وری تہٕ چھُہ کأشرس

منٛز مثنوی ہُنٛد رِواج سپد مُت آسان مگر محموٗدُن کارنامہٕ چھُ یہ زِ تمۍ چھُ

امہِ صِنفس باضأبطہ رِواج دیُت مُت تہٕ اکہِ کھوتہٕ بیاکھ ژنٛدٕ بأنی

مثنوی چھِس پننہِ یادگار ترأوِمِژ۔

کُلیاتِ محموٗد گأمی منٛز یِوان ترتیبِ شیرین خسرو مثنوی دِنہٕ چھےٚ

چھےٚ آمٕژ سعہ چھےٚ تریٚشے اہم قلمی نوٗسخہٕ تہٕ اکھ چھاپی نوٗسخہٕ نظرِ تل
تھوٚوِتھ دِنہٕ آمٕژ۔ اکھ نوٗسخہٕ چھُ مہجوٗر لایبریری ہُنٛد یُس چھُ ۱۲۵۸ھ
منٛز نقل آمُت کرنہٕ تہٕ اَتھ چھُ اَندس پیٹھ یہِ عبارتھ لیٖکھِتھ۔ "کتاب
شیرین خسرو بابت خواندن از دست خود تحریر یافت"۔ امہِ تٕلہٕ چھُ باسان
زِ یہِ نوٗسخہٕ چھُ محموٗدن پننی اَتھٕ نقل کوٚرمُت۔ مگر اَتھ منٛز چھِ وارٕہ
شار پیوان تہٕ شہ نِنٛدِ بوٚن بٲتھ تہٕ چھِنہٕ اَتھ منٛز درج یُس اَکس اَڈیٖیکس
نوٗسخس تہٕ مہجوٗر لایبریری ہِنٛزی بیاضہ منٛز مۄجوٗد چھُ ؎

وٕدان رٕوان فِراقہٕ جانے دِوان چھُس فریاد
پیمے ژٕلّے پیتہٕ دِمے نادو وعدہٕ لوفر ہادو

مُمکن چھُ زِ محموٗدن آسہٕ ہن بییہ تہٕ کیٖنٛہہ بٲتھ اَتھ مثنوی منٛز
لیٚکھمِتہٕ ییم اور یور قلمی نوٗسخن منٛز درج آسَن۔ امہِ علاوٕ چھِ کیٖنٛہہ
سرِ توبٕتھ جِمہٕ تہٕ غالب گژھتھ باسان ییم بیٚیِن بیٚیِن نوٗسخن منٛز بیٚیِن بیٚیِن
شاین درج چھِ۔ شاید چھُ یوٚہے وجہ زِ محموٗد گامی سٕنٛز اَتھ مثنوی چھِنہٕ سے
تسلسُل روٗدمُت یُس نظامی سٕنٛز فارسی مثنوی چھُ۔ وارِیاہن شاین
چھُنہٕ فکری ثران زِ محموٗدس کیاہ چھُ دٔنِن۔ کتہ یہِ ہندس گرہ ڈس منٛز سے
چھُ خسرو شکارس نیران۔ مگر (شبدیز) چھُس فصلس نوقصان کران
تہٕ اَتھ منٛز چھُ شاہُر (چھاپی نوٗسخس شاہوٗر) پیوان۔ یہِ چھُ خسرو سُنٛد
خاص رفیق آسان تہٕ چھُس شیرینہٕ سٕنٛز باوتھ کران۔ خسرو چھُ شیرین ژھانڈنہٕ
نیران تہٕ گرٕ سُنٛد فصلس نوقصان واتنہٕ ناوُن چھُ بےمانے بنان تہٕ بٕژھہ
مثالہٕ چھےٚ وارِیاہن شاین۔

چونکہ محموٗدن چھےٚ شیرین خسرو بِلکُل شوٗانی ہِندِ عالمس منٛز

اٮ۪چھِمژ تہٕ آمہٕ دأنِسہٕ ہِنٛدِس جوان ہِنٛز شاعری تہٕ زبان ہیٚکِنہٕ کٲہہ مشقی ہُنٛد داوا کٔرِتھ۔ توٚتہِ کینٛہہ چھیٚنہٕ شیٖرین خسرو مثنوی ہِنٛز زبان تہٕ شاعری تِنٛژ شوٗز یِژھ محمودنِس باقے مثنوی یَن ہِنٛز چھےٚ۔ شاید چھُ اَمی مثنوی ہِنٛزِ زبٲنی کِنۍ محمودس پیٹھ الزام دِنہٕ یوان زِ اَمہِ چھےٚ کٲشرِس مَنٛز فارسیت اٚنِمٕژ۔ تیٚلہٕ یِم سٕہ مُدی زبان محمودن یوٗسف زُلیخایہ، شیخ صنعانس، ہارون رشیدس تہٕ باقے مثنوی یَن مَنٛز وَرتٲوِمٕژ چھےٚ سۄ چھےٚنہٕ تِمَس پَتہٕ بَتہٕ کٲشرِ مثنوی نِگارَن وَرتٲوِتھ یِژھمژ۔

محمودن چھےٚ یہِ مثنوی مولانا نظامی ہِنٛز فارسی شیٖرین خسرو پیٹھ خلاصہٕ کٔرِتھ ترجمہٕ کٔرمٕژ۔ تِمہٕ کیٚتھہ انصاف چھُ نظامی ہِنٛز مثنوی سیٖتھ کوٚرمُت۔ وُچھِو اَسہِ نوٚمی شارَن ہُنٛد ترجمہٕ سیٖتھ۔ خسرو تہٕ فرہاد چھِہ کٔتھہ کران سہ

| | |
|---|---|
| نخستین بار گفتش از کجائی | بگفت از دار ملک آشنائی |
| بگفتا جانفروشی در ادب نیست | بگفت از عشق بازان این عجب نیست |
| بگفتا جان چرا فرسوده داری | چہ باشد گردمے آسودہ داری |
| چو عاجز گشت خسرو در جوابش | نشاید بیش پرسیدن صوابش |

محمود چھُ اَتھہ شایہ نوٚم شار لیکھان سہ

| | |
|---|---|
| دوٚپُس تِمہٕ خسرون چھُک کتھہ مکانس | دوٚپُس تِمہٕ جاے چھُم پیٹھ لامکانس |
| دوٚپُس تِمہٕ خسرون شیٖرین تہٕ مشراو | دوٚپُس تِمہٕ عاشقَن شوخی مَسا ہاو |
| دوٚپُس تِمہٕ خسرون والنہٕ بہٕ مأرِتھ | دوٚپُس یِمہٕ شد سروتن ہم بہ غارتھ |
| کران اَسہِ گفتگو خسرو تہٕ فرہاد | بہٕ تنگ آو شاہ خسرو کوہکن آزاد |

فرہادنہٕ مَنٛزنہٕ پَتہٕ چھُ خسرو نظامی ہِنٛدِ ین نوٚمَن شارَن مَنٛز شیٖرینہٕ خط

خط لیکھان سے

شنیدم کہ چون یار ہمسناک

بماتم تو بتے زد بر سر خاک

دوتا کرد از غمش سروران را

بہ نیلوفر بدل کرد ارغوان را

غمش می خور کہ خونش ہم تو خوردی

عزیزش کن کہ خارش ہم تو کردی

اگر صد سال بر خاکش نشینی

بہ جز خاکے از و چیزے نہ بینی

ولیکن چون ندارد گریہ سودے

چہ یابد بے کباب انگیخت دودے[۱]

محمود جن ترجمہ ڇپیو نومن شاڻن مثنو ـــ

جفاکش دوستا او سے وفادار
نفا کیاہ اوسے موگرتھ منہ ڇپے بار

قضا تس ڏٺیے بہ بازی پان ہو ونھ
گیکھ راضی غریباہ مار نو ونھ

بہ ظاہر موہ چاۓ تپیر سیتی
خبر کیشہ چھم نہ وہنی مار کھ ڏٺ کیتی

دوہ کھس بیٹھک تہ ماتمی جامہ پیریھ
بیبی مازاہ تہ دوہنی فرھاد ڇپیریھ

گلی ماتن ڈلی مار نگب روہ خسار
ہلی ماقد ڏلی ما آد نمک یار

غنیمتھ ڇپے پنش دم غم مسائے کھٹے
خوشی ڇپے یاو نہنو ماتم مسائے ہٹے

---

[۱] قلمی نسخہ شیرین خسرو نظامیؒ مملوکہ ناجی منور

کیٚشرِن شاعرَن زبانیٚ منٛز خامیہ آسنہٕ باوجود تہٕ چھُ شیرین خسرو مثنوی
منٛز شاعر پُشند وسہ بتھ وُن ذہن آسنک یقرار بیوان کرُن۔ اکثر شاعرَن چھےٚ
شاعیرن، کیٛتھہٕ نادر تشبیہہ ورتاوِ منٛز انسان چھُ ہیٚکان تُس گیہ رٲوِتھ گژھان
شونٛتن یارِ پُشندس وُسہ زُلفس رِنہ رُخسارس پیٹھ بیچھُن وچھتھ چھُ شاعر دنان سہ

| | |
|---|---|
| شُبان کیاہ خال تہٕتھ برگِ انارس | وُزان زَن مرزٕ فول منٛز یاگنہارس |

یا وُچھتوک نوم شارس

| | |
|---|---|
| بہ سٕشنکر خند شاہ بیشد کرٕ تھِس | شمع زن مشدنن شرمشد کرٕ تھس |
| پَلَن چھوُون کٔے چھوُون کلس پٕل | دل سنگین خود ژیوٕ کٔن کنین ٹل |
| فوٗرم تقدیرن ہےٚ کیاہ کورم مےٚ | اسکھے ماشوق آمُت راوٕرُم مےٚ |

محمود گامی ہنہ امہ کون ڈنکہ کارنامہ پتے چھُ بیاکھ شاندار کارنامہ بارس
پیوان تہٕ سُہ گوٚ "قصہِ شیخ صنعان"۔ حال حالے رٕچھ مےٚ امہ مثنوی ہیند کہ
تہٕ واریاہ قلمی نوسخہ دستیاب سپدِ کرمتو۔ یمو منٛز چھُ اکھ تیٚشتھ نوسخہ یتھ
گوڈ ورقس پیٹھ سنہ ۱۲۰۱ھ درج چھُ مگر آخری ورق چھُس غایب تہٕ بیاکھ
نوسخہ چھُ تیمی قلمہ لیکھنہٕ آمُت ییمہ قلمہ بیٚیہ نوسخہ عبد یہ پالن "طوطہ
نامہ"، تیہاب کمالُن "وفات نامہ" سنہ ۱۲۰۱ھ منز لیکھنہ چھ آمتو۔ شیخ صنعان
مثنوی ہندیہ ہیم قلمی نوسخہ چھِ وَنان ز سنہ ۱۲۰۱ھ منز چھ محمودنی یہ مثنوی
تیتھ مقبول سپز منز آسان ز لکھ چھ اتھ جایہ جایہ نقل اسمہ کران تہٕ اکھ
اکس تو برک گنزہ پیش کران۔ اگر محمودن ۱۱۹۹ھ پتے یہ مثنوی لیچھمتہ آسہ
تہٕ اکس دؠ ورین منز امہ نظمہ ہنہ یوت مقبول گژھن چھنہٕ اکھ
السغابہ کراماتھ بلکہ امہ کہ حُسنچ ضمانتھ۔ میانی ذاتی رایہ چھےٚ ز کاشرس
منز چھنہ اسہ نستام شیخ صناہس مقابلہ بیاکھ نظم یادٕ ہیٚکیو میچ کرتھ۔

اَمہ نظمہٕ منٛز چھہٕ بارٕ کامیأبی سٟتۍ زٕ محموٗدَن چھہٕ اَصلٕ عشقکہ اَزٕ شٔنز ہأرِ گ
کرٕنۍ ضیوٗ روٗرِ نأرٕنۍ ہیٚر۔ تِمو چھہٕ اَمیٚکہٕ طرزہ کأشرِس اَکہٕ طرزس ہا بٔچھ پأنہٕ نوو متھت
زٕ ہعہ چہٕ بحرٕ منٛز اَمہ نظمہٕ منٛزٕ لفظہٕ ژارٕنۍ چھہٕ قأبلِ داد سہ

حمداہ تس ذاتہ پاکس  ییٚمو عرفان دیُت خاکس

چھے حمد پٔتہٕ بہٕ پتہ  صلوات بر پیغمبر

یوٗد یأرِ ہیزٕ کہٕ سکۍ  عشقٕک نوٗکتاہ وَنے

مشہوٗرٕ ہاوس شیخ صنعا  عشقن کوٗر ہے فنا

بوٗد اوس پیراہ کأمِل  پیش آس عشقٕک منٛزِل

تِہ پیٚتے کُنہِ چھے مثنوی ترو شہہ یکان تہٕ انسان چھُہ رَقصس لیوان۔ شیخ عطار
چھہٕ پنٕنہِ عشقکہٕ "منطق الطیر" کتابہٕ منٛز نوٗ ہو شارہٕ وسِتہٕ شوٗرٕ کران سہ

شیخ صنعان پیرِ عہد خویش بود  در کمالش ہر چہ گویم بیش بود

شیخ بود اندر حرم پنجاہ سال  با مرید چار صد صاحب کمال

ہر مریدی کان او بودی عجب  می نیاسود از ریاضت روز و شب

قرب پنجاہ حج بجا آوردہ بود  عمر عمری بود نا می کردہ بود[1]

شیخ صنعان چھُہ خابس منٛز وُچھان زِ سُہ چھُہ شہرِ روٗم کُنہ پکان تہٕ
پتہٕ تلین سجدہٕ دِوان۔ خابہٕ منٛزٕ بیدار گژھتھ چھُہ بیقرار گژھان تہٕ روٗم
واتان تتہٕ چھُس اَکھ 'دختر ترسا' ہیٚنٛزِ پأنۍ نظر گژھان۔ شیخ چھُہ اَمِہ سُنٛد
حُسن وُچھِتھ فلوا گژھان۔ شیخ عطار چھُہ اَمِس ہیٚنٛزِ پأنہٕ نوٗمن شارن منٛز
حُسنس تأریف کران سہ

---

۱ قلمی نوٗسخہٕ منطق الطیر از عطار۔ مملوکہ ناجی منور

چاہِ سیمیں در زنخداں داشت او      ہمچو عیسیٰ در سخن جاں داشت او

دختر ترسا چو برقع برگرفت      بند بندِ شیخ را آزر گرفت

چوں نمود از زیر برقع روئے خویش      بستہ صد زنار از یک موئے خویش

در بہشت حُسن و از بُرج جمال      آفتابے بود اما بے زوال

آفتاب از رشکِ عکسِ روئے او      زرد تر از عاشقاں در کوئے او

چوں صبا از زلفِ او مشکیں شدی      روم از و آرزم ہند و چین شدی[1]

محمود گامی کمن شارن منز چھُ اُمس ہیٚتھ زبانہٕ حُسنس طوٗمار گران تم

چھُ نوم سہ

شیخن وُچھ یوٚد نتہٕ لڑاہ      تتھ منز اکھ سوندراہ

مستس چھےٚ والان گنگے      مستانہٕ سرتس شنگے

رٔنیلو موے اُمی پیران      ماران زٔن سشتہما زٔن

ژھیٹہٕ ماران سمبولن      گنتھ کران اُمس گُلن

سینہٕ رٔٹیوک منز ڈٔکس      سو رٔخی تیٚچ چھےٚ کس

خمدار ہا رنجہٕ بُمے      کتھ کران رٔنجہٕ رُمے

حُسنن تہٕ عشقن کوٚر جوش      گو شیخ صنعا بےہوش

محمودن چھنہٕ یہ حِکایتھ شیرین خسرو یا منصور نامکو پاٹھو ترجمہ کرمژ۔ اکہ منز چھنہٕ سہ اصل مُصنفس تابع روٗدمُت۔ تمہٕ چھُ پننہٕ نظمہٕ خاطرا اکھ ژھوٚٹ موٚٹ بحر ژارِتھ کٲشرِ ین گیوٚ ڈٔنیچہ لیٚٹہ اکہ تیٚتھ روٗحانی سرمایہٕ بخشِمُت، ییٚتھ بوزِتھ وٕنیٚ پرِتھ کانٛسہ کٲشرِ دِلس منز جاے دِژ۔ یہ

---

[1] قلمی نسخہ منطق الطیر از عطارؒ مملوکہ ناجی منور

اوس اکھ تیتھ رۄحٲنی پَزٕ ایُس سیٹھا ژٔٹر تہٕ ٹھمکنار پچھٕ تہٕ کھوٚت تہٕ کیٚتھ
کنٕتھ مُرتہٕ آو اکھ اکِس باد نہٕ۔ محمودُن یہِ کارنامہ رُوزِ ہمیشہ تازٕ بتازٕ۔

شیٖرین پٔتھ خسرو تہٕ شیخ صنعان یتھ کمو مرخلو منٛز یِنٛچ محمودٕنی
شاعری تہٕ اعتدال کوٚس مثنوی آیہٕ بارسس، قلمال چھیتہٕ یہِ کنہٕ نسان
شیٖرین خسرو علاوٕ یتھ کتابہٕ محمودن لوٚتسُن لیکھنک تأریخ دِیُت مُت
چھُ سہ چھے قصہٕ ہارون رشید۔ یہِ مثنوی چھےٚ ۱۲۵۸ھ منٛز لیکھنہٕ آمٕژ
گویا شیٖرین خسرو تہٕ ہارون رشیدس منٛز بٲگُک مُدَت چھُ کُنٕ ہَتھ وری۔
محمودنہٕ دوٚن یتھ قدری مثنوی شاعری ہنٛد ارتقا لبن چھِ سیٹھاہ کرٕ کھٕ
محمودن چھُ اَتھ دقتس منٛز آیہٕ لکھنہٕ تہٕ پیا کہ پٕن سہ کارنامہ یُتھ کُنٕ ترود
نہٕ کٲشُر زبان ہیکہ نہٕ زٕنہٕ اَتھ نش دق ہیتھ رٲٹتھ۔

محمودنہٕ قصہٕ ہارون رشید، مثنوی یُس چھُ یم زٕ قلمی نسخہٕ مےٚ
دستیاب سپہ یم چھِ چھاپی نسخن نِش بلکل مختلف۔ اگرچہ دلیل کُنی چھےٚ
مگر قلمی نسخن ہنٛد کانٛہہ شار چھُنہٕ چھاپی نسخن منٛز کیتھے۔ قلمی نسخہٕ چھہ
زٕ ھوٚڈی۔ تیمن منٛز چھُنہٕ اَندِم شار تہٕ تیمن منٛز کتابہٕ ہنٛد تأریخ تصنیف یِتھ۔
تہٕ یمیُک اَکھ لیتھوک قلمی نسخہٕ تہٕ چھُ سٲرِم قلمی نسخن سیتی رلان۔ تَوے سپد
پہو مےٚ سٲرِم قلمی نسخہٕ کتابہٕ ہنٛدس حاشیس منٛز نقل کرٕن۔

یوسف زُلیخا یہٕ ہنٛد زیرِ نظر نسخہٕ، یمہٕ یمو نسخو پیٹھ ترتیب دِیُت
یمو منٛز چھُ جرمن نسخہٕ تہٕ نسخے ۱۲۷۸ھ ساوِ دیے لکھنہٕ آمُت۔ جرمن
نسخہ چھُ مشہور جرمن مستشرق کے ایف برکھارڈٹن ۱۸۹۴ء منٛز ترجمہ
کوٚرمُت تہٕ کٲشُر متن ہیتھ چھپن رومن تہٕ کٲشرس رسم خطس منٛز جرمنی
منٛزے چھپوومُت۔ یہٕ چھُ اکھ مکمل نسخہٕ تہٕ باسان چھُ زٕ برکھارڈٹس چھُ

اَکھ کھوتہٕ جان نوٚ نسخہٕ نظرِ تَل آسہٕ ہیتھ۔ مگر اَمہِ کھوتہٕ تہٕ اہم چھُ میون
قلمی نوٚ نسخہٕ یُس ١٢٧٠ھ منٛز نقل چھُ آمُت کرنہٕ۔ اَتھ نوٚ نسخس منٛز چھُنہٕ
مثنوی ہُند گوڈنیُک باب شامِل تہٕ چھس باقی باتھ درج۔ یہِ نوٚ نسخہٕ چھُ
یِتھہٕ شاہ پیٹھہٕ شروع گژھان ؎

وسمی یوسف فرزند یعقوب — نورِ تھہِ شدے ہمسایس منسوب

تہٕ اَند چھُس یِتھہٕ شاہس پیٹھ ؎

زُلیخا ووٚن یہِ حضرتِ جامی — اوٚن یہِ کٲشرِ پاٹھو محمود گامی

اَمہِ پتہٕ چھُس زُلیخا ہِنٛز زبٲنی یوسفن مقبولِ عام ہوٚری ؎

ترجمہ دوہہ گے زُلیخا ہوشیار

مینہِ تمہٕ نوسخہٕ یوسف زُلیخا ہِنٛدی نظرِ تَل چھِ تِمو منٛز چھُ یہِ سارِوے
کھوتہٕ تیُوٗن نوٚ نسخہٕ۔ یہِ چھُ محمودنہِ مرنہٕ پتہٕ پانژاہ وُہر ہیکھنہٕ آمُت ممکن
چھُ محمودن ما آسہِ ہیو گوڈ یِمِس ہُن مکمل نہٕ ہیتھہٕ لیچھمُت تہٕ پتہٕ چھُس
رنگ آمیزی خاطرٕ منٛز پانہٕ ہیکھو ہیتھ تہٕ باقی حصہ وٲد ہیتھ۔ یتھ تام میانہٕ
ذٲتی رایہِ ہُند تعلق چھُ یوسف زُلیخا ہِنٛد یِمہِ حصہ چھُ اَمہ مثنوی ہُند
روح تہٕ تمام لکھت تہٕ چھِ اَتھی حصس منٛز لو لہٕ مُتہٕ لاے کران آمتیو۔ یہ
حصہ چھُ پڑھ وٲدن کٲشرِ زنانن کیو مردن دِلن ہِنٛز ڈبرائے روٗدمُت
تہٕ اَمی حصہ کِنۍ چھے محمودنۍ یوسف زُلیخا مقبولیت کہِ لحاظہٕ تِمو منٛز ساریوے
مثنوی یو کھوتہٕ قابلِ قدر۔ محمودس چھُ پانس تہٕ اَمہ کہِ بجرُک ایحساس
اوسمُت توے چھُن پننس اَتھ کارنامس "صحیفہ" ناو کوٚرمُت ؎

حمد بے حد نعت احمد ہس صحیفس ابتداء

کلام اللہ ہس منٛز یِتھہٕ قِصس "احسن القصص" وننہٕ چھُ آمُت۔

محمودؔ نہ مثنوی ہُندیں حصہ چھُو کا شرس مئز نشتہ بون بنیومُت۔ زُلیخا یہ حُسنیکو تاریف، تسنہ خاب وُچھن تہ عزیز نہ مصرس نیش داتن، محمودؔن چھُو یہ حصہ زیچھہ بحرِ مثنو لیو کھمُت تو سے چھُو عام تکن نیش کاٰل کھاتس پوان روکد۔ مولانا جامی ین چھے سارے مثنوی اکی ہیے بحرِ منز تہ ہیوی انداز بیانہ تحریر کرمِژ۔ محمودؔ گامی ین چھے پنز کتاب جامی ہند یو نو ہو شارد ہیپھہ شوزد کرمِژ

چنین گفت آن سخندان سخن سنج | که در گنجینه بودش از سخن گنج

که در مغرب زمین شاہے بناموس | همی زد کوس شاهی نام طیموس

زلیخا نام زیبا دختری داشت | که با او از همه عالم سری داشت

نه گنجد در بیان وصف جمالش | کنم طبع آزمائے با خیالش

فراوان موشگافی کرد شانه | نهاده فرق نازک درمیانه

فلک درس جمالش کرده تلقین | نهاده از جبینش موج سیمین

فرود آویخته زلف سمن سائے | فگنده شاخ گل را سایه بر پائے

محمودؔ گامی چھُو زُلیخا یہ ہند حُسنکو تاریف نومن ابتدائی شارن منز

بیان کران سے

سوے زُلیخا اُس زیبا، دِلفریبا نوٗن زن

سینہ صاف آیینہ کھوتے اوس وش تس بدن

نار پستان راحتِ جان اسی تس رُتہ پہ شند ہو قبے

ڈیشہِ وزمون کرہیشہ وزمین اُسی فیران دِل ڈبے

اُفتنگ نال زُلف تے خال اوس شوبان پیشرو

سخت مُشکل زہرون دل چشم کافر کیش او

---

١- "زُلیخا" از مولانا جامی قلمی نو سخہ مملوکہ ناجی منور

مولانا جامي جھڙي عزيز مصر سندي زليخا جي ھند ڙلن نوبن شائن

ھن انداز ۾ اتشاد ان ـــ

ببيا جامي که همت بر گماريم      ز کنعان ماه کنعان را بياريم

زليخا با دل اميدوار است      نظر بر شاه راه انتظار است

زهد بگذشت درد انتظارش      دوا بخششي کنيم از وصل يارش [1]

تہ يوسفن قصه جھڙي نه موشارو پيڇهي شوڙ نہ گرھان ـــ

دبيرخانه استاد کهن زاد      درين نامه چنين داد سخن داد

که چون يوسف بخوبي بر سرافراخت      دل يعقوب را معشوق خود ساخت

بسان مردمش درين در ديده بنشست      ز فرزندان ديگر ديده بر بست [2]

يوسف سندي وڌيڪ هئي جھڙي يعقوبس نيش پيان تہ يوسفس

سائلس نينگ درخاس کران ـــ

اگر باشد اجابت قصد داريم      که فردا روز صحرا در گذاريم

برادر يوسف آن نور ديده      ز کم سالي بصحرا کم رسيده

گهي با او ره صحرا نورديم      گهي بر پشت کوه و بيشه گرديم

گهي از گوسفندان شير دوشيم      گهي شيرين و خندان شير نوشيم

بکنج خانه مانده روز تا شب      فارسله غداً يرتع و يلعب [3]

محمود گامي ھند سوڙي زور کلام تہ جھڙي يوسفئي قصه سندي نوڻ

نيران ـــ

اوس يوسف فرزند يعقوب      نوڙ ٿيهندي سمسارس شوب

---

١، ٢، ٣ قلمي نسخه "زليخا" از جامي مملوکه ناجي منور

شاہ خوبان اوس ماہِ کنعان      آفتِ دلِ غارتگرِ شبان

خوبصورتھ اوس ماہ رخسار      پوشہ تھر بیٹھ زن کانہ شہمار

ودہ یمبار بائے چھہ نیم شار ہیتھ ڈالس ترۆو تمہ کن داماں سہ

گیہ ڈایس شبنمس شیتھ      عرض و سلام کورتھس نتیتھ

بابہ صاّبو یوسف چھہ وَدان      ؎ فارسلہ معاً غداً

فیر کھہتس یہ انٛدر آنٛدی      نیر کہ پوشن کروس گونٛڈی

گیہ گیوتس دہ دس تہ فتس      لوز کران سہ روز دہتس

تہ صحراوس وائتھ کم ستم چھہ ودہ یمبار بائے یوسفس ہیٹھ کران۔ محمود ن

تہ چھہ یم شار لیکھان خونِ جگر کھیومت سہ

تبوت لوے میس نیلے یس تن      پمپوشس گو رنگ سوسن

زار ونان اوس ووہ یمبار بایَن      بہ یمہ موہمس ژھووم لاین

متہ کرو توم چھس ناچارے      پکہ ناوی توم نیہو وار دارے

اوس روان روان نالے      ہرنہ زن رامہ مونین حوالے

مولانا جامی چھہ یہ حال نومن شارن منز لیکھان سہ

چو پا در دامن صحرا نہادند      برو دست جفا کاری کشادند

برہنہ پا قدم بر خاک میزد      بگُل از خار و خس مسمار میزد

کف پائے کہ ما بودش ز گُل تنگ      زخون در خارہ خار اگشت گُل رنگ

بہ زاری ہر کہ را دامن کشیدی      بہ بیزاری گریبانش دریدی

بہ گریہ ہر کہ را در پا فتادی      بخندہ بر سر او پا نہادی

بنالہ ہر کرا آواز کردی      نوا ہائے مخالف ساز کردی[۱]

---

۱ قلمی نوسخہ زلیخا از جامیؒ۔ مملوکہ ناجی منور

یُٹھ دوٚیے مولانا جامی سٕنٛدِس شارٕ لاثانی چھہ۔ مگر محمودٕنی شارٕ تہٕ چھینہٕ
کینٛہہ کم پٔھۍمٕنۍ۔ اَز تہٕ چھہ کٲشِر ہنٛدیس گامس گامس منٛز اَنِتھ رَسہٕ مردٕ کیو
زنانہٕ، ییمن اَکہٕ اَکہٕ شارٕ یوٗسف زُلیخا زبٲنۍ چھےٚ زٕ متس۔ یوٗسف زُلیخایہٕ
ہِنٛد قلمی نُسخہ ۱۲۷۸ھ وراُے سٕے یِم نُسخہ زیرِ نظر رُودی۔ تِمن چھےٚ
اورٕ یور کیٚمے فرق۔ 'لٲل مجلوٗن' مثنوی ہنٛدِ پٲٹھۍ چھینہٕ یہ کتاب اَڈٕ کھٹنیٚو
گرٕ تھان روٗز مٕژ۔ مولانا جامی ین چھہ یوٗسفنہٕ مرنٕک حال بڈٕ معہ جہرٕ لفظن
منٛز لیٚو کھمُت۔ تِتہٕ برعکس چھہ محمود زُلیخا یہ ہٲنٛزِ زبٲنۍ تِمہِ باکہٕ زھٹان زٕ
عالمس چھہ وٕدٕناوان۔ یہ کتھ چھےٚ صحی زٕ اَتھ مرژیس منٛز چھہ محمودن دراصل
پنٕنۍ ہنٛ دادٕ پن وُنُتھ، دُیت مُت تہٕ یہ مرثی چھہ وٕہٕ نی کٲشرین کیٚہ باتن ہنٛد
حِصہٕ بنیومُت۔ "ترٕ ییمہٕ دہہ ہے گے زُلیخا ہوشیار" کٲشرِ زنانہٕ چھےٚ ماہِ صیام
چیٚن رٲژن رُوِدمن منٛز پنٕنۍ وٕکھنے سیٚتۍ ہیٚتھ عالمس وٕدٕناوان سہ

ترٕ ییمہٕ دہہ ہے گے زُلیخا ہوشیار     حالہٕ اَکے اُمس کرٕان نالہٕ زار
ہیانہٕ مرنے بتر تہٕ آمِتھ مرگزار     مرگزارن کمو زٔٹہٕ دُیتنے واگزار
بٔینہٕ وٕوٕدیو سیٚتۍ گرٕ اکو رودِ ہمو     مٲلۍ دٕوٕدیو کمٲ پہ کلہو رُو ہمو
نادلایے میانہٕ یوٗسفو دِہٕ لو     بیترٕ

لٲل مجلوٗن تہٕ چھےٚ محمود گٲمی ین نظٲمی سٕنٛزِ فارسی 'لیلا و مجنوٗن'
پیٹھٕ ترجمہٕ کرٕ مٕژ۔ مگر ییٚمہٕ آزاد پٲٹھۍ یہ مثنوی ترجمہ کرٕنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ محمودن
چھینہٕ بٔنیہٕ کانہہ مثنوی اَمہِ طرزٕ لیکھمٕژ بیاکھ کتھ چھےٚ یِتہٕ زٕ ییٚمہٕ اَڈٕ کھٹنیٚو
یہ کتاب گرٕ تھان روٗز مٕژ چھےٚ تیٚمہٕ چھینہٕ بٔنیہٕ کانہہ گمژ۔ چھاپی لٲل مجلوٗن چھےٚ
قریب ترٕ یہ ہتھ دٕ مصری شعرن، ہنٛز بیٚلہٕ زٕن ییتھ کتابہِ منٛز ترتیب دِنہٕ آمٕژ
لٲل مجلوٗن اَلہٕ پلہٕ ساڑٕ نَوٕن شتن دو مصری شعرن ہنٛز چھےٚ۔ اَمہِ مثنوی

منٛزٕ نعم کاہ حسین بأتھ اَسہٕ ژٕنیتام کھوٚتھ تھے رٕوزِتھ مہ

۱. سید امیرتین آدیٛیٚنہٕ ووٚلیٚ — از ژٕ لہ اَسہٕ نیہ ہول سئ

۲. عمر تٕہ شہزادہ آدے لٕتھرے — ژٕ تہٕ کر لٕتھو یس کو سمن کژاو

۳. کیاہ گوٚ یسے غوٚجیہ تے روے چھک نہٕ ہاوان

ونتہٕ لتھو کوٚ مژٕ راوان چھک

۴. زلہٕ ون دود چھس چون للہٕ وأنی

مار مژٕ زار بوز میأنی یے

۵. ووٚنٹنہ ژٕ وٚنھ آد کہوٗ تہٕ لولو — کُہ زاتہٕ لو بیہ ما دوہ تہٕ لولو

۶. متہ مجلوٗ نہ گتہٕ یارٕ لولو — لاٗل کیتھ کٕھتس مار لولو

۷. یارٕ گوم ولیس تے مارسے پان بو — یالہ یارٕ کٕہ لو ہوتے سو

۸. متہ مجبلہٕ تہٕ گتہٕ میانہٕ یارو — گتہٕ یارو ژٕ وٚتھم لٕژ

۹. متہٕ ژٕ ل تم از متہٕ ژٕل تم — پتہٕ لارسے متہ مجلوٗ نو

۱۰. مے بریہ بریہ نکاوٚ کرمے پیالو — دلو لالو چھے ہم نا

۱۱. مجلوٗ ن پاران لالہٕ منٛز مائے — ڈٕپی توس بٕتیہ میلہٕ نا سے کیاہ

یمو یتھو بأتھو علاوہ اَسہٕ ہتہٕ بدِ کر شار مثنوی منٛز ژٕ نیتام چھپتھ

رٕوٚدی میٛتھ۔ کلیاتِ محمودِ گامی ترتیب دِنہٕ وز رٕوٚدی مے سارے کھہٕ تہٕ حیاد

قلمی نسخہ اَمِ کتابہٕ ہنٛدی نظرتل۔ ییمو سارے منٛز چھ نسخہ ۱۲۸۴

نسخہ احسن شاہ تہٕ نسخہ لکھنو پوٚر مکمل تہٕ اور پور چھک سٕکے ورق۔ غلام محمد

نور محمدن چھأپی نسخہ چھہٕ غالبن رشریح محکمہ کہ نسخہ نمبر ۱۱۰۵ پیٹھے نقل

آمت کرنہٕ۔ مگر اَمہ ژٕ وٚنہہ چھہٕ بیاکھ نسخہ عبدالحے نو کدلی ہنٛدِ ذری یہ

امرتسر چھاپہ گومت ییٚس غلام محمد نور محمدنہٕ نسخہ کھوتہٕ حیادٕ قأبلِ قدر چھ۔

محمود گامی یمِن لال مجنونن پیٚٹھ چھےٚ یہ کتھ ناکار پانٕچھ لبنہٕ یوان زِ یہ چھےٚ کأشرِس منٛز گٔیہٕ ڈرامٹک غنائیہ (Opera). یہ داستان چھےٚ تمہِ اندازٕ کأشراونہٕ آمژ زِ ناوٕ تام چھےٚ بدلاونہٕ کأشر آیہ لیکھنہٕ آمژ۔ مثلن سلیم عامر سید میر۔ لیلیٰ۔ لال۔ مجنونن مُنٛد مول سید میر چھُ نیچوٕ سِندِ بن خانٛدرس پیٹھ تیٚتھے یژمن بنان زنتہٕ کأشرِس خوجس چھُ گرِ خانٛدر آسان۔ وچھیو زنانہٕ کمہِ آیہٕ چھےٚ اَتھ خانٛدرس پیٹھ وَنہٕ ناوان ؎

سیہ امیرنین آ۔ ییٚنہٕ دول ییے　　از ژٕ لہِ اَسہٕ نبہٕ ہو لیے
برٛونٛہہ برٛونٛہہ شہزادٕ پیٚتہٕ پیٚتہٕ مولیے　　پانہٕ چھےٚ رنگہٕ دوہزو لیے
ناپیٚہٕ دانہٕ پیٹھ چھس پانہٕ دوہ دمو لیے　　از ژٕ لہِ اَسہٕ نبہٕ ہو لیے
دوہ دوہ ماجہِ رۅستے کیاہ شُبہٕ ڈولیے　　ہتہم اَنُن بھا ییٚنُن بو لیے
سو نیون پانہٕ وانُن ژٕ لہِ لکنہٕ او لیے　　از ژٕ لہِ اَسہٕ نبہٕ ہو لیے

اُتھی وَن وٕنِس سیٚتھ چھُ بیاکھ وَنہٕ وُن تہٕ۔ محمودن چھُ اتھ منٛز کأشرِن پوشن ہُنٛد ذکر بڑٕ شوبہٕ دار طریقس منٛز کورمت ؎

وِگنہیو وَنہٕ نود منٛز روبہٕ خانس　　مہرانہٕ مجنونن خانہٕ ییے
مجنونن ہیہتہ پیٹھ دیوان خانس　　گِندان پوٚرسا مانہٕ ییے
جان جان وَنہٕ دی تس جانانس　　مہرانہٕ مجنونن خانہٕ ییے
نیرِ پوش ہیٚنگہٕ لاگس مُلرشہِ خانس　　اچھِ پوش لاگہٕ دامانہٕ ییے
سونہٕ پوش لاگس منٛز گریبانس　　مہرانہٕ مجنونن خانہٕ ییے

محمود گامیو ین اگرچہ لال مجنونن نظامی سٕندِ لیلیٰ مجنون، برٛونٛہہ کنہٕ تھوٚو تہٕ لیکھمژ چھےٚ مگر اَتھ ہیکوٚنہٕ اَسہ کُنہٕ رنٛگو تہٕ ترجمہٕ ونِتھ کأشرِس ادبس منٛز رٹِتھ یہ کتاب پلہِ گژھ بدون مقام یُس نہٕ از تام اَتھ میوٚلمت چھُ۔

فارسی یس منز چھُ اَتھ کتابہ بلکُل بدٕون رنگ۔ یتھ اَتھ محمُودس پیٹھ
سیٹھاہ کم چھُ۔ مثالہ کنُو چھُو نظامی سنٛدیو نوم شعر۔ لاَل چھے مجلوٗن
سنٛدس فراقس منز یتھہ کنُو آداہ کاعُرت

| | |
|---|---|
| برگل ز مژه گلاب میریخت | مهتاب بر آفتاب میریخت |
| از بسکه نمود نوحه سازی | بخشود دلم بر آن نیازی |
| گفتم چه کسی و کیست از چیست | نالیدن زارت از پی کیست |
| بگشاد شکر بزهر خنده | کای بر جگرم نمک فگنده |
| لیلی بودم ولیک اکنون | مجنون ترم از هزار مجنون ۱؎ |
| او گرچه نشان گاه درد است | آخر نه چو من زنست مرد است |

تہٕ محمُود چھُ لاَلہِ یارٕ سنٛدِس فراقس منز تیمن شارن منز وَدناوان سہ

| | |
|---|---|
| خیالِ یارٕ سنٛدے زار وَدُن | اَشکے بُرِ کرتیس بہٕ خاک لوٗدن |
| ژُھتے بو پانہٕ وانی اَسی ژانہٕ باجی | ژُھتے ترٛاوتھ میانہٕ دُلے لا جی |
| ژُھتے روٗدے میانہٕ باپتھ غاشی آرام | ژُھتے گوو میانہٕ میانے منز ینِ شام |
| آدٕ یکہ یارٕ میانے داغ کرلدے | کتیتو چھیک متہ شانہس پیٹھ بُرٕ وَدے |
| پانہٕ نے دستہٕ مستس شانہٕ کرے | ژُھنے ژیشتھ بہٕ ہو دیوانہٕ مرے |

محمُود گامی چھُتہ لاَل مجلوٗن داستان تمی لیکھ پکہ ناوان یتھہ لیکھہ
نظامی ینٛ لیچھیر چھے۔ اَتھ مثنوی منز چھُ محمُودن اصل دلیلہ پیٹھ بڈ
کم زور دیت مت، تہٕ ییتہِ ہیکو متہ تیتھو باتھ اَتھ مثنوی منز بروہ متو وین
گوکینژن شاین چھِہ نظامی سنٛدین شارن سیتہ محمُودنی مثنوی زان هش

---

۱؎ لیلی و مجنون از نظامی مطبوعه

ژھلن مجلوٗنس چھےٚ پنٕنۍ موج لاٗیہٕ ہشدِس لوٗلس منز ورفتار ڈیشان تہٕ سعہ چھےٚ موٗھسوٗس کران نظاٗمی سٕندِین شارٕن منز

دید آں گُل سرخ زرد گشتہ — واں آئینہ زنگ خوردہ گشتہ
اندام تنش شکستہ شد خورد — ز اندیشہ رو بدست و پا مرد
گہ شُست باب دیدہ رویش — کہ کرد بشانہ کلک مویش
سرتا قدمش بمہر مالید — بر ہر ورقے بدرد نالید
می بُرد بہر کنارۂ دست — گاہ آبلہ شُد گہ برو بست
گہ رفت سرو تن از غبارش — گاہ کُند ز پائے خستہ خارش[1]

محموٗد گاٚمی چھِ قرینہٕ پیٹھۍ جذبات مجلوٗن سٕندِس حالس سٕندِس سینس منز ژھالہٕ ماران ہدان

بدنس ہوٗر گومت تس مدتس — راتھ دوہ نۍ گژھان تس ژھین وٕدنس
شُنیتھ گاٚمژ شانہٕ ہوٗر ژٕنجے — قیس ڈیشتھ جگرس گےٚ تیٚہ کھنجے
وُچھتھ ژٕنج باکہ نیرِتھ سیدِ پرس — دور تمۍ سینہٕ پیر عشقہٕ تیرس
نوٗر دیدہ میانہ چشمن ہشدِ لالو — ژٕ کمیوٗ زالہٕ لوگ ہم ژاٹہٕ ہالو
ژٕلے کیموٗ کالہٕ منز چھن نال دوٗلے — ژٕلے کمیوٗ ہتہٕ تنے خاک موٗلے

یِموٗ بجوٗ مثنوی یوٚ علاوٕ چھےٚ محموٗد گاٚمی ین وارہ لوٚکچہ لوٚکچہ مثنوی تہٕ لیچھمژٕ۔ یِم سارِے تہٕ چھےٚ محموٗدن فارسی حکایژو پیٹھے ترجمہ کرمژٕ۔ یِمن مثنوین منز چھِ منصوٗر نامہ، یک حکایت، پہلی نامہٕ تہٕ قصہ محموٗد غزنوی اہم مثنوی یہ۔ قصہ محموٗد غزنوی چھےٚ ذرا زیٛچھ پہن مثنوی۔ اتھ منز چھےٚ

---

[1] لیلیٰ و مجنوں از نظامی مطبوعہ

محمودنہٕ وقتہٕ کِس نور اللہ تہٕ لال مرجانہٕ ہنٛدِ عشقُک داستان۔ یہٕ مثنوی تہٕ
چھےٚ مےٚ اَکِہ اہم قلمی نُسخہٕ پیٹھٕ ترتیب دِژمٕژ یُس ۱۲۸۴ھ منٛز بلہ ڈٲر
گامُس منٛز علی تلہٕ وٲنۍ سٕنٛدِ خٲطرٕ لٲل مجلونٕ ہٕنٛدِس نُوسِنٛس سٟتؠ لیکھنہٕ
چھُہ آمُت۔

یِم حکایتہٕ چھےٚ اَکھ لُکہٕ کٕٹ مثنوی ہِن۔ اَمہٕ مثنوی ہُنٛد چھُہ مےٚ نِش
اَکھ تیٚتھُے تہٕ قلمی نُسخہٕ موجوٗد یتھ نقل کرنُک تاریخ پوٗتُس سنہ ۱۱۲۳ھ دِتھ
چھُہ۔ اگر یہ تاریخ دُرُس مانو تیٚلہِ چھُہ اِمکان زِ محمود گامیٚ یُس بڑٕ تہٕ چھُہ بیاکھ
محمود اوس مُت، یِمَن ہِنٛز یہٕ تخلیق چھےٚ تہٕ اَتھ سٟتؠ چھےٚ مثنوی ہِنٛدِس فارسی
منٛزٕ بیاکھ نظم یوٗ پیرٕ نامہٕ تہٕ۔

منصور نامکو تہٕ ٹہلو نامکو یِم قلمی نُسخہٕ مےٚ نِش محمود گامی ینٛہ چھِہ
تِہِنٛد علاوٕ چھِہ مقبولنٕ تہٕ قلمی نُسخہٕ یِمَن مثنوی یَن ہنٛدۍ مےٚ نِشہ موجوٗد۔
مقبولُن منصور نامہٕ اوس اَکہ ادبی رٕہزُنَن یِنہٕ نٲوٕ چھاپ کوٚرمُت یُس
محمد یوسف ٹینگ صابٕنہٕ تحقیقہٕ موجب مقبول کرالہٕ وٲرۍ سٕنٛز تخلیق مانٕنہٕ آیہٕ
مگر میانۍ ذاتی رائے چھےٚ زِ یہٕ گژھہ مقبول امرتسری سٕنٛز تخلیق آسنۍ (اَتھ
کُنہٕ میٹھہ یِنہٕ ٹینہ ساتہٕ بحث کرنہٕ۔) یِتھےٚ کُنہٕ چھُہ ٹہلونامہٕ تہٕ محمود گامی
علاوٕ مقبول امرتسریَن لیوٗکھمُت۔ یہٕ اوس اَز بڑٕ تہٕ کیٚنہ کال شفی شوق تہٕ
گُلشن مجیدنہٕ تحقیقہٕ سٟتؠ کلچرل اکادمی ہنٛدِس رسالہٕ شیرازس منٛز مقبول
کرالہٕ وٲرۍ سٕنٛدِ ناوٕ چھاپ گومُت مگر مےٚ نِش یُس قلمی نُسخہٕ موجوٗد چھُہ،
تَتھ چھُہ صاف لیٚکھت" از کلام مقبول امرتسری" مقبول امرتسری سٕنٛد
ناو چھُہ ازگوٚڈنیچہ پھِر میانہٕ دُسرٕ دُری یافتہٕ سپدان۔ یہٕ چھُہ غالبَن مقبول
کرالہٕ وٲرِس ہم عصر اوس مُت۔ تکیازِ مےٚ نِش یِم قلمی نُسخہٕ اَمی سٕنٛزٕن

تخلیقن ہنٛدِ کیٛہ چھِہ تم چھہِ ۱۳۰۰ھ تہٕ ۱۳۱۵ھ درمیان لیکھنہٕ آمژٕ۔ یِمہٕ
کِنھہٕ بیٚیہٕ مےٚ اوٚسبسہٕ ییٚتِن چھُکاوُنہٕ تکیاز مقبوٗل تہٕ تہٕ محموٗد گامی ہنٛزِ
یِمہٕ دوٚہ شوٗرے مثنوی یہٕ چھےٚ بلکُل ہِشی۔ مضموٗن، بحر، تہٕ زبان چھےٚ قریبن
کُنی۔ یِمہٕ چھےٚ اوٚلہٕ ییٚچھٕ اَدلہٕ بَدل گژھان روٗزمٕژ۔ مےٚ نِش یُس
مقبوٗلنہٕ منصوٗر ناموٚک قلمی نُسخہ چھُہ سُہ چھُہ ۱۳۰۷ھ منز میاٗنِ پڑہٕ دادہٕ
بَب قدوٗس لونن نقل کوٚرمُت تہٕ یتھ کھٕیتس چھُنٕس قَط دِتھ مقبوٗلس
محموٗد بنوومُت۔ دوٚہ س گوٚ مقبوٗلنہٕ یِم دوٚہ شوٗرے مثنوی یہٕ چھےٚ محموٗدنہٕ مثنوی
کِنھہٕ تہٕ ہاوٕ واضح تہٕ یُہ اَثر۔ شاید اوٚ کِنھ زِ مقبوٗلن آسن محموٗدس پتہٕ
یِمہٕ مثنوی یہٕ لیٚچھمٕژ۔

محموٗد گامی ہنٛزن تخلیقن منز اَس وُنستام 'وفات نامہ' تہٕ اَکھ
اہم تخلیق ییوان مانِنہٕ۔ مگر حالے سپٕدِ مےٚ کینٛہہ تِتھۍ قلمی نُسخہٕ دستیاب
یِموٚ کِنھ ثابت سپٕد زِ سُہ وفات نامہ چھُنہٕ محموٗد گامی یُن لیوکھمُت۔ یُس
یِیمہٕ شارٕ ییمٕژ شوٗرو چھُہ گژھان ؎

اَس صغیرٕ تی شتوٗ ہم بے دوار     گیہ بیمار رسوٗل موختار

تہٕ اند چھُس ؎

روز کمالِ خوٗشیے آندر     غم دُنیا و عقبیٰ مخور
سون جناب چھے آنسرور     صلی اللہ علی النبی

یہٕ وفات نامہ چھُہ دراصل بدل شاعِر بابا کمال سُند۔ باکمال چھُہ
کشیرِ ہُند مشہوٗر فارسی شاعِر۔ یِہُند نوٗرنامہ تہٕ رٕیشونامہ زٕ اہم کتابہٕ
چھےٚ۔ نوٗرنامُک تِہُند یُتیم شار چھُہ ؎

سُرمہٕ چشم کمال     خاک در نوٗرالدین

وفات نامہ علاوٕ آو مےٚ تِمہٕنٛد بیٚیہِ تہٕ کینٛہہ کاشُر کلام بدس۔ وفات نامُک اَکھ قلمی نوٗسخہٕ چھُ ۱۲۰۱ھ سراج الدین نہٕ قلمہٕ لیٖکھِتھ مےٚ نِشہِ موجوٗد۔ اَتھ نوٗسخس سیٖتھ چھےٚ بیاکھ مثنوی تہٕ 'طوطہ نامہٕ' تہٕ یِمہٕ سیٖتھ عبید پالن لیٖچھمِ چھےٚ۔ اَتھ وفات نامَس چھُ دراصل یِتھہٕ کٕنۍ لیٖکھتھ ؎

ناو تِمہٕنٛد آیار ہیمے     دِیو معہ کلہٕ ہر کُنہٕ غمے
پَر کمالہٕ یہ دٕیہِ دَمے     صلی اللہ علی النبی

چھاپی نوٗسخس چھُ لیکھتِس کمالہٕ بدل 'کمالِ خوٗشی'، بنیومُت تہٕ محموٗدنِس ناوَس تَل چھپیان روٗدمُت۔ اَمی وفات نامُک بیاکھ قلمی نوٗسخہٕ چھُ مےٚ نِش موجوٗد۔ یِتھ لیٖکھِتھ چھُ 'روز محمودٕ خوٗشی اندر'۔ مگر اَتھ چھُنہٕ تاریخ دِتھ۔ مُمکن چھُ محموٗدن آسہ وفات نامہ لیٖو کھمُت یُس وُنہٕ چھپِنے چھُ۔ مےٚ نِش تہٕ چھُ اَکھ بدل وفات نامُک قلمی نوٗسخہٕ مگر اَمی آخری حِصہٕ چھُس غائب، یِمہٕ تَلہٕ اَمیک لیکھتُت ننہٕ ہے۔ یہ چھُ یِتھہٕ کٕنۍ شوٗرٕ گژھان ؎

حمد تَس یَمہٕ یادٕ کوٗرُن سال و ماہ
تَس رٕوٚ سیٚتۍ روزِنہٕ مرکٕنۍ پادشاہ

اَتھ ہیٚچھ چھُ وُنہٕ تحقیق کرُن باقے تہٕ کُلیات محموٗد گامی منز چھُنہٕ وفات نامہٕ شامِل پیوان کرنہٕ۔ تَتھ بدل آے مےٚ وفات نامے حضرتہٕ فاطمہؓ ہِنٛکۍ کینٛہہ نوٗسخہٕ بدس تہٕ یہ چھُ اَزٕ گوڈٕنچہ ورٕ چھاپ سپدان۔

بہرحال محمودٕ گامی چھُ کُنہٕ صدی ہنٛدین سارِنے شاعرَن ہُنٛد امام روٗد تھَومُت۔ کاشرِ چھُ رَسُل میرنۍ پاٹھۍ غزل کیٚتو گیت بُرونہہ کنُو۔ کاشرِ عبدالاحد نادمِ سِندۍ پاٹھۍ نات تہٕ کاشرِ مقبولنۍ پاٹھۍ مثنوی۔ یِتھہٕ مثنوی یہ محموٗدن یوٗسف زُلیخا، شیخ صنعا، شیرین خوسرو بیتر

لیکھِت کٔرٕ دِیُت سعہ مثنوی بنےٚ یہ مقبول کرٕالہٕ واریہ سٕتھ دٕسے
برونٹھہ کُنٕ کُل ریز ہیش نُنٕدٕ بون فن پارٕ۔ محمودن ییٚمن فارسی کتابن
ترجمہ کٔر۔ تِہندی کتابٕ تیٚجہ محمودس یتہٕ باقےٚ شاعرن تہٕ۔ محی الدین مسکینن
تہٕ قادری یَن تہٕ لیچھو یوسف زلیخا۔ شیخ صنعا لیچھو مولوی انورن شیرین
خسرو لیچھو نامی یَن مگر کانٛہہ شاعر ہیوٚکیہٕ محمودنس کمالس واتتھ تہٕ نہٕ ہیچ
کانٛسہ پتہٕ مقبولیتھ ییتہٕ اوٚتھ۔

مثنوی یو علاوٕ رٕودی مےٚ محمود گامی نِہن وژنن، غزلن، نظمن تہٕ
نانتن ہنٛدی وار ۱۵ قلمی نوہ نسخہٕ نظرِ تل۔ یِم باتھ چھہ شوقہ والیو ییٚنہٕ بیاضن
منز وِزٕ وِزٕ درج کٔرِتھ مِتی۔ محمود گامی نِہن باتن منز چھہ درجنہٕ واد وژن غزل
نظم کیو نات، یِم گوڈنچہ وِزٕ یٔرن والین برونٛہہ کُن چھہ یوان۔ یِمن منز چھہ
کُنہٕ تام تِم باتھ یِہ یِم گیون واٚلی گیوان چھہ مگر چھاپ چھنہٕ سپدی مِتی۔ مثلن:

تن من بو روز سےٚ یارا وِتھ منہ ناوِتھ انتن یار

یا سہ     ہولہٕ گنجہ سو لولہٕ چانے قولہٕ مو ڈٔل مدنو

محمود گامی ینہٕ اکثر باتھ چھہ ژمصری وژن، یِتھ منز ترٛیےٚ ترٛیےٚ
مصرٕ بیون بیون قافیہ چھہ تھاوان تہٕ ژورِم مصرٕ چھہ گژھان آسان: اَمہٕ وژنچ
تاریخ چھےٚ کٔشرِس ادبس منز سیٹھا پرانی۔ لل دیدِ ہنٛدِ وقتہٕ تہٕ آسہٕ ہے
شاعری ہنٛدِ یہ صنف مقبول تُرےٚ چھہ لل دیدِ نہٕ 'وژن' لفظ استیمال کوٚرمُت
للہٕ مےٚ کوٚرنم واکھہٕ تہٕ وژن، مگر اَمہٕ زمانک وژن چھنہٕ اَسہٕ تام واتھ ہیوٚکمت
اَسہٕ نِش چھےٚ حبہٕ خوتون گوڈنچ شاعرہ ییٚمہ سٕنزِ شاعری منز یہ صنف پوٚرٕ
پاٹھو جانہٕ کرٕتھ باسان چھہ۔ مگر محمود گامی نہٕ دُسیوٚس عوٗروٗج اَتھ صنفس
ووٚنگ سُہ چھہ اَمیک معراج سہ

کتیو چھک نشہٕ بانے — ووٕلو ماشوقہٕ میانے
شرابچہ پیالہٕ برو — گوٕلابن مالہٕ کرو
پگاہ یا کالی مرو — ووٕلو ماشوقہٕ میانے

فارسی غزلچو لوازمات ہیتھ چھہ غزل محموٗد گامی ین تہٕ لیوٗکھمت مگر واریاہ کم، محموٗدس چھُنہٕ غزلک فارم شاعری منز راس آمُت، تمہٕ یم زٕ ژور غزل لیکھمتہٕ چھہ تم تہٕ چھہ تمہٕ سٕنٕز شاعری ہنٕز کمزور مثالہٕ۔ اَمہ زمانہٕ کیو واریاہو شاعرو چھے غزل لیکھنچ کوشش کرٕمٕژ۔ مگر کامیاب چھُنہٕ کانٛہہ گومُت۔ وژُن، اُسو ہیٚن یا غزل اَمہ زمانہٕ چھُ شاعرو محض گوہنہٕ باپتھ لیوٗکھمت۔ شاعر اُسہ ییمَن سارنے وژنن کیو باپتھ پیٚٹھ کنز یا تہٕ غزل لیکھان نتہٕ ترنمُ ہنس۔ محموٗد دٕقتس تام چھہ لل وٕدیہٕ ہٕنٛدہ واکھ تہٕ شیخ العالم سٕنٛدہ شرکہ شاعری منز سنجید صنف روز مٕژ یتھ لُکھ پران اُسہ تہٕ بیان کرنس منز۔ نقل کران اُسہ اَمہ پتہٕ چھُ محموٗد سُندِ سُ شاعرِ ییمہ سٕنٛد کلام (مثنوی، نات وژُن بیتر) لُکو اُچھن موٗکھتہٕ تہٕ یہ کھوٗرٕ کہ جایہ جایہ نقل کرٕتھ موٗحفوظ۔

محموٗد گامی چھُ ییمَن وژُن منز پنہٕ نس اصلی کاشرس محبوٗبس کہنے نا اُمیٚد کران۔ وژن تہٕ ییمَن منز کاران۔ کانٛہہ گوم چھُس پتہٕ لاران۔ باہٕ کتہ لُکن ہٕنٛد سر سروٗدس منز تسٕنٛدہ نغمہ بوزان۔ وتن چھُس باغہٕ بیر وہہ بٹران۔ تن چھُس کونگ تہٕ کستوٗرٕ سیتی ملان۔ کہے چھُ اُمس لچھہ ناوٕس گیچھ کنٛھٹین منز اَچھ دارِتھ کٕنٛدٕ باسُتھ یان بیرٕتھ روزان۔ کہے چھُس روشہٕ ناوٕتھ منٛنہ ناوان تہٕ منٛنہ دیتھ وشان کہے چھُس وید اکہ دوان تہٕ کہے چھُس ہیتوٗ سیتی اَمہ ناوان۔ پریتھ رنگس منز چھُ محموٗدنین باپتھ ہٕنٛد محبوب کاشُر محبوب۔ سُہ چھُ تمس شانگس نو گامہ اَچھ وٕلہٕ۔ عشقہ مقامیہ، ترالہ تہٕ کیتین کانٛن منز ژھاران۔ سُہ چھُ تمس ژھیٚتر

بوٚنِس تَل خوٗش ہواوَس بیٚہناوان۔ تُل مُل چھُس مأکلن نِوان تہٕ گہے چھُس ڈٲکھ سأل کرناوان۔ گہے چھُس توسہٕ مأدان بالَس کھَسہٕ وُن بوسہٕ پأغام لدان تہٕ بیٚیتھی ہیٚوہ کیٚتیاہ شارچھہٕ اُمہ محموٗدنِس کلامَس مَنٛز ڈٲچھان سہ

اَستأکھ استأکھ بانٛزِ بیٚیرِ وٕدہٕ بھراوَس تے

کوٚنگہٕ کسترٛوٗرِ مُشکہٕ کو فوٗرِ تن ناوَس تے

میٚتھرو بیٚہتمہٕ چھیترِ بوٚنِس ہواوَس تے

شیٚہتھرے گیلِتھ مِتہٕ کرتمہٕ چھس بےکس تے

اِیشہٕ بَرِ چھی مَنٛکہٕ شیٚشے رأسہٕ وٕدہٕ لوٗرِ مِلہٕ نَشے

خاچیہٕ پانَس بیٚیرِ کیٚشے بیٚہتہٕ دِماہ مِنٛزٕ ترٛوٗنٛٹھہٕ کنے

•

تیٚل بلہٕ کیٚشاہ آب وٕ ہوا نٔتھہٕ لدُن دادِن دَوا

•

بأکلی بأکلی مے پھیریٚرِ شے کٲلی کیٚتیاہ سمسارِن

کٲلی وٕ ٹھہ قیامٔرِ شے کیٚہ کرٛ ہتھس مُرِشے بو

محموٗدس چھُہ یارٕ سُنٛد لول یِوان تہٕ سُہ چھُس ہأٹرِل تِھنِتھ برٛمراوان تہٕ بیٚین منوٗت گژھان۔ مَنٛزٕ چھُس کأنٛٹھ مال، چِیکل تہٕ کنہٕ دوٗر مُہیتھ نِوان۔ محموٗدٕ چھُہ پننہٕ وَقتہٕ کیٚن عام زیوَرن ہُنٛد، کشیٖرِ ہنٛد خاص پیٚہ شاکہٕ تہٕ کأشرِ پوشاکن ہُنٛد ذِکر جایہٕ جایہٕ کران تہٕ یِہنٛد ذِکر کرِتھ چھُہ کمہٕ مایہٕ وٕدہٕ لسنَس یِوان۔ پوٚزِے بوزو محموٗدُن اَصل محبوٗب چھُہ کشیٖر۔ سُہ چھُہ اُمہ سٕنٛدِس اَکس اَکس نازَس تہٕ اداہَس ہیٚتھ مَستھ گژھان۔ تہٕ اَمہ کِس ذرٕس ذرٕس یاوٕن وندان پننہٕ زِنٛدٕ باتن مَنٛز۔ لأل مجلوٗن ہنٛدِن تیمَن باتن ہُنٛد یہ شار وُچھو یِم وُنستام

کھٹُو بِتھے اُسی رٔوزِتھ۔ اُکِس اُکِس اُچھرِس منٛز کیٚتھ کُنہٕ چھےٚ محمود ینٛن کاشُر

آسنُک داوا کران سہ

مغرورِ مےٚ گژھ صوٗرتس ماہ مثالی ییے
ژھا ئِکِس مےٚ ناز ناگرا پیٚنہٕ ہی ٲلی ییے

وُنہٕ کتہٕ دِمےٚ سنیاسنہٕ گو پاٲلی ییے
ہتےٚ وِیسِو ییے ہیتہٕ کرِ تم اوڈاٲلی ییے

ہار ییٚنہٕ وُچھتو زُلفن زولے
ٹھوٚکو توس وڈ موخِتہٕ لول ییے

ڈیکہٕ ٹیکہٕ شوبہ تس لالہٕ مولے
از ژالہٕ اَسہٕ نبہ ہول ییے

سوہ ہُشِہ گو ٹنڈتے جامہٕ چھس چھُتو ییے
کامہٕ دیو شہزادہٕ آنٛگن ژاو

مژھن چھس مژہ بند ٲلی چھس ژٹی ییے
ژیتہٕ کر لشتو ییے کوسمن کژاو

روشہٕ روشہٕ کوسمن مالہٕ کرناوان
یاسمن گوٚنڈی کرناوان چھک

ہیہٕ ییتو ہی تن چھک فوٗلہٕ ناوان
وَنیتہٕ لشتو کو مُژراوان چھک

محمود گامی چھُ یَنِہ وَقتہٕ نوَ زمانُک تہٕ نوین قدرن ہُنٛد نغمہٕ خان

اوسمُت۔ اُسی ہیکو ییتہٕ وٲنِتھ زِ سُہ چھُ ینہٕ وقتُک بوٚڈ بارہٕ باغی اوسمُت۔

تمی چھےٚ اکہٕ طرفہٕ وَقتہٕ کِس حکومتس سیٚتھ بغاوتھ کٔرمٕژ زِ حکومت چھ

زبانۍ نِش چھُ ہتھی چھیٚنٛ گومُت تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ چھُ تمن پیرن تہٕ مُلن نِش

تہٕ رو گردان سپدمُت یم شاعری مذہبس تاہے موٗحد وٗد اُسی ژھان بہان ون۔

تمی ہیوٚت لول تہٕ عشق ینٛہٕ ہمن نغمن منٛز ورتاوُن ییٚمیُک بُنیاد حبہٕ خوتونہٕ گوڈنچہ

لَٹہٕ کاشرین منٛز ژاوٕ دِژ اُس۔ وون گو محمودن اُسی سپدامہٕ لولہٕ شاعری

ہُنٛد دامن بے حد وُسی۔ یِمیُک نتیجہ یہِ دراو زِ رۄشِل میرَن تہٕ مقبوٗل کٔرٲلہٕ واریہ ہوی شاعِر درایہ نٔنی۔ محموٗدَن یِمَن نوزُک خیالَن گوڈنیچہ لٔٹہٕ وُتُھ دیُت وُنِستام چھیہ سانٛی واریاہ بُڈی کیٚہ لوکٕٹ شاعِر تِمَنے للہٕ کھوٗل کران آمتۍ۔ محموٗدس پَتہٕ یِیلہٕ رۄشِل میرَن یِتھی ہوی سَنہٕ وۄنی نغمہٕ بوزی تیٚلہٕ دِیٚن زِ تِمَن تہٕ آیہ زوٗ۔

مُشرٲوِتھ نیٚوٗ نَم سعہ نے — بُتہٕ کرِہَس رویس موہنے

گوم تراوِتھ رچھن بےٚ — کرِیے دوشُن دِیے

تَس حاٲلَس تُشند خویہ ہے — مشتاق گے سَس رویہ ہے

پَنٕج سَس یہٕ تَنہٕ پوٚت ژھایے — غم چھُم پوٗری پیٚیہ نا سے

ولہٕ کرتٕل لاٲسے ہتھ ژھونچے — یَتھ دامنَس کرِ ہتھ کھنچے

بالہٕ دِل چھُم نہ روزان وٕٹنچے — سخت لوے نَم زخم کاٲری

یا اکہِ حسین ہٲیمٕت یہِ بند ہ

لگے اُسُن متہٕ کرتم کوہ کاٲلی ییے — ہُکے ہُکے بیری مے تراو چھوٚہ کاٲلی ییے

وُکلہٕ کرِتھَس وُچھتہٕ مرُن چھُہ کاٲلی ییے — ہتےٚ ویٚسی ییے متہٕ کرتم اوداغ لی ییے

محموٗدن اگرچہ زمانس سیتی نجاتھ کٔرِتھ بوٚلس للہٕ کھوٗل ہٮ۪وٗت کرُن۔ مگر لل دیدِ تہٕ تُہُند یَتھی نِس پاٚنغامس نِش دِژُن نہٕ دامن۔ سُہ روٗد تِمہ روٗحانی فلسفُک زبروس تبلیغ کران یُس کٔشیرِ منٛز ساسہٕ وادَن وٕرِین پھانٛپھلیو مُت اوس تہٕ اِسلام پور واتنس سیتی سیتی لٔبِن نوٚو زِندگی۔ یہِ روٗحانی سوٚر وُداوس کاشرِن ہتہٕ وادَن وٕرِین ہُنٛد میراث بنیومُت تہٕ فارسی اَدبکہِ ذٔریہ اوسُن نوٚو کاڈ ہٮ۪یوٚ تِمت کڈُن۔ یہِ اوس سُہ سبق یُس انسانَس "نیٚبرٕ ے دوٚہ پنٕنٕس اندر اژُن ہیچھناوان اوس۔ محموٗد گامی یَن چھِ تے جایہِ جایہ اَتھ سبقَس تاٲلیم کٔرمٕژ۔ لاٗل مجلوٗن منٛز چھُہ وَنان ہ

پوشہ منز دوس ژٔھے سِر کرتھ — در تن نادر چھُے در تن

سیرس سر پوش مغزس پوس — محمود پانس نشہ چھُے دوس

محمود چھُ مولانا رومی ہیندِ ییمہ شارک زبردس قائل اوسمت ـ

کعبہ بنیاد خلیل آذر است — دل گذرگاہ جلیل اکبر است

محمود چھُ ونان ـ

کابہٕ بُنیادِ خلیل — دِل گذرگاہ جلیل

ژاو تتھ منز پانہٕ ہوُیتھ — وَهُوَ حَيٌّ لَا يَمُوتُ

تمس چھُے ہروزِ یہ کتھ ژینس، اُمرِ ژ دُنیا چھ عارضی. بیٚیہ دُنیہ ہیہکہ سفرِ خاطرٕ وتہٕ خرچ کماونہ چاے. محمودن چھ اکہ طرفہٕ تمم نات لیکھی ینہ ہم پیرتھ ننان چھُ ژِ سردارِ عالم سنز عقیدت کٲژاہ چھُے تمن اُس، منز بیٚیہ طرفہٕ چھُ یہنہ ہنن لولہٕ باتن منز گنہ کُنہ شایہ اصل گرٕ گرٕ ھینہ خاطرٕ وتہٕ خرچ ہینچ باوتھ کران ـ

گرٕیس نیر چینہ ہیتھ چھوَن پے — پھیر کیتاہ ھے در بازار

نہند کرنس ہینیہ منہ چھُن پے — للہٕ وُن پیے تھوو نم نار

کُلیاتِ محمود گامی چھُے تمہٕ ساری مواد چ سعہ مبرن یہ کینژھا ھے محمودنہٕ کلامہٕ رنگہ چھاپی تہٕ قلمی نوسخو ذریعہ یہ اکٹھا آو. تمہٕ سنزن مثنوین ہندکر آیہٕ مے واریاہ قلمی نوسخہ یمن ہند تفصیل الگ پاٹھی دنہٕ چھ آمت. مگر تمہٕ ہندین باتن منز آیہٕ نہٕ مے کانہہ سرتوتھ بیاجناہ بدس. وجہ گو واریاہ باتھ چھ مختلف قلمی نوسخن منز بیون بیون درج تمن ہند آو پرہٕ پوری فائدہٕ تُلنہٕ تہٕ بیتھ کنہ سمیو محمودنہٕ کلامک اکھ بوڈ بارٕ چھپہٕ یس

تہٕ وُنہِ چھپیو مُت اوس۔ کینہہ بأتھ آیہٕ تہٕ اَوٕ سبہٕ کتابہٕ منٛز درٕج کرنہٕ زٕ قلمی
نوٚسخن منٛز چھُ یِمن ہُنٛد لیکھت زٕ چھیٚو نہٕ مُت تہٕ یِمن منٛز چھےٚ شکیچ گنٛجایش
وِنہِ موجود۔

محموٗدنِس شاعری ہٕنٛدِس کلامس سام ہینہٕ بٔتہٕ چھُ مےٚ ضروٗرتھ باسان
زٕ کینہہ کتھ کرنہٕ یِتھ تہٕ درج یِمہٕ زبانی ریوایژ موجوٗب، تِمن قأبلِ قدر باسیہ
یِزر چھُ یہ زٕ جنوٗبی کشیرِ ہٕنٛدِس عارہ پیٚ علاقس پیٹھ یوٗتاسوٚن اَثر
محموٗد گٲمی سنٛزِ شخصیتُک تہٕ شاعری چھُ ترٛوومُت، خالے چھُ بٔنیہ کاتھہ گوٚمانھ
ترٲوِتھ ہیٚوکمُت۔ محموٗدن تہٕ چھُ اَمہٕ علاقہٕ کیٚن کیٚتین گامن، قصبن ہوا
مقامن، دریاون آرن تہٕ بالن ہُنٛد ذِکر کمہٕ مایہ سان کوٚرمُت۔ دٔنِنہٕ
چھٕ یوان زٕ محموٗد چھُ پانہٕ کامہٕ گوٚم پھیران اوسمُت تہٕ تِہنٛد اَمہٕ پھیرنکی تھوٗرنکچ
ریچھ اٲنتھ رسمِ واقعہٕ ٹکن ہنٛز زبانی پیٹھ آزن تہٕ۔ تِمے چھُ یِمنہٕ ہِنن خاندان
کیٚن بُزرگن نِشہ بوٗزمُت زٕ محموٗدس چھُ میانِس بڈِ بڈِ بب قدوٗسس
وُنہِ نِشہِ یِن گژھن اوسمُت۔ قدوٗس لون چھُ پانہٕ تہٕ اَکھ عالِم تہٕ ادب نواز
اوسمُت۔ تِہنٛد اَتھہٕ لیکھمژن کتابن چھےٚ اَز تہٕ بڈ قدر یوان کرنہٕ۔ وَنان چھ
زٕ قدوٗسس لونہٕ اَتھہٕ چھُ محموٗدنی قریبن سورُے کلام لیکھتھ اوس مُت مگر
سُہ چھُ اَکثر ضایہ گومُت۔

محموٗدس متعلق چھُ یِتہٕ یوان وَننہٕ زٕ سُہ اوس عام زندگی منٛز بڈ زندہ دِل
تہٕ فقل بدیہہ شاعری منٛز اوسُس کمال حأصل۔ یٔتہٕ چھ کیٚتین ٹکن سیٚتی تِمہ
سنٛد مزاق نام ٹکن زبانی پیٹھ۔ وۄں گو اکثر مذاقن ہنٛز زبان چھےٚ فحش
تہٕ یِتھ شایہ درج کرنی چھنہٕ مُناسب۔ یہاچ سیٚتی محموٗدن معاشقہ چھُ
مشہور واقعہ۔ دیان چھ پیری یہاچ استغفار، تہٕ دپہلو کورے قزاق تیر

یاوُن چھون رایہ نیرِ سے " چھ محموٗد نی بأتھ۔ یِمَن چھُ محموٗدَن لیکھَت تہٕ دِتھ۔ مگر مےٚ چھِ یِم سٲنِس شُرٕ بُکہٕ بأتھ جلد نمبر ۱ اَتھ منز دٲرِج کرِتھ۔ یِمو علاوٕ چھِ کینٛہہ بأتھ تِم یِم محموٗدُن لیکھُت دِتھ گیوٚ تہٕ چھِ لیوان)۔ مگر مےٚ ژٲرِ شےٚ بأتھ یِم مےٚ پزی بأتھو محموٗد نی باسےیہ۔ یِم بأتھ چھِ کِتابہِ ہِنٛدِس اَندس پیٚٹھ دِتہٕ آمتۍ۔

بہرحال کُلیاتِ محموٗد گٲمی چھےٚ حأضر۔

ناجی منوٚر

کاپرن۔ ۶ دسمبر سنہ ۱۹۷۶ء

# شُکرانہٕ

کُلیات محمود گامی ترتیب دِنس تہٕ قلمی نوٗسخہٕ بد کڈنس منز دیُت مےٚ کینژو دوستو ورِچھ وارٕ مدد۔ یہٕ چھُس یِمن رفیقن ہُند شُکرانہٕ کرُن فرض زانان :

۱. پنٕنس رفیق محمد یوسف ٹینگ، صابُن چھُس یہٕ تِہنٛزِ رہنمائی خاطرٕ شُکر گذار۔ تِمو دِتۍ مےٚ قدمس قدمس بیٛچھہٕ مُفید مشورٕ۔

۲. محمد امین ابن مہجور صابُن چھُس یہٕ سیٹھاہ شُکر گذار زِ تِمو ٹھوٗو پنٕنۍ نوٚو نوٗسخہٕ مےٚ پیش کٔرِ

ا. مثنوی یوٗن ہٕنٛز بیاض، یتھ منز محمودنِو مثنوی یوٗ بہلاو مقبول ہتو، سیف الدین ہٕنٛز مثنوی تہٕ چھےٚ۔

ب۔ شیرین خسرو قلمی یوٚسہٕ محمودن پنٕنہٕ اتھہٕ لیکھمت باسان چھےٚ۔

ج۔ غزلن تہٕ موسیقی ہٕنٛز بیاض — ابن مہجور صابُن چھُس یہٕ یِہنٛد قیمتی مشورن ہٕنٛدِ خاطرٕ تہٕ شُکر گذار۔

۳. گلشن مجیدُن تہٕ چھُس شُکر گذار اکھ ٹھوٗو تِمو پنٕنۍ قلمی نوٗسخہٕ آیتہٕ بیٛیہ تِکہٕ وار یِہس علاقس مےٚ سیٹھا سیتو۔

۴. غلام نبی آتش ٹھوٗو غزلن ہٕنٛز بیاض مےٚ پیش کٔرِتھ یوٚسہٕ اکو شاعر مخدومن چھےٚ لیکھمٕژ۔

۵. پروفیسر شاد صابُن تہٕ چھُس شُکر گذار۔ تِمو ٹھوٗو پنٕنۍ قیمتی نوٗسخہ

منز آیتو۔

۶۔ غلام نبی خیالن ہتھو یوسف زلیخایہ ہند جرمن نسخہ منز آیت، امہ خاطرٕ چھس تہند شکر گذار۔

۷۔ غلام قادر لونٕ تہ پیرزٕ منز شکر گذار روزٕن۔ تمو دِتی کینژہہ نسخہ لبنچ بییہ کوٚر ہم قلمی نسخہ پرنس منز مدد۔

۸۔ محمد امین گیلانی سٕندٕ دٕسی تہ سپد کینژہہ نسخہ حاصل تہند تہٕ چھس شکر گذار۔

۹۔ ریسرچ محکمہ کین اہلکارن ہند تہ چھس شکر گذار، یمو یوسف زلیخا تہٕ لال مجلون کتابن ہند کینژہ نسخہ منز وچھنہٕ دِتی۔

۱۰۔ عبدالرشید اندرابی چھ منز پینس قریب ساتھی، تم یکو تحقیقی کامہ منز منز سیتھ تہند چھس شکر گذار، اسی چھے۔

ناجی منور

# قلمی تہٕ چھاپٕی نوسخہٕ

پٕتھ وٕرتھ یہٕ کِتاب ترتیب دِنہٕ آیہٕ

ا ۔ لاٗل جبلاٗن

۱۔ چھ ن ۔ غلام محمد نور محمدن چھاپٕی نوسخہٕ ۔ چھاپ ۱۹۳۷ء

۲۔ چھ ن ۔ اُمرتسر

۳۔ ن ہ ۱۲۸۴ ۔ خوش خط ۔ نلہٕ ڈورِ علی تلوائی ہٕنٛدِ خاطرٕ لیکھنہٕ آمُت

مِلکیت ناجی مُنور۔

۴۔ ن ۔ احسن شاہ ۔ کاپرٕنکھ احسن شاہن ۱۳۲۱ھ منٛز نقل کورٕمُت خط

خرابے ۔ ہر لحاظٕ مُکمل ۔ ملکیت ناجی منور۔

۵۔ ن ل ۔ نکھمرِ پورٕ دستیاب سٕپدمُت تاریخ ۱۹۴۲ ب ملکیت ناجی منور

۶۔ ن ہ ۱۳۰۰ ۔ ہیٚرِکہِ نوسخک نقل باسان ۔ ملکیت ناجی منور

۷۔ ن ر ۔ رِشرِنٛج چھکمنک نوسخہٕ خوشخط ۔ چھاپٕی نوسخس مُطابق کاتِب

رفیقی ۱۲۹۹ھ

۸۔ ن م ۔ کاتب معہ نِشتہٕ بابہٕ مُکمل مگر خراب خط

۹۔ ن مہجور ۔ مہجور لائبریری منٛز مثنوی یِن ہٕنٛز بیاض (۷۰-۱۲۶۸)

ملکیت ابنِ مہجور ۔

۱۰۔ واریاہ اَڈلیکو نوسخہٕ ۔ ملکیت ناجی منور

ب ۔ یوٗسف زُلیخا

۱۔ چھ۔ ن۔ غلام محمد نور محمدٕ ن چھاپی نوسخہ۔

۲۔ ن ۱۲۷۸۔ سیٹھاہ صاف لیکھت۔ اوس یوسف فرزند یعقوب
پیٹھ شورٕ گرٛ ھان تہٕ اند چھُس ۵ وُنی یہِ کأشری پاٹھو محمود گامی ین
پأٹھ چھُس یتہٕ درج۔ ملکیت ناجی منور

۳۔ ن مہجور۔ مہجور لایبریری منٛز مثنوی ین ہنٛز بیاض تحریر (۸۰-
۱۲۶۸ھ) اَتھ منٛز چھہ محمودٕ نہٕ واریاہ مثنوی یہٕ تہٕ مقبولنہٕ گُل ریز
گریسہ نامہ، ناظم سُنٛز زین العرب بیتر۔ تحریر بابا عبد اللہ ٹینگہ پٔشہ
پلوامہ۔ ملکیت ابن مہجور۔

۴۔ ن ۱۳۲۶ھ۔ گوڈٕ چھُس ژھیٚنمُت۔ مگر صاف۔ ملکیت ناجی منور

۵۔ ن ر۔ ریسرچ محکمُک نوسخہ نمبر ۱۱۰۴ خوش خط۔ چھاپی نوسخس
مُطأبق تحریر ۱۲۹۹ھ۔ کأتب رفیقی۔

۶۔ ن ج۔ مشہور جرمن مستشرق برکھارڈن ۱۸۹۵ء منٛز جرمنی منٛز
ترجمہ کٔرتھ رومن تہٕ فارسی رسمِ خطس منٛز چھومُت۔ باسان چھُ زِ برکھارڈن
تہٕ چھُ یہِ نوسخہ واریاہ نوسخہ برٛونٛہہ کنہٕ تھٲوِتھ ترتیب دیُت مُت۔ ملکیت
غلام نبی خیال۔

۷۔ کینٛہہ منتشر قلمی نوسخہ۔

ج۔ وقعہٕ شیخ صنعان

۱۔ چھ۔ ن۔ غلام محمد نور محمدٕ ن چھاپی نوسخہ

۲۔ ن ۱۲۰۱۔ بڈٕ خوش خط۔ آخری ورق چھُس غأب گوڈٕ صفحس
پیٹھ کأتب سُند ناو۔ گوٚڈ لیکھت۔ ملکیت ناجی منور

۳۔ ن ح۔ مشہور صوفی شأعر لسہ خانٕنہٕ ہٲتھی نقل کوٚرمُت تحریر ۱۳۰۶

ملکیت گُلشن مجید۔

۴۔ ن ژ۔ ژول نگاہہ دسیاب سپُد مُت خوش خط۔ پٔتیُم وَرُق غائب

ملکیت ناجی منور۔

۵۔ ن س۔ کمٕ تام مراج دٕین نقل کوٚرمُت۔ اُمہٕ منٛدی اَتھہ چھُہ بابا کمالٕنٕ وفات نامہ تہٕ عبدٕہ بالٕن طوطہ نامہ تہٕ میٚنٛیش موجوٗد۔ تحریر ۱۲۰۱ھ ملکیت ناجی منور۔

۶۔ ن م۔ مہجور لائبریری ہٕنٛز مثنوی یَن ہٕنٛز بیاض (۱۲۶۸-۷۰ھ)۔

ملکیت ابن مہجور۔

۷۔ ن ا۔ کیٚنٛہہ اَڈٕ لیٖکھ نوٚ نسخہٕ۔

د۔ منصوٗر نامہٕ

۱۔ چھ ن۔ غلام محمد نوٗر محمدٕن چھاپٕی نوٚ نسخہٕ

۲۔ ن ۱۳۲۶۔ بڑٕ صاف، خوش خط۔ کاتب امیر بابا۔ ملکیت ناجی منور

۳۔ ن ج۔ جبار خان۔ لَسہٕ خانٕنہ ماگلہ ۱۳۰۶ھ منز نقل کوٚرمُت۔

ملکیت گُلشن مجید۔

۴۔ ن خ۔ کاتب خلیل بابا۔ پٔتیُم وَرُق غائب۔ خوش خط۔ ملکیت ناجی منور۔

۵۔ ن ا۔ کیٚنٛہہ اَڈٕ لیٖکھ نوٚ نسخہٕ

۶۔ منصوٗر نامہٕ (دوٚیِم نوٚ نسخہٕ) بیاضِ غزلیات مہجور۔ لائبریری ملکیت ابن مہجور۔

ھ۔ قصۂ محموٗد غزنوی

۱۔ چھ ن۔ غلام محمد نوٗر محمدٕن چھاپٕی نوٚ نسخہٕ۔

۲۔ ن ۱۲۸۴۔ خوش خط۔ بہ ڈوریہ علی تلوانی سنٛدِ خاطرہ لیکھنہٕ آمُت ملکیت

ناجی مُنور۔

٣۔ ن مہجور۔ مہجور لایبریری ہٕنٛز مثنوٕیَن ہٕنٛز بیاض۔ ملکیت ابن مہجور

٤۔ ن۔ب۔ بےٚ ناو نوٚ نسخہٕ۔ خوش خط۔ آخری ورق غائب۔ ملکیت ناجی منور

و۔ شیرین خسرو

١۔ چھپان۔ غلام محمد نور محمدٕنی چھاپی نوٚ نسخہٕ۔

٢۔ ن م ا۔ مہجور لایبریری ہٕنٛد نوٚ نسخہٕ تحریر ١٢٤٨ھ۔ یہ نسخہٕ چھُہ باسان محمودٕنی پننہٕ اَتھہٕ لیٚوکھمُت۔ ملکیت ابن مہجور۔

٣۔ ن م۔ مہجور لایبریری ہٕنٛز مثنوٕیَن ہٕنٛز بیاض۔ ملکیت ابن مہجور

٤۔ ن ا۔ کیٚنٛہہ اڈیشکو نوٚ نسخہٕ۔ ملکیت ناجی منور

ز۔ یک شکایت

١۔ چھپان۔ غلام محمد نور محمدٕنی چھاپی نوٚ نسخہٕ۔

٢۔ ن ١١٢٣۔ سیٹھا پرٲنس کاکدٕس پیٹھ صاف لیکھمُت۔ ١١٢٣ھ سنہٕ آسنہٕ کنہِ پتہٕ تحقیق طلب محمودٕنی پوٚنیرٕ نامہٕ تہٕ چھُس سیٹھاہ۔ ملکیت ناجی منور۔

٣۔ ن ژ۔ ژول گاڈہ دسیاب سپدمُت۔ صاف تہٕ مکمل تأریخ ندارد۔ ملکیت ناجی منور۔

٤۔ ن م۔ مہجور لایبریری ہٕنٛز مثنوٕیَن ہٕنٛز بیاض

٥۔ ن ا۔ ز اڈیشکو نوٚ نسخہٕ۔ ملکیت ناجی منور

ح۔ پٔہلی نامہ

١۔ چھپان۔ غلام محمد نور محمدٕنی چھاپی نوٚ نسخہٕ

٢۔ ن ا۔ واریاہ اڈیشکو قلمی نوٚ نسخہٕ۔ ملکیت ناجی منور

ط۔ قصہٕ ہارون رشید

١. ڇپيل - غلام محمد نور محمد جي ڇپائي نو سخو

٢. ن ل. لکرپور دسياب سيڌمٽ. صاف ۽ مڪمل. ڪاتب سنڌناد ۽ تاريخ ڇپڻ ۾ نه ٿي ڏني آهي. ڇپائي نو سخو نش بلڪل بدوں. ملڪيت ناجي منور

٣. ن ق. ميءُ ڻي ٻڌ ٻڌو ٻ فدؤس لوڻ نقل ڪورمٽ مڪمل مگر موُلٽ. ملڪيت ناجي منور.

٤. ن ا. اکھ اڌ ليٿوءَ ک نو سخو. ملڪيت ناجي منور

٥. ن م. ڀهجور لائبريري ۾ شنوي ۽ ڻن هٿر ميا هن. باقي قلمي نو سخن مطابق مگر اڌ ليٿوءَ ک.

ک معراج نامه

١. ڇپيل. غلام محمد نور محمد جي ڇپائي نو سخو

٢. ن م. محمود آباد ۾ دسياب سيڌمٽ صاف ۽ مڪمل تحرير ١٣١٩ ملڪيت ناجي منور.

٣. ن. ح. لسه خانه ڀالي جبار خان نقل ڪورمٽ. ملڪيت گلشن مجيد.

٤. ن ا. ڪينهه اڌ ليکو نو سخو. ملڪيت ناجي منور.

ق. نات،

١. ن محمود آباد ۾ ڇڇه سيھٽا پروڻ نو سخو. قريب ساري نات ڇپڻ. پڌتش ڇڇس ليکھت گفته ١٢٢٩ھ. ملڪيت ناجي منور.

ل ڪلام محمود ڪاڪي

١. ڇپائي حصه اڪھ تانو

٢. غزلن. نات ۽ ٻاتن هيشدي واريا قلمي نو سخو. ملڪيت ناجي منور

۳۔ بیاض غزلیات و موسیقی۔ مہجور لائبریری۔ تحریر عزیز شاہ ڈل۔ اتھ منز چھہ دار بابن شاعیرن ہندی نادر بآتھ۔ ملکیت ابنِ مہجور۔

۴۔ بیاض غزلیات ملکیت پروفیسر غلام محمد شاد

۵۔ بیاض غزلیات۔ ملکیت غلام نبی آتش (تحریر محزون)

۱. منہٕ ناگہٕ ژھتہٕ آنتن یار

۲. کتیو چھک نشہٕ بانے

۳. عاشقو ماشوق ڈیونٹھ

۴. پانے پانس وچھنے آد

۵. مبارک نو بہار آمد

۶. کتیو یارٕ یارٕ لیو

۷. دیوانہٕ کرِتھ ژول مے

۸. شہ یار کوتے گوم

۹. ولہٕ دِلبرو دا بیہہ

۱۰. یادٕ گیئم نادٕ دِمے

۱۱. کوٚ کرٕ کتھس مرٕ شے بو

۱۲. استے استے باغٕ ببر

۱۳. لیچ قُلیاہ یاونہٕ ہیہ لولو

۱۴. یورٕ یہ وہ لو وہ لو باز

۱۵. چیر نازو بوز میانی زار

۱۶. میلتو لاٗل مرجانے سیتو

۱۷. جان وندیو ہا جاناتے

۱۸. جمالہٕ پیتا مو

۱۹. حالہٕ بار یار آنتنے

۲۰. تراو تم غنچہ چہٕ غم ملال

۲۱. کیشاہ کرٕ آہ کھعتہٕ مرنے جان

۲۲. از سالہٕ آنتن بالہٕ یار

۲۳. للہٕ وُن پیے تھوٚو تم نار

۲۴. مو روز غافلہٕ بے خبر

۲۵. آہم تہٕ دو بارے

۲۶. رسائے نیو تم قرار

۲۷. از بیہہٕ محمد پانہٕ لولو

۲۸. پانہٕ میانے تی کرٕ سرٕ لولو

۲۹. جلوہا وِتھ تمیہ لاوِتھ

۳۰. بٕرم دِتھ ژولم تے

۳۱. مے نو مائے مشی زاہ

۳۲. پہ کمہٕ یارٕ ووٚنے دائے

۳۳. روشہٕ وہ لو پوش ہو بہ لاگے

۳۴. یس ماشوق دِکہٕ دِتھ ژالہٕ نے

۳۵. اندٕ تایتھ عشقہٕ نیا یس نہٕ لولو

۳۶. ناوہٕ سائلس سعہ ندر دِرایہ لولو

۳۷ ۔ کرسائیمون نیاسے اَنڈسے

۳۸ ۔ دَمہ دَمہ چھم جائیڈی کل گنَن

۳۹ ۔ پانہ میانسے غائقلہ اَئنسے

۴۰ ۔ یانہ میانیہو نارکن مشٗر یان ...

۴۱ ۔ ہاڑلا ژوَل ہم ژوُرسے

۴۲ ۔ لگے پاڑی سرکرسے نثار

۴۳ ۔ بہ ژھارتھ نارِ داوَن آرِلبن

۴۴ ۔ اُڑی نہ رنگ گوم شٔراونہ ہسے

۴۵ ۔ سوزدِاکھ بہ کیٔاہ وَنسے

۴۶ ۔ ازمتے ہوٗ دیدارسے لو

۴۷ ۔ وعہ لو بوٗری سبے وعہ فایارسے

۴۸ ۔ مہ کرٗ دیوانہ گئے

۴۹ ۔ باٗلی یاوس لاگی نیاسے

۵۰ ۔ مہتابو لول ہو آم

۵۱ ۔ وعہ لو عشقو وَنسے کیٔاہ

۵۲ ۔ بال مرِ یو مَدَنو

۵۳ ۔ ھتوَ تہِ ہُنَن گوش

۵۴ ۔ ژستے سوا کیٔاہ کرسے یارو

۵۵ ۔ آوارِ کرٗ ہتہ گوم

۵۶ ۔ بالہِ یارِ ییکھنے مارسے یان

۵۷ ۔ پیتامو جان وُنڈیو

۵۸ ۔ یاتِ ھٹنڈسے ما جانانسے

۵۹ ۔ بال کرٗ ھتس مرٗشد دیواتے

۶۰ ۔ آمہ حوٗرِ ماہ روخسار ماگوٗدِتھ

۶۱ ۔ لول آم یوٗری پیپہ نامے

۶۲ ۔ ما میانہِ ماوسناکو

۶۳ ۔ دَم ہیچھ تہ دَم یا بنی آدم

۶۴ ۔ ہسا ھسا مسار

۶۵ ۔ ییتہ بوسے محمد چھم یوان

۶۶ ۔ لول چونسے آسے ویٔسو بے

۶۷ ۔ یار ییتو یارِ ییتو میوں سیکھ

۶۸ ۔ کیٔاہ سنا پیٔیہِ نا پایہ کس یار

۶۹ ۔ نبہ چھم پشہ نی داسے

۷۰ ۔ ییٔنم رٔتم پانس نغمے

۷۱ ۔ گوم کوٗت ماشوق ترائرِ دِتھ

۷۲ ۔ پیتامو بالہ یارو حال باوسے

۷۳ ۔ بٔرم دِ ہتہ واجینٔس ناوسے

۷۴ ۔ وُنستے نانگ ہوٗرنٗ ما آو

۷۵ ۔ ژھارِ ھتو بہ رنگے رنگے

۷۶ ۔ لولہ چانہ ہولہ گیم سوقوابہ موڈل

۷۷ ۔ دوٗ ہجان دو تم شامے

۷۸ ۔ کامتم گُمار آستم سوبکھ

۷۹۔ مہرِ بانن گوٗرم یِہ یمہ بوٗ مرسے

۸۰۔ گوشن چھُ زٕ تِھہ حبابے

۸۱۔ کس وَنہٕ سعہ نٛدر سمہ نٛدر

۸۲۔ ہا وٕ یسی چھُم یارٕ دوٗدُ ے

۸۳۔ اے پری گل پیکرے

۸۴۔ اُتی اُتی روز ہا جانانہٕ

۸۵۔ مے دمی تمو پوختہٕ کارَن

۸۶۔ دن تسے ویسو یے زار اشب

۸۷۔ ہے ویسو بوز تم زاگر ہو یے

۸۸۔ دِل گوم تارسے دیدار ذتا مو

۸۹۔ ییہٕ ناسعون دو بارٕ ہوہ

۹۰۔ گوٗرٕ گوٗرٕ کرٕ یوٗ ممہ سے دوٗرو

۹۱۔ کستوٗرٕ ہو مدنوازٕ روز سانہ

۹۲۔ ووہٕ لہٕ بوز وَنہٕ یو ووہٕ لہٕ ماشوقو

۹۳۔ زلہٕ وٗن دود چھُم چون للہٕ وٗن

۹۴۔ اسے دیدۂ بیدار دیداری بینی

۹۵۔ نبود چھُم معشوٗد

۹۶۔ یاون مژی پھ ون چھُے

۹۷۔ یارٕ میتہٕ سے سِرس چھک مرووش

۹۸۔ رنگہٕ رنگہٕ آیہ تے رنگہٕ رنگہٕ گے

۹۹۔ اتھٕ رٹیم دود بہٕ کس وَنیتہٕ زانہٕ

۱۰۰۔ ہا ویسو بوز تے کوٗت کال

۱۰۱۔ گرٕ دنِتہٕ ویسو یے وَنیتہٕ

۱۰۲۔ روزٕ چھم چانی بوز میانی زارو

۱۰۳۔ وَنہٕ ہے تھاو تم گوش

۱۰۴۔ چانہٕ بدتل راوم راٗزٕ ے

۱۰۵۔ گوم بیداد یارٕ چونٕ

۱۰۶۔ وچھان بالہٕ گوم شامے

۱۰۷۔ دمن ہنز دمبدم کر حق پرستی

۱۰۸۔ مورووش مسأ رووش

۱۰۹۔ دَمہٕ دَمہٕ پھیر تو

۱۱۰۔ آدنہٕ آیام کینہ

۱۱۱۔ لا اللّٰہ تراوِ تھ الا اللّٰہ پرتو

۱۱۲۔ مردود روٗحو یتو لیہ

•

(۱)

نُن پھُل بو دوزٕ ست پأرٕ آوِتھ | مَنہٕ ناوِتھ اَنتَن یار
گُچھہ گُنٹھو تھاوٕ وہٕ تھرٕ وِتھ | لچھہ نادیو کرَے انتظار
اَچھہ دأر زن روٗزٕ یأرٕ آوِتھ | مَنہٕ ناوِتھ اَنتَن یار
لالہٕ گوسے باغٕ منزٕ نیرِتھ | یوش لاگس گونڈرے گونڈرے
لالہٕ گومو لالہٕ زار چھاوِتھ | مَنہٕ ناوِتھ اَنتَن یار
کُنُس ہیٚکہٕ یو لرِ پان ساوِتھ | نرِ آلہٕ وَے سونٚدرِ مال
کُنُس ہیٚکہٕ یو نِنہٕ رُوزٕ ناوِتھ | مَنہٕ ناوِتھ اَنتَن یار
کُسو ہیٚکہٕ لیوٗزٕ نیٚتہٕ لأرِتھ | یوٗت پھیرتو یارو ہو
کُنھتَن میانِس گرِ ہا دِنہٕ زأرِتھ | مَنہٕ ناوِتھ اَنتَن یار

محموٗد گَرکھ تمسنا تہٕ آوِتھ
یہ چھہٕ دُنیا بزمہٕ تہٕ بازی گار

مَنہٕ قبرٕ ییٚنہٕ موسا وِتھ
مَنہٕ ناوِتھ اَنتَن یار

(داٗرہ پرانہٕ قلمی نوسخہٕ پیٚٹھ)

---

(۱ گمہٕ ڈنیک حروف چھہٕ کیتیو کھیشوٚمت. "تن من" چھہٕ زبأنی رِوایتہٕ موجب
نِکھینہٕ آمت. (ناجی)

## (۲)

کتیو چھک نندہٕ پانے — وولو ماشوقہٕ میانے

بہ صورتھ چھک ژٕ پری — ژٕ ستے شبہٕ نے جامہ زری

کمیو تاو ییزہٕ کرٕی — وولو ماشوقہٕ میانے

ژلونے پیزہٕ ہی سنے — کوو زولتھ مٔتے پسینے

ژٕ ستے کیاہ گوے میون کینے — وولو ماشوقہٕ میانے

مقامن دور پھکھے — بہٕ آسے بارٕ بکھے

مرے ما میانہٕ موہ کھے — وولو ماشوقہٕ میانے

فراقن چائی گوس — دیما غمن مدہٕ وولیس

خمارن چائی زولس — وولو ماشوقہٕ میانے

مقابل آسِہ آسن — اکس اکھ لول کاسن

سہ ارمان روُد خاصن — وولو ماشوقہٕ میانے

وُچھان مٔتے لوسہ اچھے — ژٕ ستے کیاہ گیہ منہٕ مچھے

ہتم از زونہٕ تھچھے — وولو ماشوقہٕ میانے

کھسکھ نا یارہٕ ژلی — بہٕ چھلہ ہے کھورٕ فلی

مٔتے نو ییم داغ ژٕلی — وولو ماشوقہٕ میانے

بہٕ وُچھ ہے حسن وبہار — بچھان چھم زلف تے خال

چھہ ظالم بُہ دلال نال — وولو ماشوقہٕ میانے

شرابچ پیالہ برو — گوہ لابن مایہ کرو

یگانہٕ یا بگانہٕ مرد    وۄلو ماشوقہٕ میانے
وۄلو ہمُود مو روشس
ییتے ژٕ ئے ہاجتن ہوش
جُدٲیی کر فراموش
وۄلو ماشوقہٕ میانے

---

۱۔ بۆ آیس آیہ بلی    شنیم کنہٕ فلی    میٚے نوٚیم داگ کٔر بلی

(قلمی نسخہ)

۲۔ خوٚد ایس ژھُسوُ نان زاد    گوٚ ژٕھم میٚتہ سُہ بنٕت یار بنیم گدیارا تیارہٕ

(یہ مشاعرہ قلمی نو بخش نسخہ یوت)

(۳)

عاشقو ماشوق ڈیٖشتھ    وٕ ھُو حُو لایہ موٗت
ساٗ آلکو لوٗب درسو گوٗت    وٕ ھُو حُو لایموٗتے
نیشہٕ پدیرس پرسبق    باوِیو اِسرارِ حق
کر طلب مطلب ژٕ ییٚتے نیٚو یتھ    وٕ ھُو حُو لایموٗتے
بینہٕ وُ یارد نیہٕ وُ سپئے    وُ چھتہٕ نالان کیاہ چھُسے
سرٕ گوٗنو سہ کوٗر زُویتھ    وٕ ھُو حُو لایموٗت
گُل چھہ باغس رنگ برنگ    عاشقن گو دِل درنگ
ہُوٕ تمہ سے دژاد میوٕ تھ    وٕ ھُو حُو لایموٗت

قطرِ در دٔری یاو پیٛو — گُل ڈٔری یا قطرٕ گو

سوٗن تہٕ کھوٗل تتےٚ بوڈ تہٕ زیٛو چھُ — وَ هُوَ حَیُّ لا یَمُوت

بستہٕ بیٚمہ کرٕ دار بر — تَس گیِیی روشن نظر

نقش تس برِ سنگ بیوٗ چھُ — وَ هُوَ حَیُّ لا یَمُوت

کعبہ بنٛو یاوِ خلیل — دِل گُذر گاہِ جلیل

ژاو تتھ منز پانہٕ بیوٗ چھُ — وَ هُوَ حَیُّ لا یَمُوت

بس چھُ محموٗد سُس کفیل — یُس دِیان نعم الوکیل

پرٛژھہ پرٛ دُعاے قنوٗت — وَ هُوَ حَیُّ لا یَمُوت

(۴۱)

کیٛا وَنہٕ آدم بیٛتھ یکیانس — پانے پانس وُچھنے آو

ہٕنہٕ ہٕنہٕ میلیتھ تٔتہٕ انانس — پانہٕ اکھ سٕے تس لچھ ہٕندی ناد

کیٛا کرِتھ موٗلوم پیٚیے نادانس — پانے پانس وُچھنے آو

فالوٗ ژٕر هیرتھ چھُ حُسنہٕ کس انس — چھُپے خد خالس تہٕندس ناو

در جاہ دُنیٛت تھم لال مرجانس — پانے پانس وُچھنے آو

لامکان جاے چھس بیٛچھ اسمانس — قلب المومنین عرش الله

ژُوری وُچھ ہمیس سوٗر سامانس — پانے پانس وُچھنے آو

سوٗرے اخلاص وُچھتہٕ قرآنس — شُنہٕ کانٛسہٕ ومت تس کانہہ ناو

خالق چھُ رزاق جُملہ جہانس — پانے پانس وُچھنے آو

بُلبُل وُچھ ژاو گُلستانس — قُلیاہ ڈیشِتھ چھ بران جاو

گُل بوز بہار کران خزانس — پانے پانس وُچھنے آو

پروانہ کاژنسہ ھُنْد تس برانس — ژھجلہ مشہ پان زالنہ آو

نارہ ھنز ہووُن نور تو توانس — پانے پانس وُچھنے آو

برہمن لاگتھ زاد بتخانس — زاہد ڈیشتھ چھُہ کران گراو

پوتلین پوزا طالب ایمانس — پانے پانس وُچھنے آو

پانے خم چھُے جام[۱] پیمانس — پانے چھُہ وَنان داماہ چاو

پانے ساقی[۲] مائک میخانس — پانے پانس وُچھنے آو

محمود قوربان تس انسانس — یس کُن اسہ فاقن جاڑی آو

تمہ موہ کھہ خوش گو حقِ سُبحانس — پانے پانس وُچھنے آو

---

ع۱ پانے خم جام مے پیمانس (ق ن) ع۲ پانے چھُہ ساقی مائک (ق ن)

(۵)

نوائے بلبلاں بشنو — مبارک نوبہار آمد

بہ مستاں گو زمستاں گو — مبارک نوبہار آمد

اول آردی بہشتی ماہ — زخواہ یک دلبرے چوں ماہ

کہ باشد دل کش و دل خواہ — مبارک نوبہار آمد

چھُنے سبزی نارہ سبزارن — بھٹین بالن تہ کوہسارن

دِلک غم غوصہ ژَل یارن — مبارک نوبہار آمد

چھُلے لیج سارہ نے پوشن — وَنن یارن تہ بیچھ گوشن

چه بلبل اکه اکس توشن　　مبارک نوبهار آمد
نشاطش تازه گلو سو سنبل　　پریشان چون دل بلبل
تمتع سور پوشو تل　　مبارک نوبهار آمد
حیا پرورده پیمبر زه ول　　شده سرمست هستی تل
یه مستان غمزه وشن وزل　　مبارک نوبهار آمد
هوا خوش نور بهار است این　　شگفته شالمار ست این
ظهور حسن یار است این　　مبارک نوبهار آمد
سرود و ساز و سیتار ے　　بت مه روے و ماه پارے
به مشتاقان زند جام ے[۱]　　مبارک نوبهار آمد
به پهلوئے گل اندامے　　شکرلب چشم بادامے
بکام دل بکش جامے　　مبارک نوبهار آمد
شده کشمیر گل دسته　　ز باغ خلد برجسته
فرح بخش دل خسته　　مبارک نوبهار آمد
غذائے خوب و چائے خوش　　به کشتی یا بجائے خوش
هوائے خوش نوائے خوش　　مبارک نوبهار آمد
رباب و نے کباب و مے　　کہ از وے گل شئی حی (?)
بزن پیمانه پے در پے　　مبارک نوبهار آمد
بیا محمود شادی کن　　شه دلبر جلوه گر سین (?)
بهر صورت ز و چه قش کن (?)　　مبارک نوبهار آمد
بچشم مست یا دامن　　به مستی گیاه کو پرن جامن (?)
گریبان چاک تا دامن　　مبارک نوبهار آمد

---

۱: زنده جارے ے ؟

(٦)

بہٕ[۱] چھس چانی طلب دارٕ — کتیو یارٕ پژاریو
کران چھس بہٕ اِنتظارٕ — کتیو یارٕ پژارٕ یو
چھے ژٕ نے یوسفٕن انہارٕ — مژٕ بہٕ کرٕ تھس زُلیخا
ژٕ نے یِتھ تہٕ بہٕ پان ہارٕ — کتیو یارٕ پژارٕ یو
خبرٕ ہیم تہٕ چھس بیمارٕ — خبرٕ زاہ تہٕ آہم نو
جگرس پارٕ گرٕ تھم وارٕ — کتیو یارٕ پژارٕ یو
ہیتھ ٹلہ کرٕ معہ ختے ہارٕ — کنک سعون جرے ژٕ نے
سعل کرے لال بازار — کتیو یارٕ پژارٕ یو
ہاسمسارٕ بازی گارٕ — ژٕ نے کیاہ خاص سودا چھے
پینہٕ بو لاگے خریدارٕ — کتیو یارٕ پژارٕ یو
محمود گامی ونان زارٕ — دادن دوا ژھانڈان چھے
اِلمدد ہاوتم دیدارٕ — کتیو یارٕ پژارٕ یو

---

۱ یہ بات چھُ یوسف زُلیخا مثنوی منز تہٕ محمودن بدل روپس منز درج کورمت
(ناجی)

(۷)

آ جانِ من جانانے — دیوانہ کرتھ ژول مے
مے چاونس مے خانے — پیمانہ بہ پیمانے
تھوونم نہ ہوس اکھ دانے — مستانہ کرتھ ژول مے
تمی کور زُلفن شانے — سمبل چھ پریشانے

سردارِ پرستانے    دیوانہٕ کرٕتھ ژوٗل سے

ہمسیانہٕ گُلِ ارمانے    چینکہٕ نقاش خانے[۱]

تیشتھ نو بہ لیکھت زانے    پُھتھ پانہٕ کرٕتھ ژوٗل سے

آن شاہدِ ترُکانے    ژاوان مۄہنو کانے

سر دور مس نشانے    قوربانہٕ کرٕتھ ژوٗل سے

ینہٕ ہوو تم نوٗرانے    از نحو دگیتس بیگانے

بر شمعِ شبستانے    پروانہٕ کرٕتھ ژوٗل سے

چشمانِ او مستانے    پانس چھُ وُچھان پانے

آیینہٕ گو دیوانے    حیرانہٕ کرٕتھ ژوٗل سے

آن خالِ فلفل دانے    ڈیشتھ چھ اوٗش لوانے

تاریام ہندوستانے    ویرانہٕ کرٕتھ ژوٗل سے

گیاہ جان چھُ شوبانے    پُر نوٗر نہ دُر دانے

بر لعلِ بدخشانے    خندانہٕ کرٕتھ ژوٗل سے

در چاہِ زنخدانے    چھُس گمہٕ شبنم دانے

زن حوٗر کرِان سرانے    زِلدانہٕ کرٕتھ ژوٗل سے

اے سروِ خرامانے    روٗٹ چون سِتے دامانے

روز تم ته آکی آنے    جولانہٕ کرٕتھ ژوٗل سے

از حیلہ و افسانے    ژانیام خلوت خانے

---

۱۔ ماںٚ یس رٕود ارمانہٕ    چُھنکہٕ نقاش خانے (ق ن)

برہندِ شاہانے — بہانہ کرِتھ ژوّل مے
پیوان چھُس آسمانے — کرٔنس بہٕ بے خصمانے
تی کس بہٕ وٕنیتھ زانے — بہی پانہ کرِتھ ژوّل مے
از خالِ سیاہ دانے — وز زُلفِ پریشانے
چھُس کوکل تُرکانے — بیچانہ کرِتھ ژوّل مے
از جودُے چشمانے — دِل ہیتھ ژوّلم جانانے
کس وَنہٕ چھُس منٛد چھانے — یارانہ کرِتھ ژوّل مے
محمود مُشتاقانے — بر شکلِ تو جانانے
در باغِ سُلیمانے — افسانہ پٕرِتھ ژوّل مے[١]

---

[١] در باغِ سُلیمانہ — محمود چھُ مُشتاقانہ
معشوقِ مہربانہ — افسانہ کرِتھ ژوّل مے
(ق ن)

(٨)

گوم ترأوِتھ ہیٛن[١] موّتے — سُہ یار کوٗتے گوم
مس چیتھ سُہ چھُم خمارٕ ہوتے — طوٗمار گرس بو
بہٕ مارٕ کرٔنس چھُم غوچہ ہوتے — سُہ یار کوٗتے گوم
کیتہٕ رٕدم لارس توٗتے — مارس گرٕتھ پان

یارَے دودُے چھُم نارٕ توٚتےٚ — سُہ یار کوٚتےٚ گوم
وادَے کوٚرنَم واتےٚ توٚتےٚ — نادس گژھہِ بو
چھُم آدنےٚ آردَ مُتےٚ — سُہ یار کوٚتےٚ گوم
کامُک میونےٚ چھُم جامہٕ چھیوٚتےٚ — شامَن ییٚمنا
چھُم تمُو شُنڈُے لوٗل آمُتےٚ — سُہ یار کوٚتےٚ گوم
موٚلہٕ گوٚب چھُمو پوٚشہٕ کھوٚتہٕ توٚتےٚ — گوشس ژٕٹھہٕ جاے
لولہٕ بازارَے مُلی کُمی ہیٚوٚتےٚ — سُہ یار کوٚتےٚ گوم
میانےٚ متیو بزٕم کُمی دِتےٚ — چھُم چاٗنی سیٹھاماے
غمےٚ سیتین بہٕ گوس گوٚتےٚ — سُہ یار کوٚتےٚ گوم
بہٕ جان وَندس سُہ چھُم رُتےٚ — وُچھوم ماتسَبَل
یاناہ نوٚدوٗم مےٚ تسُنٕی کتےٚ — سُہ یار کوٚتےٚ گوم
چھُم مےٚ لالس آلو سوٚتےٚ — تالوٗ ژٕٹھہٕ ڈرام
محمودس چھُم مارسےٚ موٚتےٚ — سُہ یار کوٚتےٚ گوم

---

ع١ پنُن موٚتےٚ (ن مہجور)

(٩)

بال مرِسے تہٕ حال وَنےٚ ژٕییے[ع١] — وُلہٕ دِلبرو دَماہ بیہہ
پنچہ بہٕ ہتَم تاس وَتہٕ نھراوے — مُشکہِ عنبرٕ تن بوناوے

کأنسہ ہُشد بارٕ غم ہسائم کھٔے — وٕلہٕ دِلبرو دٕماہ بیہہ

بالہٕ ییتائمو کأنٔلی ہو راوٕے — موٗر دوہ رہم ہیٚرٕ ہشدٕ لاوٕے

پیٚتہٕ وأتتھ کیٛاہ منگکھ مٔے — وٕلہٕ دِلبرو دٕماہ بیہہ

زشکہ سیتی کیٛٔ شاہ زأ جھقُس[۱] — موٕلہٕ وأ جھقس پامن لأ جھقس

عشقہٕ نارس دٕہ نتہٕ رٔیٛہہ — وٕلہٕ دِلبرو دٕماہ بیہہ

کنہٕ کتے رٔود ہم ژھائے — باغہٕ ببرٕ کرتھس ضائے

ناگہٕ نیندرٕ کنہٕ پیٚے ژیٛٔے — وٕلہٕ دِلبرو دٕماہ بیہہ

تُشد خوشے ہا شُند بانے — نُشدٕ بانے ماشوقہٕ میانے

خبا ہٕ پُٹہٕ چھم نہٕ نندرتہٕ بیہہ — وٕلہٕ دِلبرو دٕماہ بیہہ

دٔورِ لوے تھم تیرِ مژگانے — عار اوے نو اِنسانے

سینہ سپر داریوے مٔے — وٕلہٕ دِلبرو دٕماہ بیہہ

چشمہٕ کیٛاہ چھٔے وچھ وِنہٕ رانٔے — نازنینو ہا پیرٕ نازنے[۳]

تازٕ یخلاص کوٕ ژوٗ ٹھ ژیٛٔے — وٕلہٕ دِلبرو دٕماہ بیہہ

بُمہٕ ہار نجٕہ کشہٕ تیر مولاے — اُسو پانے سیتہٕ دأرتھ آسے

گوکھ جگرس پارے کرٕتھ مٔے — وٕلہٕ دِلبرو دٕماہ بیہہ

محمودس لول آو چوشٔے — قولہٕ ساریو از وولہٕ سونٔے

ہیٚولہٕ گوٗلمت کیٛاہ منگے ژیٛٔے — وٕلہٕ دِلبرو دٕماہ بیہہ

---

[۱] سوال چھیوٗ رما اکھ بیہہ (بیٚیس جایہ) [۲] لولہٕ نارٕے بال کیہہٕ زأ جھقس (بیٚیس جایہ) [۳] پأکباز (ق ن) موٕلہٕ گوٗلمت (ق ن)

(١٠)

یاد گییم ناد دِمے ہاے متیولو     ؤتہٕ وُچھان پَتہٕ ییمے ہاے متیولو

اَولے کیاہ بۄمرا وَتھس ہاے متیولو     اَدٕ کوو انٛد ترا وتھس ہاے متیولو

وُچھتہٕ کیاہ آوارٕ گیس ہاے متیولو     لولہٕ کتھو شرمہٕ مو لیس ہاے متیولو

رایہٕ چانے ہابہٕ رگجھس ہاے متیولو     خامہٕ گیاہ گوم یامہٕ لگجس ہاے متیولو

سارٕ ساماںہٕ ضایہٕ گییس ہاے متیولو     ہی تنٛ بہٕ ہا بہٕ گییس ہاے متیولو

شُرِی پانے ژٕوٗرٕ ژٕوٗلہم ہاے متیولو     سادٕ آسیس وادٕ ڈٕوٗلہم ہاے متیولو

مَتہٕ کرٕتم بے وفائی ہاے متیولو     سخت مُشکل دوٚن جُدائی ہاے متیولو

پوٗرٕ ساماںہٕ یوٗرٕ ییتم ہاے متیولو     نَتہٕ پانس نِشہٕ نِتم ہاے متیولو

یا اَگزٕ نہٕ دِل نوان ہاے متیولو     نتہٕ اَگزٕ نہٕ دوان دِوان ہاے متیولو

محمود سُن لول جونے ہاے متیولو

پتہٕ اَکے ییتہٕ سونے ہاے متیولو (اصلی موسیقی فن)

(١١)

مَتہٕ ییتہٕ سَبہٕ کرٕیو آلٕرے     کوٚہ کرٕ تھس مُژرے بو

یایہٕ بڈیو یایَس پیے ژٕرے     کوٚہ کرٕ تھس مُژرے بو

یاری سگے اَنتھ صوٗرٕ ژٕرے     ماٗرٕ مندیو جمال ہاو

وارٕ وُچھے ییتہٕ مے دٕرژٕرے     کوٚہ کرٕ تھس مُژرے بو

کوٚسہٕ سیچھے ویس آرز مرژٕرے     مَسہٕ چھویو امے مو زال

رٕسہٕ یتھٕ گوٚ ژھہم مےٚ ژٕ ے    کوٚ کرٕ ھتھس مُژٕ ے بو
کھاسہ لیڈرٕ کٕ برگے چھُرٕ ے    چھُکس سعورٕ گج یمبرزٕل

چانہٕ اٰمارٕ خُمارٕ ہیوژٕ ے[۲]    کوٚ کرٕ ھتھس مُژٕ ے بو
رٕنہٕ موکرٕ شرگنٕہٕ ژٕ ے    دولہٕ موپکھ مٕدنو

رمہٕ پٕہ تنٕ گاہ جہتھم واوژٕ ے    کوٚ کرٕ ھتھس مُژٕ ے بو
پوشہٕ مٕدنو روشہ موپکھ[۳] ژٕ ے    زان تو چھُے ثرٕ ہم سمسار

کاٰلی یکس روزسے براٰنژٕ ے    کوٚہ کرٕ ھتھس مُژٕ ے بو
باٰلی یاٰلی مے پھیر ییژٕ ے    گاٰلی کیتیشاہ ستمسارن

گاٰلی رٕ ٹھہ قیامژٕ ے    کوٚ کرٕ ھتھس مژٕ ے بو
یمبرزٕ ول[۴] چھس خُمارٕ ہیژٕ ے    بوٚمبرو اژھ مےٚ باغس

مایہ چانے چھس آرٕ گرٕ ژٕ ے    کوٚ کرٕ ھتھس مُژٕ ے بو
آرٕ وٚل چھس رتنگے رٕژٕ ے    خارٕ ھتھو کتھم گوٚ لا بو

لولہٕ نارٕ چھس دٕزٕ میژٕ ے    کوٚ کرٕ ھتھس مُژٕ ے بو
شب روز روز ہے آیژٕ ے    روز تمٕ ووٕ مشن للہٕ وٕ ھتہ

ژونٕ چھسے مٕلی ہیٚیژ مژٕ ے    کوٚ کرٕ ھتھس مُژٕ ے بو
ہی تنٕ ناٰو مےٚ ژیے کرٕژٕ ے    کن ھتھاو تو محمودس

کاٰلی صنوبرٕ گرٕ ھان ہیژٕ ے    کوٚ کرٕ ھتھس مُژٕ ے بو

---

۱ داہٕ اوٚش چھس ثراوان ییژٕ ے (ق ن) ۲ پتھ جنگلن فوٚ جمژٕ ے
(ق ن) ۳، ۴ یم نٕہ شاہ ژھ قلمی نوسخس منزٕ ے یوت۔

## ۱۳

اَستے اَستے باغہٕ بہرِ وۄتھراوس تے
گرٛزھ تے وۄسیو ییہ یار اَتھن اَستے اَستے

رۄشِتھ ژولُم غوٚچھ ملالہٕ کیاہ گوم تس تے
گرٛزھ تے وۄسیو ییہ یار اَتھن اَستے اَستے

آدن بٲرِچس وادٕ سٲرِس ناد لایس تے
بیداد کوٗر تمہٕ کیاہ سنا پیٚییہ تا پایس تے

یارے وادے بہٕ چٕکے بو آیس تے
گرٛزھ تے وۄسیو ییہ یار اَتھن اَستے اَستے

نوٗنگہ کستوٗرِ مُشکِ کو فورِ تن ناوس تے
مستہ وبہہ تمہٕ چھتر بوٗمن ہاوس تے

شہرِ گیلُن منتہٕ کرٕ تمہٕ چھس بےکس تے
گرٛزھ تے وۄسیو ییہ یار اَتھن اَستے اَستے

تس سٕنگ دِلس کیاہ لوٚگُس پہے مس تے
دیہ مےٚ درشُن شیرِ گوہ لاب ہی لاگس تے

رنگے رٕنگۍ نس پژنگ تہٕ پلنگ وۄتھراوس تے
گرٛزھ تے وۄسیو ییہ یار اَتھن اَستے اَستے

پژاران پژاران یارٕ دادی کرٕنس خستے
از چھُم یادُن شرٛاونس ہی باغس تے

نٲگی رایِس ناگرادَس پیٹھ زاگَس تے[۳]

گرٛدھ تے وٕٹھو یے یار اَنتن اَستے اَستے

شیریٖن ہنٛز پتے وُچھتھ کیاہ گو فرہادَس تے

ڈونگ تالہِ لوٚین پان موٗرٕن پننہٕ نے دستے

کیاہ لگہِ لأٔنس لانہٕ نیہے فسادَس تے

گرٛدھ تے وٕٹھو یے یار اَنتن اَستے اَستے

وُچھتے کیاہ گو لأٔلہ پتے مجلوٗنس تے

تمہٕ اوٚن لأٔگتھ شجدٕ دِتُن بار صاحبس تے

ہنے ہنے ووٚن دِتُن پیٹھ نجدس تے

گرٛدھ تے وٕٹھو یے یار اَنتن اَستے اَستے

مینٛزِ کور پتے وُچھتھ کیاہ گو صنانس تے

زُنار پرٛزون سور رُچھن پننہٕ نے دستے

ست ساس مرید خاصہٕ اٚسِس وَستے بستے

گرٛدھ تے وٕٹھو یے یار اَنتن اَستے اَستے

بالس تہٕ موکھتس منگ کیاہ رومہٕ دامانس تے

سازَس تہٕ سورمس کر کیاہ تیتھ سامانس تے

تس نے عشقن آو اَدہٕ کس کیتھ پأرادس تے

گرٛدھ تے وٕٹھو یے یار اَنتن اَستے اَستے

چھپٕ یتیمے سانہٕ وَتے مو یکھ جستے

خمارٕ ہیتیوسُن[۵] دِلہ مے نیو ھم جبس تے

محمود گامی زار دنان بادِ صبائس تے

گرٕژھہ تے ویسہ یار انتن آستے اُستھ

---

۱ اِتہٕ میصرٕ چھپنہٕ قلمی لعہ نخس منز ۲ رنگہ گنڈِن ۳ آغس پیٹھ پنِن گرادس میٹھ زاگس تے (ق ن)
۴ ژٕ مارٕ تے (ق ن) ۵ خمارٕ چشمو مسرٕ دِتھ (ق ن)

## (۱۳)

یژھ پھٕلیاہ یاوُنہٕ ہیہ لولو — بر گرٕژھو تھٕے اَدٕ نو ییہ لولو
وُنھکو غافلو نِشٕدٕ کے گرٕژھو بیدار — شین طرفن ژھانڈون پنٕنے یار
یار ژھانڈُن یہ چھُ بےپیہ لولو — یژھ پھٕلیا یاوُنہٕ ہیہ لولو
شُنہٕ وُٹھو تھٕے آغس کر بشدگی — بشدٕگی چھے پانو شرمندٕگی
قالو بلا سپدی بیہ لولو — یژھ پھٕلیا یاوُنہٕ ہیہ لولو
کھسو اَچھہ وَل پانو گرُو پارٕ او — کھنہٕ بل چھے ترٕاران وَسیہ وُنی ناو
سوَن موتُن پیالہٕ کُش چیہ لولو — یژھ پھٕلیا یاوُنہٕ ہیہ لولو
فرش مخمل اطلس بٕتیہ کمخاب — کاٗلی پانو ییٚتہِ تل ژراوُن ڈاف
اوُجہ تنہٕ ما پیم چھپیہ[۱] لولو — یژھ پھٕلیاہ یاوُنہٕ ہیہ لولو
مُنہٕ بٲئے دِتم نمرُودٕنی دَم — یور ژٕنے ہوی سٕے ہوی آیہ کم کم
ییٚتہٕ نوشداد، حاتم طیہ لولو — یژھ پھٕلیاہ یاوُنہٕ ہیہ لولو
ہا محمودٕ زان دُنیا تاوَن — کاٗلی نیرُن ییٚتہِ چھُے اُتھ ہاوَن

روز ترٕاران تیٚتھ سے شیہ لولو
یژھ پھٕلیا یاوُنہٕ ہیہ لولو

---

۱ چھپیہ = ؟

(١٤)

ژُوِد کوٚ ژوٚل ہیٚم ژھلو    یۆرِ وَلو وَلو باز
نادٕ سائلس نیمہٕ ہتھو ڈٲلو    پیرو نسیمہٕ صُبح نماز
از روزُ حضرت بلو    یۆرِ وَلو وَلو باز
خال ہاوِتھ دِل نیوٚتھ ژھلو    والہٕ واشِہ لوٗگ کتہٕ باز
زالہٕ زُلفے کِہتھٕ موٚکلو    یۆرِ وَلو وَلو باز
خُمارٕ مژٕ چھیٚے یمبر زلو    بیمارس کرِ زیمنہٕ ناز
نیاز مند جانہٕ درشنہٕ بلو    یۆرِ وَلو وَلو باز
تاپہٕ وُدِ یِن شین زَن گلو    مژ سینس چھم چانِ راز
کلہٕ وَندسے چھم چانِ کلو    یۆرِ وَلو وَلو باز
سیم تن کرِ ہتھم سترلو    زال منتس کِنٛ مو باز
کالی گرِتھک تیر زن ہٹلو    یۆرِ وَلو وَلو باز
ییلِ سمارنش اتھ چھلو    اَدٕ نو یور یِمو باز
سر نوِشتس نشہٕ کِہتھٕ ژلو    یۆرِ وَلو وَلو باز
مال نیوٚ تھم واجتس مولو    بال کِہتھٕ وہنی بیرے ساز

محمودس وادٕ مو ڈٲلو
یۆرِ وَلو وَلو باز

---

ء ا خمارٕ نوزک چھیٚے یمبر زلو ( ؛ اصلی موسیقی )

## (۱۵)

... ... ... کٔران نیازو[1] پٔر نازو بوز میأنی زار

چھک شمہکٕ پأٹھو سرفرازو ٹکھ سینی پروانہ وار

گئے دٕزِتھ کیٚنہہ عشق بازو پٔر نازو بوز میأنی زار

روے گولابہٕ کھعتہٕ چھےٚ نازو بوے واتی نہٕ مُشکِ تاتار

چھےٚ نہٕ بکار وسمہ تہٕ غازو پٔر نازو بوز میأنی زار

ہےٚ پوشہ نۆلو خوش آوازو نے واتی نہٕ نئے سیتارٕ

بٚییہ مولوٗم چَنگہ تہٕ سازو پٔر نازو بوز میأنی زار

نادٕ لگے ہو شاہ بازو بامہٕ اکہ پیٚٹھو ہاو دیدار

دام ژٕاڈِتھ نیوٗتھ پرٕوازو پٔر نازو بوز میأنی زار

اَتھ حوٗرٕژ اَسِر کوتہٕ نازو[2]

ژیٚنیے پتہٕ پتہٕ پیمہٕ شیرازو پٔر نازو بوز میأنی زار

کیٚتر شعہرٕ تھ جاۓنی در مرازو ییٚتر شہبادٕ بٚییہ کوٹھ ہار

ہیٚتر ییٚتمہ چھس جانبازو پٔر نازو بوز میأنی زار

مقصوٗدٕ[3] ہے ایازو محموٗدن اوے نو عار

شہسوارے ہا ترکِ تازو پٔر نازو بوز میأنی زار

---

۱، ۲، ییٚمہٕ بوٚرٕ مِصرٕ چھینہٕ وون تھان۔ ۳، اَمہٕ مِصرٕ پٔد گژھہ آسُن ع

محموٗد تہٕ ہا ایازو

(۱۶)

[۱] تاشوق چھُن چشمہ ماشوقہ میانے     میلتو لاٗل میرجانے سیتھو

میٖتھِ اوس ژٕسے یٖتہِ ازلنہِ لانسے     میلتو لاٗل میرجانے سیتھو

عشقُن دودُے زلیخا زانسے     میصرس وأژِےچانہ سیتھو

یأدہ کُتہِ گژھ کھنا یوٗسفہ میانے     میلتو لاٗل میرجانے سیتھو

عشقُن دودُے فرہاد زانسے     ٹونگ تالہِ لوٗیِن چانے سیتھو

کُس ہنیہِ یأغام شیرینہِ میانے     میلتو لاٗل میرجانے سیتھو

شیٖتھن کیاہ وُون تس ہیٖنزیانے     شیٖتھی ترأوم چانے سیتھو

دن ہوٗکی رٕچھنی اسیم لانسے     میلتو لاٗل میرجانے سیتھو

عشقُن دودُے منصوٗر زانسے     دارس کھوٗرُن چانے سیتھو

نوٗرُک مانے سُے ہو زانسے     میلتو لاٗل میرجانے سیتھو

گُلہِ چھی قدرِ بُلبُل زانسے     چمنن پھیران چانے سیتھو

گُلزار چھا وتو مہرازہِ میانے     میلتو لاٗل میرجانے سیتھو

عشقُن دودُے لاٗل ہو زانسے     نجدس وأژِےچانے سیتھو

دیوانہِ گژھمس مجلوٗنہِ میانے     میلتو لاٗل میرجانے سیتھو

عشقُن دودُے محموٗد زانسے     دوہ دِہن راوِس چانے سیتھو

فرمان چھونے سُہ کونہِ مانسے     میلتو لاٗل میرجانے سیتھو

---

[۱] کینژن قلمی نسخن منز چھُ یہ بأتھ قصے محموٗد غزنوکس اندس بیچھ دِتھ۔

## (١٧)

ڈیت مئے آلو جانن پاسنے    جان وندیوہا جبانانے
آبء قطراہ آ دریانے    ستشکم ہادر گو پاڈا
تتہ ستپنش شکل انسانے    جان وندیوہا جبانانے
قبر ہنیزے گیئم کنوانے    قبر ہنیزے تھبر اداں
گرڑ کنٹھو ہے نگاش نودانے    جان وندیوہا جبانانے
یہلو پچیہ پیبھڑ دیئہ موشرانے    گھوڑ چھپلنم اتھر تبھہ اسخاں
خاصیہ پانس ہا لگیم تانے    جان وندیوہا جبانانے
گوربل کُن کرئہ نتم روانے    شور سکرات دعہ بھہ کوتاہ
ساڑہ دل آسپہ نتم وداانے    جان وندیوہا جبانانے
بختیہ بوڈ اوس حضن سلطانے    تختیہ پینہ نے اوسے شاہ
گوس نیریھہ فوج دکاروانے    جان وندیو جان جانانے
حضن صابرس اوسے گمانے    ہیئے برابر آسیا کا تہہ
کیتمرا کو دول تمہ کے گمانے    جبان وندیو جانِ جانانے
حضن فاطمس اوسے گمانے    پاس میونئے دعن عالمن
سے شرویٹہ چھمم ہٹہ نیرانے    جان وندیو جان جانانے
افلاطون بنیہ لقمانے    تہم دعہ نونے اسودانا ہ
موت آکھ تئے گئے نوتوانے    جبان وندیو جبان جبانانے
محمود وہا نوتوانے    منگتہ تمرہے سائیس تل جالے

کر تورک سنتر تہ ساماۓ    جان وندیو جان جاناۓ

(۱۸)

دؤر بر چون بۂ نو ژالہ    جماله پیتا ئمو
اَسپہ وبنہ ہے کلہ والہ    مس دِھد چھو را او بقس
بس گوم آ سے پیالہ    جماله پیتا ئمو
تیر تانہ برگب لالۂ    بر دِل مےٓ بھودھ داغ
وؤل بقس بۂ زُلفہ تہ خالہ    جماله پیتا ئمو
بہ گرد ماہ چوں ہالہ    چھے گرد ڈکس سیتو
بژمر او بقس کمہ حالہ    جماله پیتا ئمو
فرخند فرُخ فالہ    کر ببشد نو آزی
خوشتہ شو پیہ ہے خوشحالہ    جماله پیتا ئمو
کیاہ چھک ژ ماران ڈالہ    داہ داہ مےٓ نیو بقم دِل
گل زن لجس زالہ    جماله پیتا ئمو
دِل نیو بقہ چھے حوالہ    دار پا بھوڑ رچھن چھے
موصُنم چھے خور ساله    جماله پیتا ئمو
چھہ تیر اچھر والہ    ہار نجہ ثبھے چھے
زینہ گیر رٹھتھ نالہ    جماله پیتا ئمو

فریاد دِوان نالہ
در یادِ تو محمود

## دود چون کوتاہ ژالہ
## جمالہ پتاُمو

---

۱۔ کلہ واشہ (قتان) ۲۔ ڈکس بیہٹھ (قتان) ۳۔ کیاہ چھکھ نوان ژھالہ (قتان)

(۱۹)

وَنتہٕ ویسیو تس اَن تسے عار      حالہٕ بالہٕ یار اَن تتنے
نوشن چھہٕ بلبلن پھولے گلزار      پوشن نوبہاران تتنے
گوشن چھہ عاشق در انتظار      حالہٕ بالہٕ یار آن تتنے
لٹہٕ اکہ دیہ نا ژھہ دیدار      ہٹہٕ کے موختہٕ ہاران تتنے
گٹہٕ منز گاش آو ژول گٹہٕ کار      خالہٕ بالہٕ یار اَن تتنے
سرو قدمیون یار خوش رفتار      برلب جوے باران تتنے
ہاوسہ چے ہن پیالہٕ نہار      خالہٕ بالہٕ یار اَن تتنے
نس رس یمبرزل چھس بیمار      مس پچھہٕ پرُخماران تتنے
لالس کتھو کرِم پیالہٕ نیار      خالہٕ بالہٕ یار اَن تتنے
مالہٕ موّت عاشق پرُخمار      سالس شالہ ماران تتنے
لالہٕ زار، آبشار تے پھوار      خالہٕ بالہٕ یار اَن تتنے
رجہٕ تیر بمہٕ چھس کماندار      سیتہٕ آہو شکاران تتنے
رُمہٕ رُمہٕ چھم درکار ۓ      خالہٕ بالہٕ یار اَن تتنے
شِلہٕ شونت پاکباز پہیزگار      دِلہٕ کےُ قرار اَن تتنے

وِلہ زار وُنی توس اُنی توس عار — حالہ بالہ یار اَن تتنے

تنہٕ تن لاگس وُنس زار — للہٕ وُن درکنار اَن تتنے

شرُکہ پان لوٚکچار چھم ہوٚ زنار — حالہ بالہ یار اَن تتنے

بوٚزم شیچہ سِنٛدٕ لُکھ ژرِسوار — سِیٛتو نیمن ژرار اَن تتنے

محمود گامی وَنان زار — حالہ بالہ یار اَن تتنے

---

۱ء یوٚرٕ ہٕرکٕ چھُنہ دوہ ہقان۔

## (۲۰)

آبس اَندر نقشاہ زانتو خابس خیال میلنے لالو لو

تیل بل نالس ساٗلاہ کرٕ دو نالہٕ چھے مالالان میانے لالو لو

شالہٕ مار باغس گیاہ جان پھُلیاہ نوٚٹ دولہ بیون چھُ سوٗل

باغِ نِشاطس نازٕ تماشا سعہ لانکہٕ روٗز چھے سوٗل میانے تنے لالو لو

غارٕن بیتی چھیرن ڈیوٗ ٹھکہ غارتہ سیٛتو مو زال

ہیچان زُلف چاٗنی ڈیشام دوٗرے ٹُلی وانکہ چھے زن وال میانے لالو لو

یارو نیٚنہٕ چھس بارو دِوان مارو وٚل ہم نال

دوٗر ہیرٕ چانے ہوٚلہٕ چھس گلان پٔرٕ ژھ ٹھکمیٛنہٕ کیاہ چھے شال میانے لالو لو

دِلس داغ ژاٹھم اَمے لٔولہٕ چانے شوٚبان کیاہ چھی خال

متیوٗ لُکھ سو بو زالہٕ چانے مُہس رٔژ سے بال میانے لالو لو

اوسُم تمنا ژٔے سیٛتو پیمہٕ نا موصم چھس خوہ رٕ سال

محمود گامی مُشتاق ژٔے کُن ماشوقہٕ ہاو تم جمال میانے لالو لو

## (۲۱)

ییٖنہٖ بوسہٕ ہاتی پیوم ستہٕ رسنے    کیاہ کرٕ اَمہِ کھعتہٕ مرٕنے جان

تور کٔشتھ کینہہ گوڑھ حاصل کرٕنے    وآصلس تمہٕ سٕتی وٕزاو اَرمان

وٕنہٕ کس ورزنہٕ داو چھُم ترٕنے    کیاہ کرٕ اَمہِ کھعتہٕ مرٕنے جان

دِلہٕ گرٕشھ لا اِلٰہ اِلا اللہ پَرٕنے    شُلہٕ پان یارسٕ مِلہٕنادان

زٕرٕ زٕرٕ کرٕتھ نمَ دود چھُم زٕرٕنے    کیاہ کرٕ اَمہِ کھعتہٕ مرٕنے جان

کھتہٕ کٔشتھ چھتہ میون چٕکرٕ چادرٕ بَرٕنے    زیٖٹھ چھُم موتِنہ وٕتہٕ پکوان

تمہٕ غمہٕ رٕتھ تہٕ ماز ہٕیوتم ہَرٕنے    کیاہ کرٕ اَمہِ کھعتہٕ مرٕنے جان

اَز نتہٕ کالی اَخرٕ چھُم مرٕنے    کوٕ زانہٕ کہتھ پاٹھو نیرم جان

کانہہ وٕن[۱]    کیاہ کرٕ اَمہِ کھعتہٕ مرٕنے جان

یُس زانس کیاہ مونس ڈٕرٕنے    وٕتھوٕ پٕرٕ کُل مَن علیہا فان

شُرٕ پان محمودٕ گرٕشھ راوٕرٕنے

کیاہ کرٕ اَمہِ کھعتہٕ مرٕنے جان

---

[۱] پُرٕ مِصرٕ چھُنہٕ وٕتہٕ تھان۔

## (۲۲)

مَتہٕ ژٕل تہٕ وٕیٖسوے نُبتہٕ ناے ژالہٕ    اَز سالہٕ انتَن بالہٕ یارٕ[۱]

بونیکہٕ باڑرٕ[۲] نی نمَ ڈالہٕ    کوٕ زانہٕ کس سیٖتو گوو یارٕ[۳]

اُلفَتہٕ وُجنَس زُلفہٕ تہٕ خالہٕ — ازسالہٕ اَنتَن بالہٕ یار
کرتَس گوشَن کیٛا بہٕ سمبالہٕ — روشان چھُم تے آس نے عار
توشان کرٕ ہَس پوشن مالہٕ — اَزسالہٕ اَنتَن بالہٕ یار
سأئی لَس نیمہٕ ہَن تیٖل بل نالہٕ — شیرِس باغ لاگَس سبزار
لأل چھَس پڑاران ہامتہٕ لالہٕ — اَزسالہٕ اَنتَن بالہٕ یار
رَسہ رَسہٕ چیٖیہٕ نامہٕ کَس پیالہٕ — کَس وَنہٕ تَس روٗس چھمنہٕ قرار[4]
ویٚسو ییٖ یارٕ دود بتہٕ نأے ژالہٕ[5] — اَزسالہٕ اَنتَن بالہٕ یار
بوز محمود و روز خوش حالہٕ — شوقہٕ چانہٕ راضی چھُے سردار[6]
مقبولِ حق چھُک با اقبالہٕ — اَزسالہٕ اَنتَن بالہٕ یار

---

ع۱ ہٕ ژلے ویٚسو ییٖ بتہٕ نأے ژالہٕ — سالہٕ اَنٕز تون بالہٕ یار
(کشمیری موسیقی۔ ن مہجور)

ع۲ بوٚنِکہٕ ناگہٕ راہ (ک۔م) ع۳ میوٗلم یار (ک۔م) ع۴ کس وَنہٕ چھمنو بوزن ہ ر (ک۔م) ع۵ ویٚسو ییٖ یارٕ دادِ نارٕ پان زالہٕ (ک۔م) ع۶ شوقہٕ چانہٕ ییٖہٕ ماشوقَس عار (ک۔م) ع۷ یہٕ شار چھُ کشمیری موسیقی تہٕ ن مہجور مترِ یےٖ یوت ــہ

دأد کرلہٕ نے دِتی دردٕکہٕ نالہٕ — سنہٕ وِنی سنہٕ وِنی وَنہٕ ہَس زار
ژٕٹہٕ ما یِردہٕ تہٕ رٕٹہٕ ہَن نالہٕ — حالے اَنٕز تون بالہٕ یار

# ۲۳

متہ سوران آم یاوُن ییے    للہٕ وُن ییے ھتوٚو نم نار

پیٖرٕ رٔہبرٕ گژھہ کرُن ییے    پیٖرٕ ہادی سیرٕ اسرار

پیٖرٕ روٚس نا واتان کُن ییے    للہٕ وُن ییے ھتوٚو نم نار

حضرٕ آدم ییتہِ لوٚدُن ییے    دوٚپن روٚحس اژھ اندر

واد ڈیٖت نس بٔیسہ نیرنوٚن ییے    للہٕ وُن ییے ھتوٚو نم نار

کھارٕ وانہٕ گژھہ بستہٕ دمُن ییے    شستریس سپدی سعون

کھسہ کہو چیہ نیرٕ بٔیوٚن بٔیوٚن ییے    للہٕ وُن ییے ھتوٚو نم نار

یہٕ چھُہ ڈری یاوشرنہٕ کھوتہٕ شروٚن ییے    گنہٕ لوٚب مس شُم نیتہٕ نار

عشقہ ڈری یاوِ گوس دیرہٕ وُن ییے    للہٕ وُن ییے ھتوٚو نم نار

درتہٕ فوطس معول بٔیوٚن بٔیوٚن ییے    نیرٕ ژھارِ ہٕ دُر شہوار

زانہٕ سُے ییمہ لال اتھہ اوُن ییے    للہٕ وُن ییے ھتوٚو نم نار

گرٕ یس نیرٕ شیندہٕ ماہ میتھہ چھوٚن ییے    پھیرٕ کیشاہ ستہ در بازار

خشدہٕ کرٕ نس ہیبیہ مند چھُن ییے    للہٕ وُن ییے ھتوٚو نم نار

دشہ ہیہ اکہ چھُسے گرٕ گرژھن ییے    وشہ ھتوٚ نما غفلو گژھتو بیدار

دتہٕ خرچا سیتو گژھہ ہیٔون ییے    للہٕ وُن ییے ھتوٚو نم نار

ہیے سوران آم یاوُن ییے    برٕ کرٕ انس گلِ انار

ژامہ باغس واو ہرُدن ییے    للہٕ وُن ییے ھتوٚو نم نار

محمودو چھک کن زوٚن ییے    کُن ہیکہِ کھادوون شُند بار

ہُر کرِتِن صاحب کُن ییے　　　　للہِ وُن ییے تھوٚونَم نار

(۲۴)

مو روز غافِلہ بے خبر　　　　لۆسِتھ مێنِ مۆر تراوی لر
مل گُو موت ییلہ تراوی نظر　　　　اُچھن ییہ ہم کنن زر

نتہ یور کاتھہ نو روزِ نیبر　　　　لۆسِتھ مێنِ مۆر تراوی لر
ییلہ مۆے والہِ نم قبر اَندر　　　　حسابس ییِنَم نکیرو منکر
سنگ دِلہ تنگ ما چارم قبر　　　　لۆسِتھ مێنِ مۆر تراوی لر
ییلہ رتم مۆرن میون دفتر　　　　گعہ نہ ہن میانِن گۆنہِ اَثیر
یم گوناہ کھۆتھ یو پانہ برسر　　　　لۆسِتھ مێنِ مۆر تراوی لر
اکھ لچھ ژۆوُہ ساس پاۓ غمبر　　　　قدمن تہہِ شرن ونِد ہاسر
معراج کرتھ آیہ سائی سر　　　　لۆسِتھ مێنِ مۆر تراوی لر
غافلہ قافلس سِتۍ سکھر　　　　منزل چھ دۆر نہ واتو کر
تورِچ خبر یۆت واتہ کر　　　　لۆسِتھ مێنِ مۆر تراوی لر
اُس ییلہ مۆرِی جنتس بر　　　　لا شریک کانسہ نو تراو نیبر
دَم دِتھ محمودن ونِی یہ خبر　　　　لۆسِتھ مێنِ مۆر تراوی لر

(۲۵)

کوٚ دِل زولتھ نارے　　　　آہم نہ دو بارے
ہرگو اوسے ناعارے　　　　زڈ تھم لولہ مرگذارے

ازل زور وارو اوس نۃ چلے — آہم نۃ دوبارے
ڈُھٹ رژہ فلی ڈند موختۃ ہارے — کرکہ تا گُفتارے
طوط کہتھن کمن بوداے — آہم نۃ دوبارے
کوت گرژھک ہا شہسوارے — بال ہا توری لارے
پکھ نتۃ ہے یان بوماے — آہم نۃ دوبارے
ڈ نیچ اُسپس ہا دیودارے — جاہل و نتم تتبہ دارے
ژ ڈھتھ تراُدنس ہا قداورے — آہم نۃ دوبارے
وھتو محمود گرژھو ژرارے — تتہ چھی بڈی علمدارے
دمون جہانن سُے دیتارے — آہم نۃ دوبارے

(۲۶)

روزنۃ کُس آدمیاتے سے — رسائے نیونم قرار
کھش ہیلی کوئ نے اِسمار علمسے — ژھاول گو اِظہار
نرِ ژنگہ ژچہ نے راجہ زادسے — رسائے نیونم قرار
یو تپیر کُٹھتو کو ریتھ شمہسے — ژھاران پروردگار
دیدار دیشت نس بیٹھ عرشسے — رسائے نیونم قرار
سوندے سور گوم شُرکر پانسے — رر ما دورہر چون
مرما کرکیا فراقسے — رسائے نیونم قرار
فان میلو کری کُل عالمسے — واوس دیہ یختیار
واوچھُے تابے ملائی کسے — رسائے نیونم قرار

تار میٛ دِتہٕ مو ڈٔری یاوٕ ہئے — تور چھَنہٕ واتان ناد
تورِ چ خبر چھےٚ ذاتِ پاکس — رَسائے نیوٚ نَم قرار
محشرَس مأدانہٕ حساب ہینَم — عدلس پٔہتھ آسہ ذاتھ
دیدار دِزِہم محمود ہئے — رَبائے نیوٚ نَم قرار

(۲۷)

قدمن داہئے شاہٕ لولو — اَز پیہ محمدؐ پانہٕ لولو
سعد رگیچھن حوٗرن اوس تمنا — آسہ چھُنہٕ وُچھمت محمدؐ زاہ
پیپرس رۄہنہٕ داماہٕ لولو — اَز پیہ محمدؐ پانہٕ لولو
یُس آسہ محمدؐ ثنا ہیوٚ زان — تُسے مَرِ پیزِ پٲٹھو باایمان
تس آسہ رُت نشانہٕ لولو — اَز پیہ محمدؐ پانہٕ لولو
ہا زمین دار وکھوین لاگ کھٔراو — آلہ دِو زمینس پیچھے پیلے جاو
اَصلکُ ؤوی زِ یس دانہٕ لولو — اَز پیہ محمدؐ پانہٕ لولو
قوہ درٔتھ تمی شینزٕ وُچھتہٕ کیٛٹراہ — پھلہٕ ہئے نیران کیٛشاہ ہیٛنڈولاہ
باگران تی آو پانہٕ لولو — اَز پیہ محمدؐ پانہٕ لولو
محشرن مأدان کھۄ بیابان — تَحتھ ؤتہٕ دو تُمُ یچان شام
سےٚ تریَس آسہ بانہٕ لولو — از پیہ محمدؐ پانہٕ لولو
فاٚ ہنو سیرِ حق موشراو نوٗرن — بے شک ذات پاک زانٚ کٔن
دہ پیراو آسہ ہئے بانہٕ لولو — از پیہ محمدؐ پانہٕ لولو
خوچہِ یارہٕ بانہٕ چھےٚ ناو تران — حضرت بل کٔن آسہ لاران
دیدار ہاوان پانہٕ لولو — از پیہ محمدؐ پانہٕ لولو
محمودٕ کرتو شہ وقت یاد — ییٚیلی ہو واتی تورک ناد

سوداچھانہٕ دوکانہٕ لولو    اَز پیٖہِ محمدؐ پانہٕ لولو

## (۲۸)

دُنیا چھُ غمہٕ سٕتۍ گرٕ لولو    پانہٕ میانہٕ تی کرٕ ہیرٕ لولو
دُنی یاہس آیاہ کمہٕ کمہٕ جوان    افسوس تِم تہٕ گےٚ اتھٕ مورانِ
تھرِ کوٚب زن گےٚ بڑٕ لولو    پانہٕ میانہٕ تی کرٕ ہیرٕ لولو
اُدرے تتہٕ ییٚلہٕ ژٔلتھٕ کفنَ    قبرِ منٛز وٲلِتھ کرٕنَم دفن
دفہ درٕنَم دوہ شوٚے لرٕ لولو    پانہٕ میانہٕ تی کرٕ ہیرٕ لولو
قبرِ منٛز وٲلِتھ کرٕنَم تلقین    موتُو کیشاہ چھُ چھُون دُنیاتہٕ دین
کلمہ یےٚ تمجبد پیٚرٕ لولو    پانہٕ میانہٕ تی کرٕ ہیرٕ لولو
کَدلَس تَل آسہ دوزخُن نار    عدلس بہشتھ آسہ ملک الجبار
نَہٹہٕ چھُم کہتہٕ پاپہ ہٹہٕ ترٕ لولو    پانہٕ میانہٕ تی کرٕ ہیرٕ لولو
شمہٕ ہس پوٚنٛپرٕ کرہ مے گنٛتھ    مونن تھاوِم نہٕ کانٛہہ فرصتھ
عشقہٕ نارٕ دٕوٚدُم شاہ پیرٕ لولو    پانہٕ میانہٕ تی کرٕ ہیرٕ لولو
پیرو محمودٕ چھےٚ بے سنٛتھ    پیرو کرٕہو زٕہم تتہٕ وِسالِتھ
پیرو چھُسے بے ہیرٕ لولو    پانو تی کرٕ سٕتۍ ہیرٕ لولو

## (۲۹)

حبلہٕ ہاوِتھ تمبہٕ لاوِتھ ژٕ دٔلکھہٕ ترٛاوِتھ دِلبرو
ماہ روخسار ژٕورِ تھاوِتھ ژٕ دٔلکھہٕ ترٛاوِتھ دِلبرو

لأل آیس مالہ ترأوِتھ [1]

میل کاگدس واتنأوِتھ ژوٗکھ ترأوِتھ دِلبرو

زُلیخا یہ گوکھ واد تھأوِتھ یوسفو پأغمبرو

تمز مِصرس واتنأوِتھ ژوٗلکھ ترأوِتھ دِلبرو

گوکھ شیرینہ واد تھأوِتھ فرہادو ڈأنبلو

آب کوہس واتنأوِتھ ژوٗلکھ ترأوِتھ دِلبرو

زُونہ تارکھ مِلہ نأوِتھ آفتابے گاشرو

راتھ دوہ گوکھ مِلہ نأوِتھ ژوٗلکھ ترأوِتھ دِلبرو

ہیٚ مالہ گوکھ واد تھأوِتھ نأگرائے ششدرو

ناگہ بلہ آکھ تن نأوِتھ ژوٗلکھ ترأوِتھ دِلبرو

آو محمود یِژانتھ تھأوِتھ در روز محشرو

اَتہ سردار معہ کِہ لأوِتھ ژوٗلکھ ترأوِتھ دِلبرو

---

[1] یہ مِصر چھِنہ سورُے دوہ تھان۔

## (۳۰)

| | |
|---|---|
| بۆرِم دِتھ ژولمُتے تہ یہ ماڈیوٗ نیٖٹھ وَن [1] | شمشاد قدِ زیبائے لولو |
| نوٗرِ [2] رہہ رُخ ہأوِتھ دِل نیوٗم ژورِن | دوٗرِن چھُکھ ماران گرائے لولو |
| گیاس آرزو کرنے پیرس [3] | پھیرس نہ میأنی مائے لولو |
| دار دار ڈٲنی توس دیوِ عار پیہ تس | ژھاران یار آسِ آئے لولو [4] |

دؤی پگرناہ سپتو تن دار زائے جنم　　سؤر گوم میلم نائے لولو ۵

سائیں جنم پیہہ رتھ بندرن پھیؤرس　　میلم نا گنہ شائے لولو ۶

پیہہ نا ماشوق دپہ نا درشن　　ہپیہ تن میاڑی گئے خائے لولو

وتہ چھم نہ مولام تؤری پتہ لارس　　وچھ ہس کتہ چھس جائے لولو ۷

زاگیتھ رہ ہمن وچھ ہمن کتہ چھم　　لاگیتھ مچہ تے مائے لولو ۸

چھم منہ کامن پٹہ ہس دامن　　عشقن لاگس نیائے لولو ۹

دوہ عیدام تے سونہ ہس پاغام　　بونہ نا سنہ زار کیائے لولو ۱۰

پیہ دی وتہ نیو دؤہے کرہ وسے　　مستؤری ونہ ہے ژھائے لولو ۱۱

جبس سندی پاٹھو لنگہ پھیرویں　　کونگہ تؤری کری نموخلائے لولو ۱۲

تسے تہ داہ ساماہ پیہ رتھ ڈرایس　　تم تہ ہو کری نموضائے لولو ۱۳

ییٹلی یوہ داہ تم تیٹلی ترو ونجہ نیرس　　سیتہ ہیتھ ژونز تہ دائے لولو ۱۴

اخس اندہ کی اندی سالاہ کرہ ہس　　اند کنہ منز باگ جائے لولو ۱۵

خشیتھ رونہ وسس مل کگ موتس　　ژچہ تم دوہ سہ قلائے لولو ۱۶

قوران پہ یوم آسئے آسئے　　دوزخس روز نا ژھائے لولو

دائین اطلس تہ کمخاب پیہ رتھ　　پانس سور ملہ نائے لولو

شنزیاس لاگس پتہ پتہ نیرس　　وچھ ہس بو پوت ژھائے لولو

سونہ تشہ زاٹیانہ موختہ جالہ　　صدفک کرہ ہس پائے لولو

نتہ تؤری گرزہ ہو دو شئے نیرتہ　　بیہمہ ہو کنہ جاپہ ژھائے لولو

رو خسار سوو تم خسج آیینس　　زائے جرنس عشقنے کرائے لولو

پؤری کنو ڈیو تنہ مہ ماہ زن تابان　　نؤرانہ پیٹو مت پٹہ ژھ شائے لولو

تتہٕ سۆرا پوشن فلکیاہ بۆج ہرٕ — باغس کرٕ ہیراسے لولو

یوٗسف دراوُت ہیر بازارس — یارس اُز میلہٕ نا سے لولو

مِصرس نٔرہ پیو دہ ہیہٕ کھوتہٕ جاوٕسے — اُکتابہٕ ردٕ ہت ژھاے لولو

بیہتو گنڈرو کرہ میون پاسے — سنڈرہٕ ہٕ کرٕتس منا سے لولو

کوم تنتبہ لاگو چھ ژوہلے ژاو چھ — کمہٕ سنہٕ ونیت نس دا سے لولو

کتس زانٕہ اُندِ ژھم دود بالہ یاو چھ — کمہٕ چھم بتہٕ نے را سے لولو

ژوٗر یار ژولمُتے تہٕ ما ڈیو تھون — دۆران چھ ماہان کرا سے لولو

محمود گامی عشقہٕ ہٕ دٕتہٕ پیچھ — میلہٕ منا رہنما سے لولو[۱۸]

---

۱۔ بہ ژم دِچھ ژوٗل نے ڈیوٹھن نا سے (چھ۔ ن) ژوٗر یار ژولمُت تے (بیاکھ نوسخہ) ۲۔ دِدٕ نہ سنخ (چھ۔ ن) ۳۔ ویرے قہنز سے گرہ بتہٕ دژاییس (ن بیاض مہجور) ۴۔ یہ شار چھپنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۵۔ وُچھ ہن یوجایہ جاسے لولو (چھ۔ن) ۶۔ سنتو پیچھ ژونیرٕ تہٕ داسے لولو ۷۔ یہ شار چھپنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۸۔ یہ شار تہٕ چھپنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۹۔ لاگیتھ چھم شیر ما سے لولو (چھ۔ن) ۱۰۔ یہ شار چھپنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۱۱۔ سمی تو سے ڈگ نور وہے کرہ و تے۔ سنگرن بالن ژھاسے لولو (چھ۔ن) ۱۲۔ ۱۳۔ ۱۴۔ ۱۵۔ ۱۶۔ یم شار چھپنہٕ چھاپی کتابہٕ منز ۱۷۔ سور پوشن = ۹ ۱۸۔ محمود عشقہٕ ہٕ وٕتہٕ کن چھ لاران۔ ژھاران اکھ رہنما سے لولو (اکھ پرون قلمی نوسخہ) بییس پژانس قلمی نوسخس پیٹھ چھ نوم شار لیکھت سہ

بے عار یارن دِل ژوٗر نیوٗ نم — ڈیپ توس پور دیب لاسے لولو

ہول کوم جگرس تمہٕ سنہٕ لمسے — دولہٕ دولہٕ بکہٕ نا ژھاسے لولو

ہاوُن دل تس باوُن حال جچھُم یاوُن مے کوڈنم خدایئے لولو
ونتہٕ پُیٹھ یار میون وتہٕ لوٚگ رتہٕ نے کمہِٕ سُن وٲنِ تس دایئے لولو
میکیس محمود آوارہٕ گوٚمت کرِ یارہٕ ستو ہایئے لولو

## (۳۱)

کرِ کتھ منز وہٕ ٹھندس جاے
مے نو ماے مشی زاہ[۱]

بدن میون عشقنو کرٲے تتھ منز وہٕ ٹھنتٕ تلیتھ مے
ڈیٖتھ گوس کوٗرُم نہٕ واے مے نو ماے مشی زاہ

شاہد ہیمہٕ ونی روز اسے زاہدشا نتہٕ تیہٕ ریشر
ژلان اُسوٕ تہٕ وَلنے آے مے نو ماے مشی زاہ

مو ماڑ ماڑ زُلفن کرٲے یارہ ماڑ کوٗر بتھس بو
گیُم ہائی سیسھا[۲]راے مے نو ماے مشی زاہ

ہیرِ گوٗندہٕ سرو پاے چھیرِ ہتہٕ پتے ژٹے
نیرِ وُچھنے پوٚت ژھاے مے نو ماے مشی زاہ

مے مو تیرِ مژگان لاے وَنجرٕ بُمہٕ کمانیے
خنجر زَن مے دِلس آے مے نو ماے مشی زاہ

ٹکوٗسنے رُمہٕ ریشُن آے مے چھُم چون تمنا
ارمان ہائی تیم کُس ڈراے مے نو ماے مشی زاہ

---

۱ء تہٕ شار چھِ اصلی موسیقی کتابہٕ منزٕ یوت ء۲ شہار راے (اصلی موسیقی)

## (٣٢)

یہ کمۄ یارٕ وٕنٕنۍ دٕاسے مۍ سہتو ترٲو ملائے
فقیرس یِتہٕ فقیر ہاسے مۍ نوماے مُشی زاہ

یۄ دوسے میون بوز کھ نیاسے روز کھ ساینہٕ سوٲلے
صوٗرتھ چانی بہٕ وۄچھہاسے مۍ نوماے مُشی زاہ

سندیوم زۄتہٕ کرمیون پاسے گنڈ یارٕ گارتھس بو
اٰنہٕ ہم نالانیشہ غیاسے مۍ نوماے مُشی زاہ

چھتو چھینہ پیالن چاسے ہتو کاٗلی مٔرن چھے
ہتا اڈ کنتھ کہتھو زاسے مۍ نوماے مُشی زاہ

پتہٕ نہٕ یارٕ رونہٕ آسے ژھو کاٗلی مزارس
ژٕرتھ ہۍ چھے پیوان ہاسے مۍ نوماے مُشی زاہ

بہٕ نو ژھسہ پہٕ لاگے ماسے چھٕنو دود ژھیوان مۍ
ژٕ دولہٕ چنگ و رباب واسے مۍ نوماے مُشی زاہ

دٕ چھتو یور کنتھ کہتھ آسے محمود گومتانے
ژٕ مولاگ بے پرواسے مۍ نوماے مُشی زاہ

## (٣٣)

روشہ دولو پوش ہو بہٕ لاگے | گوش تھاوتم وَنہٕ یو زاری
وۄنی دمے، وۄنی بو دمے | لولہٕ باغس وۄنی ہو دمے

یئیتہ چھوہ اَکھ تواَت بو پیمے — مئتہ مسیانیو لگہ یو پاَرِی

شانہ ژُلفن کورُتھ ییمے — شارِخ شمبل ہتون ہتین تے

پانہ زانکھ یہ کیشاہ وَنے — جان وو دِلس چھم بیقراَری

یمبرزل چھے خُمار برتھ — شرمہ سیتھو کلہ بون گُنڈ کرتھ

ہرنہ گیے در جنگل مرتھ — ماَرِتھ یم چاَنی چشمہ خماَری

لولہ کرتل لاَے ژھتم ژھونجے — یتھ واَنجہ کرتھم کھنجے

بالہ دِل چھم نہ روزان ڈنجے — سخت لوے ژھتم زخم کاَری

پردہ ژٹتھ چھک درہ نیمے — زانہ نے، یم واقف گیے

پانہ ہیرتھ چھک ہرشیے — اَسہ کُنے چھے پردہ داَری

زِہ زاَ جنتس کوتاہ ذرے — مئتہ کرتس ہمی زن برے

بُر کرتس ووذی کتہ ذرے
یوز محمودس نالہ زاری

(۳۴)

یس ماشوق دُکہ دِتھ ژلہ نے — تس تہ نو زاہ بلہ نے داَدی

شالہ ماَر ییلی لالہ زار پھولہ نے — ساَلہ ڈل توَت واتان ساَری

چھوہ کیہ لد ہیے نیا مژ ڈمہ لہ نے — تس تہ نو زاہ بلہ نے داَدی

یار ژھانڈان ییس یاد پھولہ نے — اَسہ لاران زن فرِیادی

تس تہ یِد وے اطلاس ولہ نے — تس تہ نو زاہ بلہ نے داَدی

پانہ واَنی باند معہ کلہ نے — واتہ قیدن خطہ آزادی

یُس یارٕ پیٚنٛزٕ سے ٲیہٕ آو وٕلہٕ نَے [1]   تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داٛدی

بار غم ہیہتہ شمشاد بلہ نَے   تارٕ کَمٕ کَمٕ جبہٕ فَرہٕ ہٲدی

تَس یارس یار روٚد میلہٕ نَے   تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داٛدی

شاہِ یوٗسف میلِم مولہٕ نَے   گیہٕ فلواہ دُختر عاٛدی

عشقہٕ تبرے سیتو آیہ ٹھلہٕ نَے   تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داٛدی

داٛدی لدِس دوہ دِہ کھوٚر ژھیلہٕ نَے   ژھوٚکہ لگہٕ تَس دٕیہٕ چھم ماٛدی

کٕو سیتو تَس آدٕ شہلہ نَے   تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داٛدی

دادٕ سیتو بٕس اُستخان گلہٕ نَے   کرٕ کشیاہ تَس بزمٕ شاٛدی

کھتہٕ تہٕنزے ادٕ کمٕ لوٕلہٕ نَے   تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داٛدی

ییٚتہٕ یارٕ سٕندی سمبُل آلہٕ نَے   تُتہٕ گو بنْدٕ سٕہ شیخ سعدی

کانٛہہ تہٕ مِعہ کلیو نہٕ امہٕ آولہٕ نَے   تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داٛدی

اَنٛہٕ ڈٕیہٕ میٚلی روٚہ یہٕ تھُم آلہٕ نَے   ادٕ دٕیہٕ ہکھ ژٕیہ نِم نہٕ اٛدی

عشقہ جوشے ہوش یَس ڈٲلہٕ نَے   تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داٛدی

محموٗدو بوز تَتہٕ بلہٕ نَے

چھے درپیش عشقہٕنٕز داٛدی

یَس ترٕوٕ نٕہ روزٕ قدم ٹھلہٕ نَے

تَس تہٕ نو زاہ بلہٕ نَے داٛدی

---

۱؎ چھوٚکہ دِتہ (بیٚیِس جایہ) ۲؎ مالہٕ داٛلی توٚت واتان سلاٛمی (بیٚیِس جایہ) (ق ن) ۳؎ تیمَن نیامٕژ بروٚنٛہہ کنہٕ ڈولہٕ نَے (اَکہ بروٚن قلمی نوٗسخہ) ۴؎

باڈ واتہٕ ییٚلہ باڈ موکلہٕ نے (قان) ۵ کینژٕن (قان) ۶ یس

یارس یار روٗد میلہ نے (قان) ۷ نہ وھہ وھہ ییٚتہ چھم باٗدی (قان)

۸ تتہٕ بند گوٚ تیتھ شیخ سعدی (قان)

## (۳۵)

اَندرٕ نا ییٚتھ عشقہٕ نیایس تہٕ لولو
نشہٕ مارتس کنہٕ زایس تہٕ لولو

یارِ مارنس لاٗیتھ تیر عشقُن
یارٕ کرٕ نم دل جگرس تہٕ لولو

ماے لوسم چشمہٕ وَتہٕ وُچھانی
یارِ لگہٕ مارہ چانس تہٕ لولو

پتہٕ پتہٕ پیمہٕ ما وَتہٕ چھم نہٕ موطلُم
پتہٕ لِللہ پیہ تہٕ پایس تہٕ لولو

زبتہٕ عشقُن للہ وُن پیومُت چھم
ژالہٕ کوتاہ باٗلی بیکس تہٕ لولو

زیر و بم تلہٕ سرٕ کوٗر مردو خق
لے تھاٗوکھ سینتو شاہس تہٕ لولو

جانہٕ جانے نوٗرس جلواہ دِتھ
دوہ ماہہٕ اکہٕ گوٚ سوٗر طوٗرس تہٕ لولو

پوٗرٕ ساماںہٕ ما وتم نوٗرہٕ النور
یارِ جاٗنس ژوٗرٕ روزنس تہٕ لولو

ناگ ہیمہ پوٚجوٚین تہٕ ناگن بیٚنھ
جان ڈیٚدیو باغ چھاونس تہٕ لولو

تاب چھُمنہٕ خابے مُنزِ ما وتم پان
بلاے میاٗنس پیش اَنہٕ نس تہٕ لولو

عاریمی نے وھنی میون چارے کرٕ
لایہ نایان منز مارس تہٕ لولو

لولہٕ کرہٕ ماے روٗف لولہٕ باغس منز
متہٕ کرتم پوہ مارس تہٕ لولو

لیہٕ لوسم وُچھان پیہ نا یار
بھرٕ یاوُن نرٕ آلوس تہٕ لولو

آم سوران یاون ماے گوم
پوہ مارس تہٕ دوہ بوٗنستہٕ لولو

لالہٕ لوے کتھم سینس لولہٕ خنجر
گوم پنجرٕ کو وسعہ نڈرس تہٕ لولو

ڈیکہٕ چھُونےٚ زوٗنہٕ کھوتہٕ تابٲنی    گمہٕ شوٗبان بُمہٕ ؤنجرس تہٕ لولو

چشمہٕ آہو چھا کن معوے خانے    اُلفہٕ کُرے آے نستہٕ خنجرس تہٕ لولو

عاہٕ رستیو پٔرارتے کوٗتاہ کال    کہتہٕ کھٲے چھقس پیچھ دارس تہٕ لولو

کامہٕ دیوو پامَن تھٲو تھمہٕ چانے    آم طوفان غام دژایس تہٕ لولو

کتہٕ ژھارُتھ وتہٕ وتہٕ وُچھا نی    مَتہٕ روشتم یتہٕ آہستہٕ لولو

یِژِھ چانے لاجوم سعہ متہٕ ساز    یِژِھ چانے کژانہٕ دژایس تہٕ لولو

دادٕ چانے دمہٕ دمہٕ چھُس ریوان    خم ژامو قدہٕ سَروس تہٕ لولو

دوہ درٕ گوم پژاران عشقہٕ متے    گاران ژیپے باغ چھاونس تہٕ لولو

لالہٕ کوتاہ ژالے دوٗرہٕ چون    پان مارہٕ ییتھ کوہِ قافس تہٕ لولو

ہاوِ ہاکس سنہٕ ہاو جگرکو داغ    سَر وندٕ یو آتھ ناوس تہٕ لولو

دوٗرہٕ ہاو تم متے للہٕ روے انور    حوٗر لگہٕ یو پورہٕ ماہس تہٕ لولو

وولہ ہاوے کلہٕ چانے کیاہ گوم    شُلہٕ دژایس چانہٕ ہاو سنہٕ لولو

کتہٕ روٗد ہم متہٕ ثبتہٕ توٗرہی یمہٕ ہا    زہٕتہٕ ہیومُت چھُم سینس تہٕ لولو

تتہٕ ساقیو متہٕ ووٗنی پژارہٕ نادتم
دِتہٕ داماہ محموٗدس تہٕ لولو

(٣٦)

ناوِ سأئلس سعہ ندرا دژاے لو    مار زُلفن مو مار گژاے لو

نوٗرہٕ بشرٕ ژے وتہٕ واں دژاے لو    ڈیکہٕ گنڈی گنڈی سأئلس دژاے لو

طاس ہیر ہیر کر آسہٕ بلاے لو    خاصہٕ پانس ماران گژاے لو

خوش پسند امبر بائے لو — سازو سامانہ کرِتھ دراے لو
تازہ عاشق وٕ لکھ مائے لو — پیشوازن ماران گراسے لو
عشقہ مزٕے اشراف بائے لو — مشرب دِتھ شامن دراسے لو
سیتھو ستھ ہیتھ ژمہ شنز کیوداسے لو — محبتہ مالنٕ چھسے ماران گراسے لو
مارہ منز پان گژِاتس کیاسے لو — کأر لوٗسم تہ بأدنس داسے لو
مألِ سنٛگار کرِمہ حتم ضاسے لو — وأل کتنٕ چھِہ ماران گراسے لو
باغِ نِشاط چھِہ کتھ شاسے لو — توٗت عاشق رنٛگہ رنٛگہ دراسے لو
چھپنہ بیالنٕ چوان چاسے لو — مس کھاسیتھ ماران گراسے لو
لالہ بابہ مألس گیاسے لو — لالہ ژھاران ہیم ناسے لو
ڈالہ نِوان فقیر باسے لو — ڈکہ مالنٕ ماران گراسے لو
سأل کران لوٗسم پاسے لو — لأل کرہ نامتھ سندہ پاسے لو
تیلاٰ بلہ نس کم کمہ جاسے لو — رنٛگہ ناوٕن ماران گراسے لو
حضرت بل خیمنے ژاسے لو — محمود سس چھِہ تمو سند ساسے لو
سبے أنز راوِ لانہ نسیاسے لو — شامیانٕ چھِہ ماران گراسے لو

## (۳۷)

مأرِ منٛدسے مدن وارو

کرساٰ میون نیاسے انٛدسے — ونہ آہم یہ وفا دارو
ژھونڈ مکھ ہنہ ہمنے — مأرِ منٛدسے مدن وارو .
گوٗژھ ہم مئے ترونھِ گنٛے — یارہ میانہ ستم گارو
شبہ آکہ نیور پیتم

روشہ دیدار دِتم — مأرہ منڈے مدن وارو
سوہتہ چھُم پامہ دِوان — کامہ دِوو حبانا وارو
تتہ ووتم مےٚ دِوان — مأرہ منڈے مدن وارو
دل و جان نیوٗکھ ژھلے — بنیہ وننہ بہ کیشاہ دارو
پینہ حیاتہ شمبلے — مأرہ منڈے مدن وارو
کوٚ چھک دوٗر ژلن — مےٚ گےٚ حیاتی کل وارو
کرکیشاہ لأنی ژھلن — مأرہ منڈے مدن وارو
خستہ دِل گیمہ خراب — مسہ چھوکھس شراب خارو
چھاوتو ہی تتہ گُلاب — مأرہ منڈے مدن وارو
کوٚ کرکھس بہ گٹے — ہیٚتہ تتہ کے موختہ ہارو
گنڈ تھو اکہ لٹے — مأرہ منڈے مدن وارو
ژھونڈ مکہ سر حدن — کوٚ نال کھتم بدن نارو
تتہ ووتم مےٚ ودن — مأرہ منڈے مدن وارو

آو محمود گدا — ندارد نان زور اہ ارو
بوز تم بہر خدا — مأرہ منڈے مدن وارو

(٣٨)

دمہ دمہ چھم حیاتی کل گنن — بشنو عزیز جان من
مشتاق گو مے صورژہے — دِپ تم یہ صورتھ کمی دِژہے
نور تجلا چھے منن — بشنو عزیز جان من

مےٚ اوس چوٗنہُ آرزو　　روٗزِتھ پٮ۪ٹھ وُچھہ مے روبرو

تی یارٕ چھُمنو زاہ بنَن　　بشنو عزیز جبان من

مَس کھاسی چشمن چھُے خمار　　ڈیشِتھ یمبرزلہ گے بیمار

چھی ہَرنہٕ رٕوزِتھ مشرِ وَنَن　　بشنو عزیز جبان من

زاگِتھ ژٕ سگے دل نیوٗ تھم ژھلے　　کس وٕنہٕ کیاہ کرٕ کوٚتہ ژلے

زِشتے موہ جُنبتھ ہا ژھینن　　بشنو عزیز جبان مَن

شہمار زُلفو دوٚل مےٚ زال　　اُلفتہٕ رستیو وُچھتہٕ حال

بُچھنس بۂ دولے وُچھہ تَن　　بشنو عزیز جبان من

ابرو کمانے کشن مہٕ کر　　تس ماہ مُنڈرِ بے کھشن مہٕ کرٕ

یِتھ تیرِ مجگان یم سنَن　　بشنو عزیز جبان من

غم غوچھہ ژِراُدِتھ توشتم　　ناحقہٕ تتہٕ سأ روشتم

مورُس بۂ اُم جائی روشنن　　بشنو عزیز جبان من

نوزُک کمر چھُے اُوسے　　مہ تہٕ کھوتہٕ دارا ناوٕ دے

ژھینہٕ نُک بیم آمین پِتَن　　بشنو عزیز جبان من

شیرینہٕ فرہادُن ہتہٕ وس　　افسوس گو تس خسروس

بیچارہ مور کوٚل کھینہٕ تن　　بشنو عزیز جبان من

فرہاد تہٕ مجنون بٔئیہ فنا　　شیرینہٕ تہٕ لأل گے کوٚت تنا

کیاسن تمن کیاہ گے وَنَن　　بشنو عزیز جبان من

بینہٕ روٗد ہم یارو سینے　　سلے نو روزان چھم زنے

دود آم دوران ماز چھینن　　بشنو عزیز جبان من

سرو خراماںو ووہنو　　کوکل پریشانو ووہنو

دِل چور ھئو کۄہ دامنن　　بشنو عزیز جانان من

پھیران لۄسیس کۄہ بہ کۄہ　　ژدان وۄتھم ہانچہ دۄہ

ژٕ یاد میون گۄو نا کنن　　بشنو عزیز جانان من

(۳۹)

پانہٕ میانہٕ غافلہٕ اَنے　　مَنز مَنہٕ اوسرنا وَنے یار

وارٕ ووڈس نارٕ عشقنے　　خارٕ کرِتھ گوم تنہٕ نیگار

پارٕ پارٕ گوم مٔے ہِنہٕ ہِنے　　مَنز مَنہٕ اوسرنا وَنے یار

جوش دِتک پوش زَن چھنے　　ہوش نیرِتھ اَدٕ مۄتہٕ چھوونے خار

وۄدٕ بلبل لگہٕ وۄچھنے　　مَنز مَنہٕ اوسرنا وَنے یار

خالی بنجرٕ مۄر میلہٕ چھونے　　گرِتھ وۄبالی جانانا وار

کالی دِتک اَدٕ شُس گۄنے　　مَنز مَنہٕ اوسرنو وَنے یار

یارٕ شندے دود یس سِنے　　کارٕ نشے پیومت بیکار

وَنہٕ سِمے یس پانس بنے　　مَنز مَنہٕ اوسرنو وَنے یار

برد تھٕ پتے سوزن دِوہ گنے　　نورِ نعہ دا وۄچھتن آشکار

یمی سرِ سے تی برد تھٕ کنے　　مَنز مَنہٕ اوسرنو وَنے یار

کتہٕ بیو ٹھک وتہٕ پکونے　　وَتہٕ تہٕ اوسر زینہٕ پنن کار

یِلتہٕ یِ چھپہ تتہٕ تی سنے　　مَنز مَنہٕ اوسرنو وَنے یار

پان پنن یس پزنے　　خانمانس وانس بیزار

جان جاناں چھُس بڑٕ نیچھٕ کنے — مشہ مینہٕ اوی نو وَنے یار

مھنوٚ دس بیٚلی گل گنے — مولوٗدس پننہٕ نیس وَنہٕ زار

تس نتہٕ اَدہٕ کُس ونے — مشہ مینہٕ اوی نو وَنے یار

---

۲۷ (ق ن) کنے اَدہٕ کُس کأنی دَیچھہ ؟ = بہنے گوٚ کُس ادہٕ ۱۷

ڈُنی ہُ دِمُس ستنٕ ووٚ گنے۔ نوٗرِ ظہوٗر وُچھُن آشکار یہی نبر تی مشہ تنے

(ق م)

(۴۰)

یارٕ میانیو مارکن مشہ یان ہوٗ وُتھ تی پَزِیا

تارکن مشہ ماہِ تابان مشہ چھیوٗ وُتھ تی پَزِیا

گُل رخس بیچھ چھُے زُٹے مِئل موے سُنمبل دستہٕ زن

گو پریشان بُلبُلن دِل تمبلوٗ وُتھ تی پَزِیا

اے کمان ابرو بہ رمزہ تیرِ غمزہ لوے خمٕ

باشہ کران عاشقِ بیچارٕ پوٗ وُتھ تی پَزِیا

در کمندِ کوکلِ تو گو دلِ دیوانہٕ بند

مار زُلفو سیٚتھ عاشق مارٕ نوٚ وُتھ تی پَزِیا

در تمنائے وصالت راتھ دوہ دو تم وُدان

میانہٕ کھوتے دُشمن من دوس تھوٚ وُتھ تی پَزِیا

میانہٕ یارسے عشقہ نارسے زول ہکس بو تشنہٕ لب

رُشکہ میانے خشکہ بندا پیالہٕ چوٚ وُتھ تی پَزِیا

نازنینا، ماہ جبینا مہ حرم راز اوس ہم

بار رقیب دیو سیر بتھ سیر بووُتھ تی پزیا

آغہ میانیو ناگہ راون ہیہ چھسے ناگمہ ہیوان

داغ دِل بھووُ بھم ژئے کس ستھ باغ چھووُتھ تی پزیا

کیشہ پأراوُتھ مے ژئے کیتھ شیشہ بری برِی بھاوی

ویشہ بیون یار ژئے پانس نشہ سووُتھ تی پزیا

سرو نازا پاک بازا شب بیأزی باگدام

کوکل وبشد قبا ژئے مرِ روُتھ تی پزیا

از جفائے من نفاہ کینہہ اوی نوائے بیوفا

عاشق بے چارہ محمودکیا نہ ژرووُتھ تی پزیا

## (۱۳۱)

ہا ژِلا ژوُل ہم ژوُرے
راہ روو بھم شوُرے پان

ما رِ متے یوم بھم موُرے
ما رِ کرُ بھس، ہے ارمان

خور ییتم لہ وُتھ موُرے
راہ رو بھم شوُرے پان

کور کھسِتھ ژوُل ہم گوُرے
پاد لوُ سیم پیتہ لاران

کتہ روُد ہم رؤشتھ دوُرے
راہ رو بھم شوُرے پان

چھوکھ چانی چھم شوقہ ظہوُرے
سہ کھ مہ کھ چھم لگھ گیلان

اُسیہ وون کرُ سینہ سموُرے
راہ رو بھم شوُرے پان

پان ناون گومہ نگہ کستوُرے
ییتہ چھاونہ وندہ ہے جان

چھانہٕ ٹھ کمہ نو روزِ بستو ے   راوٕ رو تھم شوٗرسے پان
ژوٗرِ ژٕندٕن موٗلم رشہ پٹے   ہیہ پیچھ داٗن پوش شوبان
ہے کیشا گوم سوٕ ہچھ تھوٗ سے   راوٕ رو تھم شوٗرسے پان
دَے نےَ دِیہ ڈیکہ نٕ ٹیپٹے   ڈیکہ مڑھ چھپنہٕ گُن پوشان
نمہ ہیتین تمنا ہوٗرسے   راوٕ رو تھم شوٗرسے پان
یہ ٹیلو صاحب لوٗ دُست لوٗسے   گژھ کُکلُ مَنْ عَلَیۡہَا فَان
چون فراق چھُم تالوٗرسے   راوٕ رو تھم شوٗرسے پان
کتہٕ ہارسے ویرناگ ڈوٗرے   تتہٕ محمود چھے آسان
پان ہاو تم ژوٗرسے ژوٗرسے   راوٕ رو تھم شوٗرسے پان

---

۱؎ سمبوٗرسے = سمبراو

(۴۲)

سگنے پاٗرہ سر کرِتھ نثار   روز تم یارٕ بوز تم زار
ژہے چھیم گُل تہٕ ژہے گُل زارٕ   بُلبُل نالہٕ دِوان سگے
گژھان گُل ہر موٗژان خارٕ   روز تم یارٕ بوز تم زار
باریک جُمہٕ سپھیے تلوارٕ   مارِتھ رُمہٕ رُمے کِینتو
سے چھُم چون سیٹھا آمارٕ   روز تم یارٕ بوز تم زار
گرِ یوٕ پرِنگ ژٕندٕن دارٕ   ونِدہے جان وجِگر ژسے
سوٕ ندرِ سر ژسے رزّس کتہٕ شُندارٕ   روز تم . یارٕ بوز تم زار

شوبان کیاہ چھے زلیخہ ہاء
دولتن حیائی موزس بو

ڈولان کیہو چھہ آئد مزاء
روزتم یارء بوزتم زار

وول ھتھم ژھے کالہ شہماء
پچھتس بال وچھتہ میون حال

کرتھس لولہ کرتیخ ہاء
روزتم یارء بوزتم زار

دیت ھتھم برم جو دگاء
ژلہ ون دود للہ ون چھم

ژھلہ موژل گیموگاء
روزتم یارء بوزتم زار

چشمن کوتاہ چھے خماء
غشمن حیائی موزس بو

ہیرے پرنگ ہنگہ طوماء
روزتم یارء بوزتم زار

یمبرزول چھس لولہ بیماء
بومبرس کتھ سائ تھماسے

وچھان لوسس کوتاہ پراء
روزتم یارء بوزتم زار

یارسے میانسے گل آنار
ہی مال ہاء کرتھس بو

وائ جتھس مولہ زائ جتھس ناء
روزتم یارء بوزتم زار

سنے ہے کری ھتھم جگرس پاء
لارسے پتہ مارسے پان

آتی روزتہ شہسواء
روزتم یارء بوزتم زار

سورنا کائنہ رؤد شماء
سارنے سورخسنک چاو

کینہہ گے وار کینہہ آواء
روزتم یارء بوزتم زار

یاونیز ژھوہ مار دوہ تاء
ہارس کاکی سپنان غان

بہارس بتیہ ہیتم لو کپاء
روزتم یارء بوزتم زار

یکھنا یارء بتیہ دوباء
تمنا نیر محمودس

مرنہٕ چانے بنٛیہِ چھُم نارو — کنہٕ یارو ژٲو ھتھم لَر

شوٗبہٕ ونے گُل انارو — چشمہٕ سیاہ ہُمہٕ وکجر

وُکھ رٲژھ فلُو دَند مو خستہٕ ہارو — کنہٕ یارو ژٲو ھتھم لَر

باغہٕ جنتکہٕ ہے گُل زارو — چھُے ژٔٹے پوان بوٗیہ عنبر

ہا چھاوتو گُل انارو — کنہٕ یارو ژٲو ھتھم لَر

پرٛنگے گرٛیو ژٔندن دارو — پاسے کرٛیو منگ مرمر

شوٗبہ ہی کیشاہ ماہِ انوارو — کنہٕ یارو ژٲو ھتھم لَر

سور روٗد ستٕ کس سمسارو — سیتی آئی ہُجہِ گوہ نٛدر

سعہ نٛدرِ ژٲوِ ھتہ شرٛوٗی تم مز ارو — کنہٕ یارو ژٲو ھتھم لَر

محمودٕ چھُے در انتظارو

برٛنل چانہٕ ژٲوِ ھتہ لَر

مر ونٛدیو سہ سر دارو

کنہٕ یارو ژٲو ھتھم لَر

منتہٕ ژٕلتم از منتو ژٕلتم[۱]

ہتہٕ لارے منتہٕ مجلوٗنو

سانہٕ آنگن دزوُن شمہا — روز دٕماہ منتہٕ مجلوٗنو

لٲل دٕرایس سعہٕ ہتہٕ سانٛے — مہنارازے منتہٕ مجلوٗنو

خام اسیس پامن لٲ جھتس — کامہٕ دیوو منتہٕ مجلوٗنو

---

(۱) امیہ بانگُک بیاکھ روٗپ چھُ گوڈے ہیُس جایہ دٕرج۔ یہ بانٛتھ چھُ ن ۱۲۸۴ ہٕ ن وہنزِ سے یوت۔

موں کا ستم لول ہو آھو    قولہ سارے متہ مجلونو
گوڑ کڑیو گوڑ ہو کڑیو    دوڑ فتلے متہ مجلونو
پان وندیو جان ہو وندیو    جانہ پیرسے متہ مجلونو
کیاہ منگہ بہ مائیس نہ جاچے    ڈاڑہ باسجے متہ مجلونو
لائہ مڑشے جیئلہ[1] ہو گوڑھم    سائہ متے متہ مجلونو
محمود مس تا شوق چیونے    ماشوقو متہ مجلونو

## بیاکھ بائٹھ[2]

مئے بڑہ بڑہ تھاغوں مے پیالو    ڈلو لالو پچے ہم نا
پیالہ بڑہ بڑہ مالا مالو    سالہ پیتہ موچھے سوالو
چوں دوڑہر کوتاہ ڈالو    ڈلو لالو پچے ہم نا
پچھ خمیتہ نیہ یس پیئے ہالو    تمہ سیتین تش بینہ کیاہ
اوش تراوان ڈالو ڈالو    ڈلو لالو پچے ہم نا
مرتہ چپانے دمہ ٹا نالو    لولہ وائنجہ کھونم چپاہ
ازلے بہی اوس پیتھ کالو    ڈلو لالو پچے ہم نا
پیتھ وانس آسے حالو    تھتھو وانس پیر کانھہ
پیتھ نہ آسان تتھ چپھے خالو    ڈلو لالو پچے ہم نا

---

۱۔ جیئلہ = ؟

۲۔ یہ بائٹھ شیخ (ن ل) (ن ۳۰) منڑسے بیت درج۔

محمود چھ دوان نالو
انتظارس پیٹھ چھے در راہ
دلہ روشن پیٹھ چھے اکھوا لو
دلو لالو پیٹھ چھے ہم نا

کراں آس وائے مجنون وائے مجنون ۔۔۔ ہُو اللّٰہ پوّرنہ اَکھر زُو تہ دِتون[1]
یام مجنونن مرنس بوز خبر ۔۔۔ آو لاران رٹن نالہ قبر
وۆدُن واراہ لۆدُن تمۍ سۆر تے ساس ۔۔۔ ڈیان اوس میانہ لاگے کیاہ بنیتہ آس
عاشقن بروٚنٹھے رٹن وتھ ۔۔۔ کرے پننۍ پوری سندی پاٹھین بچھنگتھ[2]
مرنی وقتن یہ کوّر تس ناسنا یاد ۔۔۔ آہ افسوس کو ناہ گوم بیداد
ڈیان اوس نالہ دِوان سۆتۍ یارس ۔۔۔ ڈیان اوسے غزل کم منز مزارس[3]

## باتھ[4]

مجنون پرارن لاگہ ہنز مائے
ڈیپتوس بیٹیہ میلہ نای کیاہ

مجنون رُوز تتہ بجدس ژھائے ۔۔۔ ووجدس لاگہ ہندس اومت کیاہ
شھجدس یارہ سندس چھان ژھائے ۔۔۔ ڈیپتوس بیٹیہ میلہ نا سے کیاہ

---

[1] جان ودل نیوّن (چھُن) [2] یہ شعر چھ صرف ۱۲۸۴ نوِ نسخس منز۔
[3] یہ شعر تہ چھُن ۱۲۸۴ منزے یوت [4] یہ ناٹک باتھ تہ چھُن ۱۲۸۴ نہ تہ احسن شاہ نس نوِ نسخس منزے یوت۔

لو کچار میونے کوّر تھکن صناے — لو کچار یارنس گوزنہ کیشاہ

کتس وَنہ یار دود کرِ ہُسے ہاے — ڈُپی توس بیّنیہ میلہ نائے کیشاہ

ہاٗلس تہ ہاجے کہتہ کہتھ زاسے — زاسے تہ پانہ واٗنی جُدائے کیشاہ

اَز تہ لِہ ژٔسے تہ ہسّے ازلُن نیاے — ڈُپی توس بیّنیہ میلہِ نائے کیشاہ

مے مرلتھُتے میون کیا چھُ پاسے — بیّتہِ خانہ وَتہ تیکھ ہاوے کیشاہ

سَہتہ چھَم چاٗنی مے روز ژھاے — ڈُپی توس بیّنیہ میلہ نائے کیشاہ

گچھ کُھڑ چون چھُم گوٗمت صناے — لچھ بزَن سوٗندرَن گوٗمت کیشاہ

وچھنچ اَچھ دِرائے مے وزژھاے — ڈُپی توس بیّنیہ میلہ[1] نائے کیشاہ

یرگے ہمبرزول تُوبرن پاے — ڈُپی توس بیّنیہ فعولہِ نائے کیشاہ

بوٗمبرُ ژھاران نس جایہ جاے — ڈُپی توس بیّنیہ میلہِ نائے کیشاہ

شیوٗد روز بیّنیہ دِتہ دوٗرن گرائے — نوٗر چانہ کیشاہ تراوِتھ گاہ

حوٗرن منز باگ رٹھتھم جاسے — ڈُپی توس بیّنیہ میلہِ نائے کیشاہ

محمود چھے کران آیہ تہ پائے — کتے رہ بہتہ شاہنشاہ

شاہ چھُم بہتہ منز باغ ژھاے — ڈُپی توس بیّنیہ میلہِ نائے کیشاہ

کرے مجنوٗنی رِنگے رنگہ زاٗری — لاٗلہ بیہتھ پاکھ اٗسس دوس واٗری[2]

قبرہ بیہتھ نالہ منتے[3] باکھ تراوٗن — لاٗلہ ہندہ مول جامن چاک دیوٗن

کوٗرُن یادوس لاٗلا پتولاکن — کوٗرُن یادوس واٗصل ذات پاکن

---

[1] بیّنیہ فعولہ نائے کیاہ

[2] یہ شار چھُن ۱۲۸۴ منز ے یوت[3] ڈاپھ (چھُن)

قبرگے وُزِتھ ژاو قبرِ اندر　　وُچھن اَفتابہ پیمبرِ لال سۆندر [۱]

وُچھن درخاب اندر مست بےہوش　　تِمن واراہ ہیمبرن باخوشہ در آغوش [۲]

دِتن تس مِیٹھو پانس ہنہ ہنے　　وُچھن میکلو لال پیمبر برونٹھ کنے [۳]

دوشوے جائے ژٹکھ لامکانس　　بقائے چھکنہ اَتھ ہنہ جہانس [۴]

شور ووتھ دوون قبیلن کرٕکھ زاری　　اُس پزٕر پاٹھو یمن دوسداری

وُپرکھ فاتح کورکھ الحمدُ اللہ　　تِہنزے پایہ گئے ہند گو کھ تسلاه [۵]

مرنہ پتہ مرنہ چشمن گاش سوان　　مرنہ پتہ اشناون آش سوران

مرنہ پتہ گیہ کیتیاه خانہ واران　　مرنہ پتہ کاتھہ پتہ تمن ناو سوان [۵]

مرنہ پتہ ساری داران یارتے پاے　　مرنہ پتہ وُچھتہ گژھان جوہ جدائے

یوز محمود کیتیاه گے عشق بازی

حقیقت دراو ظاہر از مجازی

---

(۱) ن ل تہ ن ۴ ۱۳۰ منز چھ اُتھ جایہ نوم شار لیکھت ۔

قبرِ پیٹھ اوس کران گریہ زاری　　یوز تام دوہ دوہ ماجہ آیہ ساری

اسے اوس حق نہ رودے لالا　　مرتھ تل گئیہ سیتھس واویلا

وائی خاموش خانس لالہ ہندس　　دراہ تس پتہ بہ کتہ طوطہ کلس

ڈیڈ پدان آیہ دوپ ہس ناو کیاہ چھے　　کتیاہ چھک کتہ اوسکھ کتہ تلتھ ہے

دوپ چھہ تمو ڈیڈو دانو چھس بہ مجنون　　لالہ پتھ عاشقا اوسس بہ مجنون

کران اوس گتھ تہ محشر اوس پوان　　ژالہ کوہ ڈالہ نوان منز گوشن

۲، ۳، ۴ پیم شار چھ ن ۴ ۱۲۸ منزے یوت ۔ ۵ مرنہ پتہ چھے پتمن ناو نیران

(چھ ن) مرنہ پتہ خانہ مالین خرچ سوران (ن ل)

عشقنی دود کوتاه جبان ووونجه

لاله کن عشق بازس مال اونجه

صورتو نشه ما سنی گزدحه بوزن　　　صورتن بیتا احلا چچنه روزن

غنیمته زان ایام جوانی　　　عاقبته گور چچه دنیای فانی

---

۱، ۲، یم نشار چچرن ۱۲۸۴ تن ومنزه یوت.

# منصور نامہ

حمد دپ تس یُس چھُ اللہ الصمد — لم یلد، یولد و لم کفواً احد

بعدِ حمد و نعت و صلواتِ سلام — بوز وَنٔنے[1] قصۂ عالی مقام

اوس در بغداد منصورِ حلاج — عارِ فن تہٕ عاشقن ہُند اوس تاج

پانژہن ؤریین ستہٕ اوس مردِ دین — بعد ازاں گو محوِ ربُ العالمین

اَندرٕ پیٚتھ برے، ہیوٚر بون اللہ سپُن — چھُس خُدا بے، چھُس خُدا اَتھ ہیوٚت دین[2]

قطرٕ دریاوے وحدتُک یوٚد سمجھ — کُل دریا یا قطرس منز چھُے بسمجھ

نہٕ کُنہہ لوگ کرٕ نہٕ بے خوف و خطر — سمجھ عالمو نیکہٕ شاہس سوے خبر[3]

شیخ منصور کافرِ[4] مطلق سپُن — من خدا ایم من خدا اَتھ ہیوٚت دیُن

در شریعت واتہٕ منصور مارنے — دارٕ پیٹھ واتہٕ نارس زالنے

دوٚپ کھ سلطانن نصیحت یہ کرِس — کیہہ دِمہٕ فتوا بہٕ تہٕ ہند سر مارنس

خمتن دادین چھِ کٕنہٕ میانہٕ دوا — قوطبہٕ شُند بارن کوتہٕ حکومت روا

---

۱۔ باوے (ن ۱۳۲۶)(ن خ)

۲۔ چھُس خُدا بے چھُس خُدا اتھ ہیوٚت وَنُن (چھاپی نُسخہ)

۳۔ عالمو دوٚپ سمجھ شاہس سوے خبر (ن خ)

ن ۱۳۲۶ منز چھُ یہ شارٕ درج ہے شیخ بُڈ مُت قطرٕ منز دریاوے
عنا..... اندر آبہٕ سے ۴۔ فائنے مطلق (ن خ)

محوِ مُطلق ہے فنا فی اللہ گوٚ [۱] — قطرِ گوٚ آبس تہٕ پھیرِتھ نیرِ مو

جائے ہلوٚ منصوٗر روٗٹ بے حکمِ شاہ — "اِنّہٕ اشمی" تیمن ہیوٚٹھ چھیٚے گواہ

دٕ چھیمٕنو کھو ویرہِ برونٹھہ پتھ خلق خوٗدا [۲] — بے گوناہ منصوٗر و وِگتھ عیدگاہ

چھُس خوٗدا بے، چھُس خوٗدا تمی ہیوٗت ویٚپُن — شکلِ منصوٗر سارنے خلقن نیٚپُن [۳]

جائے ہلمن نِش شیخ منصوٗر گوٚ جُدا — زوٗن خلقو شیخ چھُہ مرد خوٗدا

مند چھہ ہتھ آیہٕ پھیرِتھ گرٕ گُن — کینژنہٕ دُپہہ پتنہٕ شیخ منصوٗر ڈراو نوٗن [۴]

وٕتہٕ پتہٕ بیٹھے موٚد مت طوطاہ تُلن — یام دوٚ پتس زِندٕ گژھ تامتھہ نیٚپُن [۵]

گوٚ پرہی لاگتھ دوٚپُن بے چھُس خوٗدا — گاہ جوانِ چاردہ سانہ چوٚ ماہ [۶]

ہر طرف اِنی اَنل حق تمو دوٚپُن — کوٗچہ و بازار خلقو ہیوٗت سمُن [۷]

رنگہ رنگ صوٗرتھ گرِتھ صوٗرتھ پرس — گہ سرِ بازارِ رُسوائی نشست [۸]

---

۱) چھاپی تہٕ ۱۳۲۶ نوٚ سخس منز چھُہ یہ مصرع یتھہ کنۍ ع محو احد ہم فنا فی اللہ گوٚ

۲) پتہٕ بوٗنٹھے وچھینہٕ تمو خلق خدا (ن ۱۳۲۶) کیاہ وُچھن تمو برونٹھ پتھ خلقِ خدا (ن خ)

۳) ہیوٗت اَنل حق، بے درنگی تمو وَنُن — سارنے خلقن تہٕ ہندے مہکھ نیٚپُن

۴) مند چھیمتو آیہٕ پھیرِتھ شہر گُن — کینژنہٕ کالی شیخ منصوٗر ڈراو نوٗن

چھاپی نوٚ سخہ

۵، ۶) یم زٕ شار چھینہٕ جبار خان نس نوٚ سخس تہٕ ن ۱۳۲۶ منز ۷) چھاپی نوٚ سخس منز چھُہ یہ شار یتھ کنۍ لیکھت — ہر طرف اَنی اَنل حق نوٗن دوٚپُن

گاہ بڈ لوگُن گہے موٚصم سستیٚپُن ۸) یہ شار چھینہٕ جبار خان نس نوٚ سخس منز.

کینٛہہ پٮ۪تھ لارِتھ لگِس وۄن پادٕ نے ۔۔۔ جان دوٚنٛدٕ ہٮ۪س توٚتہٕ ہٮ۪شہٕ ہس لادٕنی [۱]

کینٛہہ پٮ۪تھ لاران اَسِس ازدغا ۔۔۔ کرِ یٮ۪ے اَتھٕ قادٕ کرٕ ہون مُبتلا [۲]

رٕٹہٕ مُکھ طاقتھ تہِمَن نوٚکاشِنہٕ آو ۔۔۔ اوس یا نوٚرِ خدا یا اوس واو [۳]

آو منصوٗر ژاو پانَے قادٕ خان ۔۔۔ ژاو در زِندان سیٚٹھا شادٕ می کران [۴]

ژھوٚن ہیٚتن قیدٕ ین دوٚنٛ نیٚرِ وٕ نیر ۔۔۔ سارٕ ہر گے آزاد بے خوف و خطر [۵]

ژرائی بیٚلۍ وۄچھ حال آں رٕشیخ کُبار ۔۔۔ دوٚپُن شیخَس ژٕ ییٚے پٮ۪تھ کرٕ سرنثار [۶]

قادٕ خانس منٛز اَمِل حق تمہٕ دوٚپُن ۔۔۔ عالمی منٛز نِش آشکارا تی ہیٚپُن

---

[۱] یہ شار چھُنہٕ جبار خان نِس نسخس منٛز۔ اکینٛہہ پٮ۪تھ لاران اَلگِس دوٚن پادٕ نے اَتھٕ بیٚیہ ناتور ہیٚشہٕ ہس لادٕ نے (ن ۳۶) [۲] یہ شار چھُنہٕ جبار خان نِس نسخس منٛز [۳] رٕٹہٕ نُک طاقتھ تہِمَس نادٕ کاشِنہٕ گو۔ شور و غوغا گوٚ چھ د بازار بیو (ن ۱۳۲۶) [۴] جبار خان نِس نسخس منٛز چھُ ییٚمہٕ آیہٕ لیکھت ۔

روٚٹ کِہ منصوٗر اَنہٕ نو وکِہ قادٕ خان

ژاو در زندان سیٚٹھا شادی کران

[۵] ترین ہیٚتن قیدٕ ین دوٚپُن نیٚرِ وٕ نیر (ن جبار)

[۶] اَمہٕ شار پتہٕ چھُ جبار خان نِس نسخس تہٕ خلیل بابہٕ نِس نسخس منٛز یہ شار درج۔ یُس نہٕ مےٚ صحیح چھُ باسان ۔

گرٛزھہ تہٕ نیٚرِتھ چھُکھ ژٕ موا شُنہ توٚتھ

دوٚپ سہ شیخن کرٕ پانس پانہٕ کوٚتھ

کیو نېټه کالے د اوس منصور قائد خان — گاه عبادت گاه انا الحق تس بیان

عمل ته اوی هس حق شناسس نائلی تے — اُچھ گنډی هس کھوپ کړی هس تے[1]

چھک ته پانے کس کران چھکت نماز — کس به کړې چھس کران پانس نیاز[2]

مار بنک فنوا تہمس ډیټ عالی مو — تانی منصور قائد خان هېچھ غائب گو

لا دوه پڼ فائی سید از خویش گو — دوه پېنه الا الله پادا بېیه گو

اُډ یوټ کال اوس منصور قائد خان — ساس رکعت اوس پران جیلی خان[3]

خلق ساړی گے سمجھ نزدیک شاه[4] — شیخ منصوران کوړے عالم تباه

داتہ مارن یوډ گرڅهی دینِ نبی[5] — ماړ هئن نے رد گرڅهی دینِ نبی

شبلین با حضرت سید ووتن — شیخ منصور از هیچ تکھ داریں لدن

نزدِ منصور گو جنید در قائد خان — بر زبان انی انا الحق تس روان[6]

حضرت جنیدن دوه پښه منصور و متیو کھ[7] — از حدیث عشق هیگا نے ته گو کھ

---

۱، ۲ پم شار ته چھپنه جبار خان نقل کړی هتو ۱ سالم شار چھپنه دوه تھان۔

۲ اُکی دوه پس شیخو کران کس چھک نماز

چھس کران پانس کوړم کس یېتھ نیاز (ن ۱۳۲۶)

۳ جیله سان (ن ۲۶) ۴ "خلق ساړی، عالمان گے نزدِ شاه" (چھاپی نوه سیخ)

(ن خ) عالمان آں لحظہ گے در نزدِ شاه (ن ۲۶)

۵ "ماړ هن یوډ دوے گرڅهی دین نبی" (چھاپی نوه سیخ)

۶ نشه منصور س جنید ته او قائد خان (ن ۱۳۲۶) "بیان" (چھاپی نوه سیخ)

گو پران (ن خ) ۷ "شیخ جنیدن" (چھاپی)

پیشوا سوٗنے محمدؐ تاج دار
یوٗت نوٗن وٗنہٕ نس تس چھُنہٕ اختیار [1]

دوٗپ سہٕ منصوٗرن جنید و تزاد نیاے
یوٗت بہٕ دوٗتس تور نو چھِے چاٗنی جاے

کُنرِچ وٗتھ بے فنا زانکھ ژٕ کَر
از سِر توحید روٗدُکھ بے خبر [2]

دژاو از زندان سید خشمگین
ژاوِ منصوٗر خوٗن پٮ۪ٹھ بر زمین

شبلین یژزار دوٗن تس اے رفیق [3]
پھیر اَمہٕ نیش روز بر اصلِ طریق

دوٗپ سہٕ منصوٗرن مَتو کرتم فنا
گوٚس بو یکبار محوِ کبریا

جلوہ گر بے پردہ دیوٗ نِتھم روٗے دوس
محو سپنُم وٗ چھُنہٕ پٮ۪تین مغز و پوس [4]

چھُس نہٕ منصوٗر بلکہ چھُس نے احد
اَندرٕ نیبرٕ ے ہیر لبُن گوٚمُت صمد

بوٗزنس کیاہ سِرِ حق تس دلبرس
شبلین کوٗ ناہ دوٗدُن تس عارفس

عاقبتہ تس یار آو از اصفہان [5]
شیخ اکبر ناو تس اوس درجہان

ژاد در زندان منصوٗر آن زمان
دوٗپ نہٕ شیخس سِرکو و کوٚر تھو عیان [6]

---

۱۔ نوٗن دوٗتے نو تھو تھو اختیار (چھاپی) یوت دیہٕ نس تمی تہٕ لوگور اختیار (ن ۱۳۲۶)

۲۔ کُنرِچ وٗتھ بٮ۪یہٕ فنا زانکھ ژٕ کر۔ از حدیثِ عشق روٗدُکھ بے خبر (چھاپی نوٗسخہٕ) ہاگر رفت زانکھ ژٕ کر (ن ۱۳۲۶)

۳۔ شبلین کیاہ راز دوٗن نس اے رفیق (نوٗسخہٕ جبار خان)

۴۔ محو سپدِتھ وٗ چھتہٕ سپدُس مغز پوس (ن ج)
شوقہٕ سپتین برتہٕ آمو جُز و پوس (بے ناو نوٗسخہٕ)

۵۔ عاقبتہ تس ییرآو از اصفہان (ن ج)

۶۔ دوٗپنہٕ قطبس سرکو و کوٚر تھو عیان (چھاپی نوٗسخہٕ)

تورٕ دۄپ نس گوس غرقِ بحرِ حق — بلکہ دۄپنم من خودٕ ایس تمو سبق

ہیٚنتاہ کھوتم تٔرٕ اے شیخِ کبیر — دۄپ تہٕ خلقن وانہٕ مارن ایی اسیر

دۄپسہٕ شیخن مارٕنک فتوا دِما — خوٗنِ ناحق پانٕسے پیٚہٕ بوٗہ ہما[۱]

میانہٕ وَنسے دِیتہٕ خلقن چھورٕوا — خوٗنِ منصوٗر ہارٕنے باصد بلا[۲]

ہے قوٗطبو اکھ کتھ میانی بوزتو — میانہٕ باپتھ کیہٕ تُلٕت کالا روزتو[۳]

چانہٕ سیٖتین کُلِ عالم چھے بُسیتھ — چانہٕ ہچارسے سیٖتو عارف پے وٕرسیتھ[۴]

چانہٕ سیٖتین سارٕے عارِف چُست گے — از شرابِ سرِ وحدت مست گے[۵]

آیۂ "امواتُ بل احیا" یوٚ رُتھ — تاج شہیدن ہنٛد توٚسے بر سر کوٚرتھ[۶]

خرقۂ فقر و فنا کوٚر تھوو بر — ہم بقا باللہ سپنۂ جلوٕگر

نوٗرِ مطلق گوٚکھ محوِ ذاتِ یار — بلکہ چانے شکلہٕ سپنے آشکار

ڈراو منصوٗرس زٕنشے شیخِ کبیر — دۄپہٕ خلقن چھوٗد پان قوطب اسیر

چھیٚنہٕ رضا یۄدوے مِتے دارس کھارتم — چھیٚنہٕ رضا یۄدوے مے نارسے زالتم

پونیرس جانسوز یۄد سے نار چھُس — نارٕ منزسے یارٕ شُند دیدار چھُس

---

۱ (نوہ سخہٕ جبار خان) چھاپی تہٕ بے ناو نوہ سخس منز چھُ یہ مصرعہ "نتہٕ پانٕ ٹھین چانہٕ شکلے چھُے خودا" ۲ خون منصوٗر ہارٕنو از صد بلد (بے ناو نو سخہٕ) ۳ پیٚٹھ سٕتس تانی۔ یم پانٕژھ شار چھِ چھاپی نوہ سخس منز تہٕ ن ۱۳۲۶ منزٕ سے یوت درج۔

۴ چانہٕ سوزسے سیٖتو عارِف پے وٕسیتھ (ن ۲۶)

۵ چھُس بہ راعمنی (چھاپی نوہ سخہٕ) (ن ۲۶)

عالمان آں لحظہ گے در نزدِ شاہ — دوپِکھ سلطانس کوٚرتھ عالم تباہ [۱]

راہ منصوٗر پردو خلقو دِین ترٛوو — مارِہن تٔے سارِنے اسلام رِوو [۲]

ہاکمن نزدِ جُنید عرضا کوٚرُکھ — دِیتہٕ ژٕے منصوٗرو انتیا مارِنے [۳]

وزِ ریوایتھ تمی جُنید سردرٕن [۴] — واتہٕ مارُن دوپ امامِ اعظمن

جاہلو منصوٗر روٗٹ دارس لوٗدُکھ — عاشقو تس دلبرس کوتاہ ووٗدُکھ [۵]

از برائے خویش فتوا خواستہ — وز ثبات خویش دار آراستہ [۶]

دست و پا بردار گنڈٕی ہس وار تے — ریسمانن اوس پینان پار تے [۷]

شبلین کوتاہ ووٗدُس تس دلبرس — کیتھ رٲضی گوکھ پینہ نِس پرنس

واصل اللہ ژٕمے تو گے نہ پرژُن — یتھ وَتے مور شیدہ رسول اللہ سُنٕن [۸]

دار پیٹھ منصوٗری دوپ تِکھ زاہدو — جاہلو، چیلے گروہ کافرو [۹]

دیتہٕ پینہ نِیچ کیتھہ تہ نو چھو تمہ خبر [۱۰] — چھس بہٕ احمد میم امہ نِش گوہ خبر

---

۱۔ شیخ منصوٗرن کوٚرُے عالم تباہ (چھاپی نوٗ نسخہ)

۲۔ راہِ منصوٗر روٗٹ خلقو دِین ترٛوو ۔ مارِہن تے سارِنے اسلام ترٛوو (چھاپی)

۳۔ دیتہٕ شیخ منصوٗرو انتیا مارِ نُے (بے ناو نوٗ نسخہ) حضرتِ منصوٗر وانتیا مارِنے (چھاپی) ۴۔ بیچھ ریوایتھ (چھاپی کیو بے ناو) ۵۔ عاشقو کوتاہ تس یارس ووٗدُکھ (بے ناو نوٗ نسخہ) عارِفو کوتاہ (چھاپی) ۶۔ ن ۱۳۲۶ فرٕ چھہ یہ شارِیتھ گنو نیکھتے از برائے خویش فتوا خواستند۔ پس بساط دار را آراستند یہ شار چھینہ باقے چھاپی نوٗ سخن منز درج ۷۔ یہ شار تہٕ چھُو چھن ۲۶ فرٕ نیت درج ۸۔ واصل اللہ شہ گو پردہ ژٕٹن (ن ج) ۹۔ غافلو (ن ج)

۱۰۔ دوپ یہ منیجین تیچ چھو نو کیتھہ خبر (چھاپی نوٗ نسخہ)

رنگہ رنگے طعنہٕ کرِ نے زاہدن ہیوٗر تمہِ نش گو چوٗرِ یا موج زن

دارِ پیٹھے غائب سپٔن منصوٗر مت تی وُچھت بے خود سیدِ کینہہ حق پرس

گے پریشان زاہدان تہٕ جاہلان گاہ وُچھک بوٚن گاہ بسوئے آسمان

کیٛو نش کالاہ اوس غائب از نظر دوٚپ یہ کینٛشرہ وشین ریتن یا بیشتر[۱]

شیٖمہ ریتہ پتہٕ گو عیان بالائے دار واصل اللہ یٖژ اوس بے قرار[۲]

دوٚپ اہل حق کالہٕ پیٹھ تمہِ آشکار[۲] اوس آمت یار یارس در کنار[۳]

دوٚ یمہ لٹہٕ تمہِ دوٚپ اہل حق برملا خلق گے از دست تہٕ ہوش دستہٕ پا[۴]

ساری وٕسے انی اہل حق ہیٖوٚت پرن بلکہ جنو وحش وطیر و ہیٖوٚت وننٕ[۵]

ترٛیٖمہ لٹہٕ دوٚپ تمہِ اہل حق پرخروش ہوشہٕ رستین بنیہٕ پھیرتہٕ آو ہوش

اکھ ترٛٹی ہیس خوٗن لوٚگس نیرنے خوٗنہٕ رستین لوٚگ طہارت کرنے[۶]

شبلین دوٚپنس یہ کیاہ ما چھکھ کران نورہٕ دوٚپنس چھس طہارت بوکران

خوٗنہٕ رستین از طہارت چھم روا وانہٕ تیس یتھ جایہ تس چھے مرحبا

خوٗن منصور گو جدا بالائے دار نقش اللہ بر زمین گو آشکار[۷]

---

۱ء دوٚپ یہ کمیشرہ شین ترٛہین یا بیشتر (ن ۱۳۲۶)

۲ء ۵ رنگہ رنگے..... بے قرار" یم پانژہ شار چھِنہٕ قلمی نسخن منز درج سوائے ن ۱۳۲۶۔

۴ء دارِ پیٹھ تمہِ دوٚن اہل حق آشکار (نسخہ جبار خان)

۵ء بلکہ جنو وحشیو تی ہیٖوٚت دوٚپن (چھاپی نسخہ)

۶ء اکھ ترٛٹی ہیس..... تس چھے مرحبا۔ یم ترٛےٚ شار چھِنہٕ کُنہ چھاپی نسخس منز۔

۷ء اکھ نسخہٕ نقش بر زمین گو آشکار۔ (ن ج)

يئمہ وَتے خُونِ منصور گو رَوان | تمہ وتہ اِنّي انا الله گو ٻَران

کنہ لائیتھ اُستخان کرہ ہس جُدا | موے تمھ شُنڌ اوس ٻَران من خودا[1]

کنہ ٻدال يار ہنے اُکي لوے پوش | ڏوٻيسہ شيخن چاڻي پوشن نيوم هوش[2]

لکہہ مٿنز کنہ پوش زن آيم تنے | زانہ ڇئے يحھ مانہ ييس پانس ڇنے[3]

کاٽھ ٻيچھ منصور ئي گردن ڪھوڏ تنجن | ڏوٻن دوستن ويسہ رووختم جان و تن[4]

عاقبتھ منصور زو نکھہ نار ہيے | نار گو ٿھيتہ يار ميلو يار ہيے[5]

سور تمھ شُنڌ لوے داون آبہ ہيے | حال ڏيشيتھ ڏوکھ گے گرداب سے[6]

اَتھ وَنہ نس آبہ نے کور ابتدا | لوگ وَنہ نے من خدا ايم من خودا[7]

---

١ـ کنہ لايہ ہس استخان کرہ ہس جُدا
موے تمھ شُنڌ اوس ڏيان من خودا (بےناو نوسخہ)

٢ـ پوشہ ٿُنڌ لائيس شبلي دوستن
ڏوٻيسہ شيخن ڏيئيجہ روختم هوش وتن (بےناو نوسخہ)

٣ـ پيٺنز کنہ آيم مئے پوشے ٿنجہ تے
چاڻي پوشن کرہ مئے وائنجہ کھنجہ تے (بياکھ قلمي نوسخہ)

٤ـ يہ شار ڇھنہ جبار خانن تہ نقل کور مُت.

١ تا ٤ـ يم ژور شار ڇھنہ گنہ ڇھاپي نوسخس منز درج.

٥ـ سور تمھ شُنڌ لوے داون آبہ ہيے (بےناو نوسخہ)
سور سيدس اڏ نکھہ ترڏو کھ آبہ ہيے (ڇھاپي)

٦ـ يہ شار ڇھ جبار خان نس نوسخس منز يوت ٧ـ يہ شار تہ ڇھ جبار خان نس نوسخس منز يوت.

گوعیاں بر آب شکلِ آں وٕلی

یمی وُچھنہٕ جایہِ لٔنڈ ہٕ لٔنڈرٕ گٔلی [١]

دیگ زن در جوش او از چو صور

آبہٕ پٮ۪ٹھ پادٕ اسیٚن آں روز نور [٢]

چشمہ کیٚچ ہیٚتھ دست و پا کرٕ ہوش جُدا

کرٕ پچھ تٔمہٕ وُچھ من خہ دایم من خودا

عاشقو وُچھ کیاہ تٔمس حاصل سپُد

آب گو واصل تہ بٔس واصل سپُد [٣]

کیاہ ژٕ زانکھ حال آں عالیجناب

فہم کُن واللہ اعلم بالصواب [٤]

---

٢، (نوٕ سخہٕ جبار خان) چھپٲوِی نوٕ سخس تہٕ بے ناو نوٕ سخس منٛز چھہٕ یہ شعار
پتہٕ کُنہٕ درج ۔

شکلِ منصور آبہٕ پٮ۪ٹھ ظاہر سپُن　　　وُچھتہٕ کیٚتھہٕ دیوانہٕ گو واصل سپُن

٢، ٣، یم زٕ شعار چھہٕ ن ١٣٢٦ منٛزٕ یوت ۔

٤، (نوٕ سخہٕ جبار خان)

٢، چھپٲوِی نوٕ سخس منٛز چھہٕ مولانا رومی شد یہ شعار آمہ شانہ بدل درج ۔

دربشر رو پوش آمد آفتاب

فہم کُن واللہ اعلم بالصواب

ایی حکایتھ وُنی یہ حضرتِ جامیَن

وُنی یہ کاشرِ پاٹھِو محمودؔ گامیَن [1]

محمودس پاس آو شیخ کبار

سینہٕ تس عشقہٕ سیتی اے کردگار [2]

---

(۱) یہ شار چھُ صرف چھاپی نوسخن منزٕ یوت درج۔ "یوسف زلیخا" مثنوی منز چھُ یہ شار یتھہٕ کنۍ درج:—

درزلیخا وَوان یہ حضرتِ جامیَن    اوَن یہ کاشرِ پاٹھِو محمودؔ گامیَن

(۲) "عشقہٕ اے پروردگار" چھاپی نوسخن۔

باسان چھُ زِ آخری شار بدلہ تھہ چھُ بنیہ کینژہ شار ییمہ مثنوی منزٕ ناڈ تمہ یمیٚک شک جبار خانس تہٕ چھُ تٔمۍ آخرس پیٹھ لیکھاں: "اگرین نامہ منظور باقی باشد، انشاء اللہ تعالےٰ جستجو کردہ آوردہ خواہم نوشت ....."

دراصل چھُ محمود گامی تیمن پنٚنہ مقبولن تہٕ پنٚنہ منظور نامہ لیو کھمت ییس محمودنہِ کھوتہٕ جبارہ واضح تہٕ پُر اثر چھُ۔ تمہِ ستہِ منظور نامک ییس قلمی نوسخہ میانہِ زبنہ بنہ کر بیب قُدوس لونن لیو کھمت چھُ تمہِ کیس لیکھتس منز چھُ تمو گمہ، محمودن ناو لیو کھمت پتہٕ قطعہ دتھ مقبول بنیومُت۔ تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھِو ییمہ کتابہٕ ہند سرنامہ۔

(ناجیؔ)

# قصۂ شیخ منصور

شیخ منصور اوس نورِ جہان — لیک در پردہ بشر پنہان

عاشقو عشقک رٹ رگ رگ پے — بعدہ چو کھ اد وصلک مے

ییلہ دراو عشقہ نس ماگدانس — شراب چو تمہ میخانس

شوقہ تہ ذوقہ میلی برنے آو — کھُٹِتھ اوس تہ فُٹِتھ دراو

زولن برہ تہ اد نیبر دراو — من خود امن خود ایران نون دراو

بورنہ تمہ پردہ ذالنک پروا — اسنے انا اللہ پورن برحبا

پردہ منز نیرہ کھتہ ننگ کرنے — من خود امن خود الوگ پرنے

دوپھس ہے منہ گوید کیاہ — ڈیو نیٹھمت موت چھہ ابہ تڑے ہیو

دوپنکھ یارو کینہہ ہیہ دنیوم — یار ششند دود کوتاہ میے سنیوم

من غمہ دا پورن حال ماگدانس — جاہلو شیخ لوگ قادخانس

عالمو تہ عابدو دژ خبر — منصور دینہ نش دراو نیبر

قاضیو تہ مفتیو دیتک فتوا — منصور مارن چھو روا

جاہلو ششمتہ لود بردار — نیر ہے نہ کرنس پیٹھ گفتار

شوقہ سان ذوقہ سان کھوت دارس — دار چھم میلن لولہ یارس

عالمو تہ عابدو چھیلہ رو نہٹس — شرع چھ شراکہ سیتی کلہ ژوٹہس

دوہ ژھہ دوہ ژھہ پیتھ لوگ خون ہنے — تمہ خونہ طہارتھ لوگ کرنے

ییمہ خونہ طہارتھ کونہ کرد — میون ہیو یار دود کاگثہ نو بنیو

پتھہ کنہٕ لوٗکن اَیتہٕ آیکھ    تتھہٕ کنہٕ شیخس تتنہٕ لایکھ

پوٗشاہ لوٗیُس اُکی اہلِ مددَن    دارٕ پیٹھ شیخَن تیُج گرٕدن

دوٚپ نفس ہاے اہلِ دردو ہے    ژٕلیٚترٕ کوٗنہٕ نیوٗتھو اَصلس پیٚے

لوکہ ہنٛز کنہٕ ژٕنجہ آیم پوشس    پوشہ ژٕنجہ چانہٕ ڈیٚجرو دُم ہوش

دوستے اوشکھ پیٚنٛز ہی ما    دار پیٹھ پھیرِتھ کرٕ نظرا

دوستی کرٲن سوٗر ہو گوم    یارٕ شنٛد دودُے بیٚیتر ن پیوم

موزان شیخ منصوٗرس چھُ کوٹھ    عرشہٕ کھوتہٕ اعلا فرشہٕ کھوتہٕ لوٗٹھ

ڈالِتھ تمہٕ جاپہٕ مارٕ نووُکھ    تنہٕ نیش ہرتس انٛد ترووُکھ

اوٚک پور سرتے بنیہٕ پاڑی تن    من خہ دا من خہ دا یران ہمن ہمن

دارٕ پیٹھ من خہ دا بوٗزُن تیرٕ نوٗرٕ    مارِتھ ووٚتکھ شیخ منصوٗر

مارِتھ تمہٕ جاپہٕ والِہ نووُکھ    نارس ہنٛز بانگ زالِہ نووُکھ

نارٕ ہنٛز نوٗرا لوٗگ ہرِنے    من خہ دا من خہ دا لوٗگ پرِنے

سوٗرشتہٕ برباد ڈیُت واوَن    چھکرِتھ لوٗیکھ دریہ یاوَن

دریہ یاو نوٗرا لوٗگ ہرِنے    من خہ دا من خہ دا لوٗگ پرِنے

قطرٕ ہیٚلو ہنٛز دریہ یاوس پیٚو    قطرٕ بے غایِب دریہ یاو داہ گو

یوٚدوے اوس توٗری ژرووُن رو    قطرس ناو اَدہٕ دریہ یاو پیٚو

محموٗدٕ تیہندے سوزِ ظہوٗر

ظاہِر ساناہ شیخ منصوٗر

(غزلن تہٕ موسیقی ہنٛز بیاضہٕ ہنٛز - ترتیب: عزیز اللہ شاہ ڈل ۱۲۹۰ھ ملکیت ابن محجوٗر)

# قصہ محمود غزنوی

خدا وندا ژ چھُک دانا و بینا
چھےٗ چانی بٔنٛدۍ ساری اعلیٰ ادنا[1]

شہنشاہ غزنوُک سُلطان محمُود
عبادتھ اوس کران سوٗے معبُود

ہمیشہ مرد عاشق زار باشد
رخش زرد و تنش بیمار باشد[2]

نہایتھ اوس عادل شاہ دین دار
ہمیشہ باطاعتھ اوس تس کار

دِلس آو بادشاہس اکھ خیالاہ
پگاہ ما ناوِ زالیم حق تعالاہ[3]

دِلس گو تس یہِ وُچھہٕ ہن شہرِ غزنو
مبادا بیاہ اَتھ ما کانٛسہ کینٛہہ گو

پھِرِکم راتھ کامِش آو نیرِتھ
فقیرانہ لباساہ خاصہ پیٛرِتھ[4]

وُچھِن[5] در شہرِ غزنو کوچہ بازار
خلائق خیمہ فتنہ بافسے اُسی بیدار

نہ بوزُن کانٛسہ وایان چنگ نے ساز
نہ بوزُن کانٛسہ ہندُے کانہہ چھِہ غماز

کران[6] اُسی صاحبس کُن شُکرِ احسان
الٰہی زندٕ تھاوُن سون سُلطان

---

۱ء یہِ شار چھُ اڈلیتکس نوسخس منز ے یوت۔

۲ء یہِ شار چھُنہٕ چھاپی نوسخس منز ۳ء یہِ شار چھُنہٕ قلمی نوسخس منز۔

۴ء اَتھس کینٛتھ عاجزِ خرقاہ خاصہ پیرِتھ (چھپان) (ن مہجور)

۵ء وُچھان گو شہرِ غزنو (چھپان)

۶ء مصرٕ ا اکھ اوس کران شکر احسان (چھپان)

کران اُسی صاحبس کُن شُکرِ احسان (ن مہجور)

تہ پوز بتہ شاہ کوتاہ شاد سپدن — پوارن نفلاہ روز بتہ صاحب کن

کتھا آرم زبان تا شکر گویم — کہ دارم در حکومت ابرہیم

وزیرس پیٹھ دار تل تام ووت سلطان — جواناہ اکھ وُچھن چون ماہ تابان

شمع زن شولہ دوان لولہ ریون — یئمبر زول چشمو تس خون میون

زلف زیے زالہ لاگتھ جانوارن — بگرِ یہ پان ینتہ رز کھارن

شکر لب اوس وارہ سُرخے سان — بخدہ قند بدی خان

کمند ہیتھ برسمنہ عشق باز سی — نہ آہو تتھ شند خوتر در گُذاری

دار تل سار برا ٹھپے اوس پرارن — ہنڈر گوڈت سہ کریشان ژنڈر زارن

دلس گو بادشاہس کش سنا چھو — پکان تس نشہ ہ اُتھہ پرژھناوو

نشے تس ووت سلطان استہ استے — ژٹن تس ژھہ یہ لاگتھ دپہ دستے

چھے بو کوتوال چھک ژور میونے — جواسن بوز ون لوگ زوہ گژھنے

تمے گو سخت ہتھ تس جوانس — نہ روزس حس و حرکتھ ہوش پانس

وُدان اوس یاگنی پانس ہے پانو — ژُمے لوگ سبز وقتن ہے خزانو

شٹے کونو چھم خبر دوہ دی پانس — ہے مارن نتہ پکاہ نا صوابس

---

۱ـ کورٗن روز بتہ نفلاہ (ق ن)

۲ـ ہرکہ آرم زبان (چھن)

۳ـ جواناکیاہ شولہ دوان (چھن)

۴ـ بگرِ یہ اوس لوگمت جانوارن (چھن)

۵ـ یہ شار چھنہ چھاپی نسخس منز۔

۶ـ نہ روزس ہوش و حرکت نشہ پانس (چھن)

۷، ۸ـ یم ژ شار چھہ ۱۲۸۴ منز یوت۔

دپیم کُس دمہٕ بابس سیائی خبر — رٕوٕ ٹھے ژٲر فرزند سٕے کنبٕ تر [1]

سٕے رٕوُدُم داغ وحسرت جگرس منز — مُرِ تھے دیدٕ تہٕ بابے کرٕہم سنز [2]

دپہ ہم دید ہنہٕ سنے پوترٕ میانے — دٕپہ ہم بابہٕ ہینہٕنے یارٕ میانے [3]

کوٗرُن ہیٚے خودایا کیاہ کوٗرُم سٕے — اَنھے ماشوق آمُت راوٕرُم سٕے [4]

بٕڈین خانن کرانی چھُک تہٕ فانی — مہمان چھک خانہٕ ہاے پادشاہی [5]

دوٗپُس تمہ پادشاہن ناد کیاہ چھُے — ٹوٗرُے وَن سیرٕ ہیُن باو کیا ہے چھُے

دوٗپُس تمہ پادشاہن وَنتہٕ کُس چھُک — گرٕ ٹھی کیاہ ییتہٕ ژٲران وَنتہٕ کُس چھُک [6]

وَنکھ سے ننتہٕ مارٕ تھ، اَدٕ کیا پاسے — جوانن نو توانن کوٗرٕ نہٕ ہیے ہاے

باوٕ ہے پوٗز تہٕ ناد چھُم نور اللّٰہ خان — ژٕ ہے کیاہ واتی سٕے یوٗد سے مارٕ سُلطان [8]

ژٕ یوٗدُے زالِہ ہم تے گالِہ ہم پان — وَنے کیاہ سیر باوُن چھُمنہٕ آسان [9]

پران الکاظمین الغیظ سٲری — دَپان چھُے بارِ صاحب وادٕ سٲری

پُسے ژٕکھ زاپہٕ تہٕ تس بخشہٕ گوناہ — سُہ یوٗدُے یارٕ دپیم چھُسنہٕ مناہ

ولیکن [10] چھُے قسم تس ذاتہٕ سُندُے — ژٕ تے ییمہ پادشاہی گرٕتہٕ گوٗندُے

پیہمنا سینتھ ہادے گرٕ بانٕژے — اُژٕ مُم ناکانٕہہ تہٕ خنامن اجرٲژے

---

۱، ۲، ۳ یم ترٚ شے شار تہٕ چھینہٕ چھاپی نوہ سخس منز۔

۴، ۵ یم زٕ شار چھینہٕ قلمی نوہ سخس منز۔ ۶ یہٕ شار چھُنہٕ چھاپی نوہ سخس منز۔

۷ دوٗدُن تمہ نو توانن (چھون) ۸ یہٕ شار چھُنہٕ چھاپی نوہ سخس منز

۹ ژٕ یوٗدوسے مارٕ ہم تے گالہٕ ہم پان۔ وَنے سیرٕ ہیُن چھُنہٕ امکان (چھون)

۱۰ اول دوٗپ نس قسم چھُے (چھون)

نیٖیم میأنی خبر تس دوٗد باپس — پگاہ متے مار نمٕ ننتہٕ در عذابس[1]

دوٚپُس تمو بادشاہن چھُے پنٕہ مناہ — شہ یوٚدوٚے ذیٛہہ ہیٛیی کیٛنہہ نہٕ گوٗناہ[2]

یکان گو بادشاہ تس سیتو سیتو آو — جوانن مول ڈیٛشتھ کوٗت بوٚر چاو

ژھ چھکھنا قبلہٕ برحق کابہٕ میونے — ژ چھکھنا در حقیقتھ بابہٕ میونے

چھُسے[3] بو ٹوٹھ فرزند آدنک یار — متے یتھ چھِی خرچ کأمتھ مہر ستہ دیار[4]

بہٕ رٚوٹ سے کوتوالن ژوٚر ہا ژے — چھُسے[5] نا ٹوٹھ فرزند ژے گژھی داد[5]

ژ ضأمن دأری کرتھ تا صبح فردا — ژ ئے چھُکھ نا بابہٕ میانے ہاے میأنی[6]

کرو اُسو سار راژ ژے ڈیٛڈ وأنی — جوانس مٕنتہ کھوٚ تمت راہ ڈیٛوٗ ٹھنٛن

تمس سیتو ہألی یامتھ شاہ ڈیٛوٗ ٹھنٛن — اُژُس ضأمن از چھُسے ژوٚر میونے

دوٚپُس تمو بادشاہن چھاپہٕ جیونے — پریاسس وار یاہ بوٚزتھ نہٕ اُمو کنہتھ

کرُس[8] کیاہ بادشاہ ہم چھِمہٕ طاقت — یکان گو بادشاہ ہیٚتھ سوے مادر[9]

جوانس سور یامتھ ہألی سینٛز تھر — پگاہ بوٚز کھ متے ننشے باندہٕ ہأ جے[10]

وٚدان گو نالہ دِوان میأنی ہأ جے — متو وٚدتم ہٕتشم نو ماے یہٕ ترد

در سیتو ماجہ دوٚہنس ہاے پوٚہ ترد — بہٕ کرِ تے سوٚدچانے تو دِ لالن

ژ کمیو ہانٛزِ روٚٹ ہم کو توالن

---

۱؎ یہ شار چھینہٕ ن ۱۲۸۴ نمبر ۲؎ یہ شار چھُنہٕ چھاپی نوہ سخس نمبرٕ ۳؎ چھُسینا ٹوٹھ (چھان)

۴؎ ژ یٛ اُژتم بابہٕ ضأمن اجہ راژے ۔ کوٚرُس بنٛد کو توالن سار راژے (چھان)

۵؎ ۶؎ یم ز شار چھینہٕ چھاپی نوہ سخس نمبرٕ ۷؎ تیٖشدی ہألی یامتھ (چھان)

۸؎ دوٚپُس تمو بادشاہا چھُکھم نہٕ طاقت (چھان) ۹؎ وٚدان گو نالہ دِوان سوے مادر (چھان)

۱۰؎ وٚدان تمو توٚر دوٚہنس ہاے ماجی، پگاہ متے خفاوِنے ننتہٕ باندہا سجے (چھان)

اول ژِھ نِشہِ ئائِس گرٔژھہ تہٕ وَن تَس | گیاسس موج، کمۍ تام ہُرِم کَن تَس

یہِ روٗٹ ستے کوتوالَن ژوٗرِ اَزٕ راتھ | چھُسے لاچار کرُ تمہٕ معن کلَن باتھ [1]

شہ کوٗرے زانہٕ کیاہ گوٗ لول تے لوٗب | دود تے پوٗہ تیر دود دُسے زانہٕ یعقوب

نمشند اوسُم نو قع ستہٕ سوٗرُم | شہ ژاٹھ اوِتھ آس چانے وتہٕ دوٗرُم

وُنِستام موج رٔد چھُھتس کمہٕ لولے | یگاہ نتہٕ مارِنَم ہتّے کنہٕ ڈولے

اُچھن ہنٛدِ کاشہٕ یتھم خابِ راتھا | معہ یاہ بیہتم تہٕ وُچھہت سیر ساتھا [2]

یٕ نیتھ کُس زانہ چھُم آمُت بنیتھ حال | شُنیتھ چھُم بال گوٗمُت شرمہ ہیندٕ زال [3]

وُنِستام چھُس نہٕ وُچھمتٕ آفتابَن [4] | دوہ نیراچ پانہٕ بایِتھ بہ جوابَن

دوٗدُن وارہ دوٗیُس نتھ ماجہ پھیرِتھ | ہیکا بہ مارِ کَن شُز باگ نیرِتھ [5]

ژھٔٹے پیٹے نیرٕ مارہم مول چونے | کرُم ہتے درشرارتھ ژونز سنے [6]

سہٕ ٹھ گو ماجہ ئالِس نِشہ بیچا | کران اوس واے کیاہ گوم و اویلا [7]

چھُ سارے کھوتہٕ مُشکل عشقہ منزِل | ہتّے یا بیّے مُمٕٹہ راتس بوے دردِل

---

(۱) یہ شار چھپنہٕ ن ۱۲۸۴ منز (۲)، (۳) یم زٕ شار چھپنہٕ چھاپی نُسخس منز۔

(۴) وُنِس تام یہ نیرِ ڈینٹھس نہٕ آفتابَن (چھپن)

(۵) امہٕ شار پتہٕ چھُ چھاپی نُسخن یہ شار لیکھت ــ

وُنِستام پیہ تیر ڈرائس نہٕ تارِکن منز | دوہ نیراچانہٕ بایِتھ مارِ کَن منز

(۶) ژھٔٹے سیتی یوٗد نیرِ مارِہم مول چونے | کرُم تنبیہ ترواک مول چونے (چھپن)

وُنِستام بال ڈرائس نہٕ کاژہ زونے | دوہ نیراچانہٕ بایِتھ درشبخوانے (چھپن)

(۷) کران اوس یاگٕ پانس وادریغا (چھپن)

یکان گونشہ بأرِس ووت رِوان — ژُٔتے چھُے نا بابہ میانیو عار رِوان

چھینا اُسی بأے بارِنو شمس و قمر — ژُٔتے چھُے نا عاریوان اسے برادر[۱]

بہٕ روٗٹ سے کو توالن ژُدٕر از ر اتھ — چھُسے نا چارِ کرتم مؠ کلن باتھ[۲]

ژُٔتے کوتاہ بابہ چھیری مرژہ میانے — ژٕ بوزتو بابہ آخر زار میانی[۳]

گرٕھی آخر خُدائی تاقیامتھ — ژُٔتے روز نی نادِر تس داغ ملامتھ[۴]

دوٗپس تمہٕ بأے چھیرتھ در فراق — مرُن بہتر تہٕ صنا منش چھنہٕ طاقت

بہٕ سختی کانبہ منزٕ سے براتھ موکھاو — خمہ دایس پنہٕ نس پتھ یاں پشاد

تہٕ بوزِتھ کوتوالن لوٗے نس گیاہ — جوانس نو توانس کوٗت گوداہ

نہ ژُودُے مول موجی بُے صنامین — ژٕ بانس یہٕ تہٕ فاتحہ کرِتہٕ آمین[۵]

جوانن[۶] کیتھ دِتن نالہٕ فرِ یاد — اکے تس اوس یاراہ پیوس سُے یاد

پُرن پیو کوتوالس یم ژٕ سپتھ — مُے چھِم اکھ دوستا سُے دِنہٕ صنامین

ہُران اوس ژالہٕ ژالے مؠ زن اوٗش — یکان گو خاجہ عالی ہمتس نِش

برس دُب دُب کران گو اکھ غولاہ — زینت تمہٕ یارِ سِنز یارس ملاہ

جوانت یام بوزن یارِ سندناو — دِلس تس شور سپن دورِ میتھ ژرا[۸]

---

[۱] یہ شار چھینہٕ ن س ۱۲۸۴ منز۔ [۲] ژٕ کرتم بابہ میانہ موکلن باتھ (چھپن)

[۳]، [۴] یم زٕ شار چھینہٕ چھاپی نسخس منز

[۵] آمہ شار یتہٕ چھہٕ چھاپی نسخس منز اکھ غلط شار لیکھت۔
دِتے تس مشت گردن پانہٕ سلطان۔ چھہٕ کرم تم یار نہٕ دل و جان۔

[۶] جوانن زور کیاہ دیت (چھپن) ۔۔ جوانا (ن س ۱۲۸۴)

اُتھس کینژھ خشمہ ہوت ہیتھ ڈاو کر ‏ ‏ دُچھُن بے چارِ بے کس یار بڑتل

گُدُٔن کٕرتل بہٕ لاٗین کوڈ السں ‏ ‏ ژلان تِتھٕ پان پُشرُن ذُلِ جلالس[2]

دوپُس تتھٕ میون مارُن چھُے یہ آسان ‏ ‏ ژھار کھ مٕے ژٕنے ماری پانہٕ سُلطان

وزیر شنیز داپہ تل کس اوس پٕاران ‏ ‏ ہندر گومُت سُہ گُسُر ران ژٕندرِ تارُن[3]

اُمس کیاہ اوس مطلب کمہ ماٗے ‏ ‏ یہ کینژھ چیز س کران اوس آیہ پاٗے[4]

یہ چھا دستور در شہر و ولایتھ ‏ ‏ پتھے پاٹھی چھا کران ژوٗرس حمایتھ[5]

چھُ ہتسے یار خداُمن آژ تہٕ پارس ‏ ‏ نتے بوکھار ناوُن پیٹھ دارس[6]

پکان گے ہر دو اندر خانہٕ یار ‏ ‏ بہ پیش این میکرد اظہار[7]

تیہے کینژھ بوزُن گوٗ خانہٕ ہیمتھ ‏ ‏ ژٕ کوو ہٹہ گوہم مٕٹہ ہیمتھ

بہٕ چھُسے یار خداُمن آز ژٕلے راتس ‏ ‏ نتے ژٕلے کھار ناوُن پیٹھ دارس

ژٕ موغم بر چھُسے غم خار پُرزی پاٹھو ‏ ‏ ژٕ روز تمہ ژٕند ساری وندہ ہے پاٹھو

چھہ ساری کھعتہ ہٕ بہتر دِوسد آری ‏ ‏ شفیقی آسہ یارس وندہ ساری

---

۱) تنچھن (چھہ ن) ۲) ٹلکان تتھٕ (چھہ ن)

۳) مٕٹے روٗٹ مے ژوٗر بایتھ نتہٕ مارُن (ن ۱۲۸۴)

۴) ہران اوٗش اوس کران آیہ گژاے (چھہ ن)

۵) اُمی بایتھ یارس کران حمایتھ (چھہ ن) ۶) یہ شار چھہ نہ چھاپی نوہ نسخس منز۔

۷) یہ شار چھہ ن ۱۲۸۴ منز۔ اُمہ پتہ چھہ چھاپی نوہ نسخس منز یم ژٕ شار لیکھت

وُنیستام اُسکہ بارِنی دست و کمر ‏ ‏ پگاہ نیتہ مارنے مٕے اسے برادر

درین نالے ژٕ یارو زار بوز تم ‏ ‏ سوال چھُے نیتہ مٕے کُن دلتہ ژٕ بوز تم

جوان تمہ خاجہ زادن منہ ہیوتن — پگاہ تس واتناونس واد دتن

چھسے صنائین راتس کو توالے — چھہ میو نے دوس راتس منے حوالے

تمس نش یار یاسمتھ معہ کلوون — جوانن خاجہ زادس حال بوون[1]

کھنتھ رود پادشاہ در زیر زن — یہ کینژھا وون تمو تی اوس بوزن

وزیرس کیاہ چھے کوراہ خوب تنے خاص — تمس تے منے چھہ گومت پوز اخلاص

چھہ تمہ سے ناو بی بی لعل میرجان — یہ چھس تس تہ گومت حال حیران

ونے کیاہ زونہ کھوتہ روے زیبا

سہ ڈیشتھ کور گلالن[2] جامہ پارے — سہ ڈیشتھ آر دل ذن عشقہ نارے

سبز تس کیاہ چھہ شبہ وون منز باگ — ڈلم تس چاہ بابل نتہ ویرناگ

روخس ہیہتھ کیاہ چھہ شبہ وون زلف گل — شونگتھ[3] شہمار زن در خرمن گل

روخس ہیہتھ کیاہ چھہ زلفن زاغ — تہ ڈیشتھ عاشقن چھے بر جگر داغ[4]

گولابس خال ڈیشتھ بر جگر داغ — بدن تس مشکہ عنبر بر کہ ہیہ ہند باغ[5]

سہ یود وے سہ ہیہ چشمے مژراوی — بغمزہ تیر ناوک لعہ تہ ترادی

زلف زنجیر بمبہ چھس ذلفقارے — بمے آسے کرانی کیاہ شکارے[6]

---

۱۔ جوانن خاجہ زادس سپیر بوون — تمس نش یار نامتھ معہ کلوون

(چھپن) (ن مجبور) ۲۔ بلبلو کور جامہ پارے (چھپن)

۳۔ ہیہتھ شہمار (چھپن)

۴۔ پہ شار چھپنہ چھاپی نوسخس منز۔

۵۔ پہ شار چھپنہ ن ۱۲۸۴ منز ۶۔ پہ شار چھپنہ ن ۱۲۸۴ منز۔

مَرن بیچار خوش دیدار ہرنے — شہیدن مُنِد مزار راہ پیہ بَرنے

بہ نَے ڈیشن سونے ڈیشم مٔے ساتس — وُزان چھی اَسو دوشوے راتی[1] تتس

بہ چھُس تس نِشہ واتن نصف اتن — چھہ تھوٗی مو تہ پاک یا تھٔین پاک ذاتن

گییم نو زاہ تہ تس کُن چشمہ گُمراہ — تلاوت چھی کران[2] اَسو تا سحر گاہ

چھُنم[3] یار ضنائین دم تہٕ فرصتھ — پیمے تس دلبرس نِش ہیتھ بہ رخصتھ

دوٗ پُس[4] تمی ضنائین گرتھ چھُس موجوٗد — کھٔنٹھ ڈراو تس پتہ سلطان محمود

وُدان تتھ دار تَل گوٗ آرِ کو تے — کمند لٲگن نہٕ یارس نِشہ وُتے

وُچھن سونتھ نازنین اُس ہوشہ ڈٲجھ — وُدان تمی یارٕ پتھرے ماپہ گجھر

سُنو فریاد میرا ہے خدایا — سجن پر کیا ہوا آج کیوں نہ آیا

کدھر چلنا کہو ہم کیا کرونگا — اُسی کی خاطر آج میں مرونگا

ہمارا کیا لیا کیا نے گیا دل — اسی کو چارہ مانگوں کار مشکل[5]

جوانن ٹنجھ بیٹھے برقہ تل[6] نام — سپہنی بیدار کیاہ سینہ یار ما آم

سُہ ڈیشتھ روے کھوٗتن غوچھہ وُتُن — جوانن کامہ دلون جامہ ژوٗتن

بہیتھ تمی شانہ ہے بیٹھ تمی ونن زار — زخواب ناز ساتھ گرتھ ہتہ بیدار

خطا کیتھ چھمہ تھوٗدو وتھ حال باد — مَرون چھم بالی آخر کالی راوے

---

۱، یہ شار چھُنہٕ چھاپی نسخس منز ۲، پرن (ق ن)

۳، چھُنم ضنائین راتس دم مٔے فرصت (خ ن)

۴، دوستن (ج ن) ۵، لعل مرجان (ج ن)

۶، یہ شار چھُنہٕ ن ۱۲۸۴ منز۔ ۷، جوانن برقہ تل تس ٹنجھ بیٹھ تام (ج ن)

تہٕ بوٗز تتہ تتھبہ لے ہیٕز گیہٕ بیدار  سیٹھاہ تس نرم دِل گو آو تس عار

میتہٕ لو نم چشمہ وُچھان بیٚت کیٛاہ زیر  میتہٕ کھوتہٕ کیٛاہ ڈیوٗ نیٚچھ گو کھامیر

تہٕ لیتس حیابہٕ دادے آرکا ژہے  میتہٕ گنز رحم زوق تارکھ عار راژہے

نسترِ تھم دِل ژیتہٕ لاییٚتھم آیینس رنگ  میتہٕ گو کستوٗر پانس فاختہٕ رنگ

جوانن عرض کوٗر نس زار بوزم  میتہٕ مارن نیتھ یکاہ وونی راعلم بوزم

غمنیمتھ زان چھُسے زند راتھا  کَرو نا ختم قرآن بیہتھ ساتھا

پیٚشو نیٚتھ منزبہٕ رحلہ بیٹھ قرآن مجید  وُچھان آسہ اکھ اکس کُن دیدہٕ بردید

کوٗرکھ تاپاہس آخرِ ختم قرآن  دوشوے سوختہٕ دِل آسہ سوختہٕ مران

پتہٕ کھ فاتح کرٕ کھ فری یاد و زاری  ژیتہٕ تے میتہٕ آس پترہٕ یاکھو دوسداری

یکاہ مارن میتہٕ چھُسے آخرِ ملاقاتھ  قیامت تام دوشونی میلو آسہ ذات

وُچھیتھ چھسے یکاہ بیٚلہٕ مارنے میتہٕ  گندتھ تنے کٹیٚن میتہٕ بیٹھ کھارنے

تہٕ ییٚہ دوے تمہٕ ساتن ہاوہم پان  تہٕ ڈیشتھ زو کھشن میتہٕ گژھ آسان

تہٕ بوٗدوے رتے چونے ڈیشہٕ از دوٗر  بہٕ لاگے کالہٕ بیٹھے شیخ منصوٗر

تہٕ ڈیشتھ کوٗٹھ زانن عرشِ اعلا  تہٕ ڈیشتھ زن بہٕ ڈیشن حق تعالا

وزیرِ شیٛرِ کوٗر احوال بوز یا میتھ  سینہٕ تس تمہ ساتن زن قیامتھ

---

۱ء خاطر (چھن)  ۲ء اَچہ راژہے (چھن)

۳ء یہ کوٗر تھم میتہٕ لاییٚتھ آیینس سنگ (چھن)

۴ء یکاہ میتہٕ مارنے تتھ راعلم بوزم  ۵ء بیٹھ (ن ۱۲۸۴)

۶ء نہایتھ (ن ۱۲۸۴)  ۷ء ذات = زانہہ  ۸ء نظاونے میتہٕ (چھن)

یہ کیا مےٚ بوو بخم، ہتہٕ و ہتم برجگر داغ    مےٚ کوٗر ختم یا دٕ بس شراو نس داگھ

متو کر تم پتو لاکن حسب آئی    مُرسے زیٚنے پتہ کرسے بوجان فدائی

بہٕ کوتاہ چھون دور بر ہیکہ زالتھ    مےٚ گوہم عشقہٕ نارسے پان زالتھ

سعہ ندر کیاہ کرہٕ مارس چانی لولن    گگہ ندر تراوتھ زٕلن منڈ ور ڈولن[1]

وٕدسے فرہادٕ[2] ترو و ختم برتبس آب    ہیتم درشن دٕ تم شیرینہٕ درخاب

وٕدسے مجلونہٕ کس بو تراوتھس لال    ہیتم دہ بارہٕ کرہٕ ہو جنگلن سال

وٕدسے بو نیہٕ سفو لاگے زلیخا    مشگے نو کینہہ تہٕ ساتھا گژھتہ یادا

وٕدسے شیخو زٕنے اسے نو ہیبز ہند لول    ہیتم زیسے ینہٕ لاران کاستم ہول[3]

وٕدسے محمودٕ کوت گو ہم ایازو    زٕ یکھنا ینیہ پھیرتھ پاکبازو[4]

وٕدسے تیتھہٕ یتھ چھ بلبل نالہ دوان    فلے سور تھ کنڈ یو پیٹھو زھالہ نوان

وٕدسے تیتھہٕ یتھ چھم پوپر شمعسے پیٹھ    دزان ہیچارہٕ در نارہٕ موہ جنبتھ

وٕدسے بوارزنو لاگے ہیتہ مال    ہیتم زیسے خانی راتھا باو تم حال[5]

وٕدسے بو سیف اللہ ملکو کوتو گو کھ    وٕدسے بو دول جمال دوہ نی ہاو تم مکھ[6]

وٕدسے بو مہبور ہرہٕ گرتھس ہمبر زول    کوو بو زاجتھس زیٚنے نارہٕ وزمل[7]

وٕدسے معیارہٕ دلدارو پیہمنا    ہیان بت کدہ درشن دہ ہمنا[8]

---

۱؎ گگہ ندر تراوتھ سعہ ندر واراہ ڈولن (چھن)

۲؎ اون ختم پر بتس آب (چھن) ۳؎ مےٚ چانے دادٕ گومت جگرس ہول

(چھن) ۴؎ زٕ کونو آکھ پھیرتھ پاکبازو (چھن)

۵؎ تا ۸؎ یم زور شار چھینہٕ ن ۱۲۸۴ منز۔

وٕنِتھ کسن زانہٕ چھُم آمُت ٹُبنِتھ حال — شُنِتھ چھُم نالی گومُت شرمہٕ ہُنٛد زال

دِلس ماغوصہ کینہٕ چھُھے یارٕ میونُے — پۆژُے وَن یار کیٛاہ ووہ نی چارٕ چھُنے [۱]

قسم چھُم کِتھ وادِس ہیکہٕ پھیرِتھ — بہٕ نیرَے خاصہٕ ماتم جامہ ہیرِتھ

زنانہ چھس بصورتھ لاگہ مَردا — تہٕ ژھارِنہٕ ووٚچھتہٕ کمہٕ پأٹھؠ نیرِ فردا [۲]

کران اُسہ پانہٕ وأنی تِم لیل تہٕ وأنی — قیامت دوہہ میلوٚ پانہٕ وأنی [۳]

سو نتھ پھوٚل آفتابن تروو پرتو — جوانن دوزٕنل تس یارٕ سُنٛد گو

حقیقتھ پادشاہن نوٚز پانے — سپُد شرمنٛد گوٚسے سو بے خانے

پوٚرُن نغلاہ کوٚرن الحمد للہ — چھہ میانے وفتہٕ عاشق پاک واللہ

خُلقتھ تمی نالی ژھُنن [۴] خرقہٕ ترٛاوُن — اول سے ژوٗر راتکُ منگہ نوٚوُن [۵]

نقیبن [۶] لوے خاجے ہمتس ناد — تہٕ کوٚر نتھ پادشاہن ژور پأٹھؠ یاد

خواننس اُس پیمبر نیشہٕ رزہ لاہ — خوچن کوٚد کوٚتھ تشنہ شاند تلہٕ

زنانہ اُس تس شایستہ دانا — حسینا خوش صفتھ معشوق جانانہ

---

۱) پۆژُے وَن اصل کیٛاہ چھُ چارٕ میونُے (چھپن) یہ شار چھُ چھاپی نسخس منز ۱۲ شار برونٛہہ درج ۲) تہٕ ژھانٛڈان ماربکس منز نیرِ فردا (چھپن) کمہ پأٹھؠ یہ کیتھ کنھہ۔

۳) کران اُسہ البوادعی لیل تہٕ وأنی — قیامت تان میلوٚنہ پانہٕ وأنی (چھپن)

۴) لوگن (چھپن) ۵) اول سے راتہٕ کے ژوٗر منگہ نوٚوُن (چھپن)

۶) رقیبن (چھپن) امہ شارٕ برونٛہہ چھُ چھاپی نسخس منز یہ شار درج سہ

شہن سوز یارٕ سُنٛدُے اکھ جلاداہ — جلادن بوزُن کرٕ اکھ آوازاہ

تسندُسے کوٗٹھ ٹھونس شاند کنے — گوٗنڈُن تس یارٕ سندُسے رخت تتے[1]

پُرژھس تامتھ تسے اَتھ کیٛاہ چھُ ہانے — گرژھک کوٗت یاوتم رسر یارٕ میانے[2]

دوٗپُس تمو چھُے یہ میوٕ نسے یار لاشکھ — لاٗل مسرجانہ پیھٹھ گوٗمت چھُ عاشق

یوٗہے روٗٹ کوٗتوالن فنند ژھلے — وزیرس شنز دوٗر[3] منزسے دار تلے

تمس نش متہ ہیوٗتنے حاجہ نے فالے — تمن ہیوٗ وُچھنہ کانہہ مےٗ ژوٗر تے آلی

قیامتھ چھا یہ کیٛاہ گوٗ ہاے افسوس — وُچھتھ گے حاجہ مالِس ہاے افسوس[4]

تمن ہند کھوتہ روٗزِس[5] ناتہ میانی — مناسب چھا ژھینُن[6] اَسہ یانہ وانی

یہ چھا مقدوٗر یوٗت تام زند چھُس بو — جلادن اَتھ مارُن دِمہ ہا مَن بو[7]

یہ کوٗر مے متہ اَمی سُند چھُے ژٹے پائن — مےٗ چھم از یارِ سندُسے دود ژالُن

بہ مارسے[9] یان لارے پیش سُلطان — خبردار یتھ نہ بیدار گژھہ توٗت تان

نقیبس خاجہ ہمت[10] آو ہمراہ — مےٗ ونتم بادشاہ ژےٗ گژھی کیٛاہ

---

[1] دوٗپُس تمو کوٗٹھ دِتمو سے شاند کنے — ژوٗنتے ہے زنانی ہاے وٕنے (چھپن)

[2] چھاپی نوسخس منز چھُ یہ شار غلط یا اَتھی پیٛکھت۔

[3] وزیرس شنز راتھ کیتھ دار تلے (چھپن)

[4] قیامتھ آیہ نزدیکھ ہاے افسوس — نہ روٗزِس ماجہ مالِس ہاے افسوس (چھاپی نوسخہ)

[5] ماسے (ن ۱۲۸۴) [6] کیا چھُ اَسہ دوان

[7] یہ شار چھُنہ چھاپی نوسخس منز [8] مانن (چھپن)

[9] بہ یارس کرٕ یارس پیش سلطان (چھپن) [10] خاجہ زادہ (چھپن)

جو پیمانے گرٛژھی دِم سیٚتھی نا ظر ۔۔ قصا چھے میٚکھ تہٕ مارُم چھُس بہٕ حاضر [1]

چھُسے بو ژوٗر راتَس واتہٕ مارُن ۔۔ وٕچھو اَل ھکُم وُنی کیٚن کس چھُ پرٛارُن [2]

بَدل ما کانٛہہ لگہِ ما سرتی شگُم [3] ۔۔ دوٚپُس تمی بادشاہن روزِ بے غم

نہ بھاشے مال معہ خشتے لال منظور [4] ۔۔ وٕچھے بو یارٕ سیٚے پیٚٹھ یار چھا پور

دوٚد کھتس خاجہ زادس گرٕ بارٕ ژو ۔۔ نقیبس سیٚتھی نیرِتھ کوٗت تنا گو [5]

وٕدان اُسے لیل کران اُسے بانٛی پانَس ۔۔ بُتھِس پیٚٹھ اَشہِ قطرٕ اوسُ چوانس

اَشے سیٚتھی تھوٚد وٕتھیتھ گو نشدٕ ریتہٕ ۔۔ سے وُنی توم یارٕ میوٗنے گوم کوٗتے [6]

دوٚپُن نیٚو نقیبن یار چھونے [7] ۔۔ سے دوٚپہم وارِ کرِ زینس ژوٗ نیٚر توٗنے

وٕدان گوٚ نالہٕ دوان ہائے کیٛاہ گوم ۔۔ سہ میوٗنے یارِ خدائِس مارٕ ماگوم [8]

شُہیس نیٚش واتہٕ وونُے کیٛاہ ژُلُن ہیٚے ۔۔ پہٕ چھُم خدائیٚن راتَس ژٕ چھُس بیٚے

شُنی شمشیر سیٚتھ ژراو خاجہ زادا ۔۔ شہیس نیٚش گٕژھ زِ گمندتھ ایستادا [9]

مے مارُم نے مے بخشُم بے گوناہس ۔۔ نہٕ بوٚزتھ دار اوٚش پوٚکھ بادشاہس [10]

---

1۔ گرٛژھی سے مالہٕ دولتھ سوز ناظر ۔ گرٛژھی سے خوٗن تمی شُند چھُس بہٕ حاضر (چھن)

2۔ وٕچھو وائے لیوٗسم وُنی کیٚن کس چھُ پرٛارُن (چھن) 3۔ گرٛژھی سے مالہٕ دولتھ نتی تہٕ شگُم

4۔ دیار (چھن) 5۔ یہ شار چھُنہٕ ن ۴ ۱۲۸ ہُنز لیکھت ۔

6۔ وٕچھتھ گوٚ تنبلیوٗمُت نشدرٕ ریتہٕ سُہ مےٚ وُنم خاجہ ہیٚمتھ گوم کوٗتے (چھن)

7۔ رقیبس سیٚتھی ژرایو یار چھونے (چھن)

8۔ یہ شار چھُنہٕ ن ۱۲۸۴ ہُنز ۔

9۔ ژٕ ایم شار چھُنہٕ چھاپی نُسخس منز ۔

ژٕ کوٗر مکھ سر ساتھا دُچھتہٕ از دوٗر — دُچھے بو یارٕ سے بیٹھ یار چھا پوٗر [١]

زٕ ہمن دوٕن ہٕنٛد معشوقہٕ ڈیٛو تہٕ خلقو — وٕدان اوس سور عالم شور کیٛاہ گوٚ

فقیرو بوٗزِو تو کیٛاہ گے ژٕلہنٛ ڈیے — مُرٕنس بیٹھ رٕٹھمو دوٚپ بئے نِنتے [٢] بے

وٕنے کیٛاہ کوٗرٕ تھمو تتہٕ اُکھ اُکس پتھ — تنے پچھے دوستن منز رُوز مرٕ کتھ [٣]

وٕنے القصہ سپُن حکم سلطان [٤] — چھہ آخر زٕ وٕ رہیو نے نورالله خان

کوٗرٕکھ استاد نامتہ کوٹھ تس کُتیتھ — جوانن دار ڈیشتھ [٥] بارواہ دیٛت

جبلادن گُلہٕ زٕ گنٛڈ مٕرنس رز سیتی [٦] — جوانن نالہٕ دِتی فریاد کیتی

خدایا بے گوناہ چھس بنٛد جوٗنے — ژٕ زانکھ کیٛاہ لبو کھتم کرِ ہیوٗنے

لوٗدکھ بے چارٕ کاٹھس آشکارا — لکو منز دراو اُکھ نندٕ بون سوارا

کلہ گوشاہ شکستہ مو پریشان — وُدان تس یارٕ پھنٛدسے حال ڈیشان [٧]

وُچھن ناچارٕ گوشت کاٹھسے پیٹھ — کرِسے نا شمعسے پتہ پوشراہ گتھ

سیہ پوش اُسِتھ ماتم جامہٕ گنٛڈِتھ — پران نغمہ دارٕ تلہٕ کنز خارٕ ژھنٛڈتھ

اُکھن دوٕن ماتنز لاگیتھ سعد پہ چشمن — سونس تل غرق گاٗمژ دمہ پہ پشر تن

اُکھس کیتھ نیزٕ اکرتل اُمس نا ہالی — کمان بر دوش ترکش کوٗر نہٕ خالی

گرِ اُمس زور سیتی دوٕ ناوُن — خریدارس پُنُن دیدار ہاوُن

---

١؎ یہ شعار چھُنہٕ چھاپی نسخس منز۔ ٢؎ یہ شمار تہٕ چھُنہٕ چھاپی نسخس منز۔

٣؎ تنہٕ پچھے رُوز مُرٕ یارن ہنزے کتھ (چھپن)

٤؎ سپن القصہ کوتاہ حکم سلطان (چھپن) ٥؎ لوکھ ڈیشتھ (چھپن)

٦؎ جوانس گلہٕ زٕ گنٛڈِکھ رز سیتی (چھپن) ٧؎ وُچھان تس یارٕ پھنٛدسے حال جانٛان (چھپن)

وزیر اوس بادشاہس بڑو تھہڑ کنے    وزیرو دیھتہٕ یہ ما اوے وٕنے [1]

دوٚپُس تمہٕ پادشاہَن چھمنہٕ خبر [2]    چھےٚ ڈراہِش نازنینا پردٕہ نیبر

ٹُری لاگِتھ سیٹھا دیوانہٕ کرِن    بہ شمع رو ییٚ خود پروانہٕ کرِن

بہ چھُس تَہ ان یمیٚن دوٚن مانہٕ گیاہ نام    یہ ڈیشتھ بیقرار ن روٚزِن آرام [3]

یہ چھےٚ ماشوق اُمی شند چھُمٕ زانُن    توٚے تُل کاٹھ ییتھٕ [4] سر نوجوانَن

گرِس ییٚتھ حالہٕ اَکہ چھےٚ ژھالہٕ نوان    موتِنِس بازرس منز ڈالہٕ دِوان [5]

چھُہ اُمی سےٚ کُن تہٕ میوٕت سورٕ عالم    یہ چھےٚ اَز یارٕ دادے ییتھٕ یہ ماتم [6]

ٹکان تمہٕ پادشاہَن دوٚپ وزیرس    دِلس رٹ ییٚتھنہٕ گرٕھی فاش سیرس [7]

نظر کر چھاو چھان یم دوٚرِ دوٚرے    مےٚ رُٹی مے دوہ توٚے از رانتھ ژوٚرے

نظر کر کوٚر جائِنی جامہ دِتھ چاک    جوانس ییٚتھ چھےٚ لیکن عاشق پاک [8]

وزیرو دیھتہٕ دوہ نی کیاہ ییٚتھ چھُہ تدبیر    غنیمتھ زان یُود وے آسہٕ تقدیر [9]

چھُنہٕ بو گوٚبرٕ بنج چھک کورِ موٚلے    یمن دوٚن دوہ نی کرو نایٚنہٕ دوٚلے

---

۱۔ یہ ما چھُنہٕ ژٕٹے وَتے (چھون)

۲۔ وزیرن دوٚپ ییہٕ شاہ (چھون) ۳۔ یہ شار چھُنہٕ چھاپی نوہ سخنس منز۔

۴۔ توٚسے مادارٕ ییٚتھ تُل سرجوانَن (چھون)

۵۔ یہ شار تہٕ چھُنہٕ چھاپی نوہ سخنس منز۔

۶۔ یہ شار چھُہ چھاپی نوہ سخنس منز غلط پاٹھی لیکھت۔

۷۔ کھٹِتھ تمی (چھون)

۸۔ ییٚسے چھےٚ کوٚر جائِنی وارٕ دِتھ چاک (ن ۱۲۸۴)

۹۔ یہ شار چھُنہٕ ن ۱۲۸۴ منز ۹۔ گوٚبر بنج = ۹ گوٚبر موٚل (چھون)

وزیرن تور دۄپنس چھس یہ راضی
اَرنچہ ژھاۓ[1] چھہ یہ دانا مُفتی قاضی

جوان از دار دو لگہ شاد سپُن
سیٹھا تمہ رٔچھ جامہ تنہٕ پیرُن[2]

کوٚرُس تمہ پادشاہن پانہٕ شاباش
مَرُن بہتر کورُ تھ نو سپر خود فاش[3]

ژٕ ہے ژُھنہ تھم آب صبرُک عشقہ نارس
توٚے اَز واتمو کُھ نیشہ یارس[4]

ژٕ ہے کُر تھم پاکب اَزی یر تلاوتھ[5]
دُچھک وہ فی پاکبازی ہنز خلاوتھ

پُچھنے بو مول چھی ہم ٹوٹھ فرزند
وزیرس شنز کوٚر ہُندے چھک ژٕ خداوند[6]

تہٕ تور کتھ شاد سپنہ لال مرجان
پیری زَن غائب سپنہ پاک اَمانٕ[7]

خلقہ تمہ نالی ژُھنُن شاد سپُن
پٔرُن الحمد اللہ صاحبس کُن[8]

دراں دشت عاشقن ووٚن دٕ صلن سپُن
دُچھان ژم مست پاٹھین اکھ اکس کُن

رٔٹن تمہ عاشقن ماشوق نالے
کران اَسی ہیہ دَستے بر گلالے[9]

یتھی اَسی عاشق و ماشوق پیشس
یتھی اَسی شاہ عادل صاحب دین

ہزاراں مرحبا بر جان محمود
کہ گُفت این قصۂ سُلطانِ محمود

---

۱ء اسہ مبر کتھ بو دانا (چھ) ۲ء جوان تمہ کاٹھ وولن شاد کورُن

سیٹھا شاہانہٕ تس پوشاکہ پیرُن (چھن) ۳ء سپرسے فاش (چھن)

۴ء یہ شار چھپنہٕ چھاپی نوہ سخس منز ۵ء ژ کھتو عاشقا زیر تلا و کتھ (چھن)

۶ء لال میر جانہٕ ہُند (چھن) ۷ء یہ شار چھپنہٕ ن ۱۲۸۴ منز۔ ۸ء

یہ شار چھپنہٕ چھاپی نوہ سخس منز ۹ء ہران اوس اوش تمن دوہن بر گلالہ
(چھن)

# پہٕلۍ نامہٕ

دید موسیٰ یک شبانی را براہ[1]

کو ہمی گفت اے کریم و اے اللہ

ڈیوٚ نِشہٕ موسہن اَکھ پوٚہلا بربیل[2] نالہٕ دِوان اوس دپان یا جلیل

ڈیوٚ نِشہٕ موسہن اَکھ پُہلا داٗدی لد زار وَنان اوس دپان یا صمد[3]

ژالہٕ ژالہٕ اوٚش اوس ژاوان بیہ دِتے[4] اوس دپان بار ھاۓ بو چھک کتے

داٗدی لد اوس دِ دِوان دمبدم یارِ لگیو ژاہ میانی بوزتم[5]

مول موجی ساریو وٚندے کرون[6] تے دید چانے ژوٚنہٕ لوگم گرون تے

---

۱۔ دید موسیٰ یک شبانے بر سبیل (ق ن)

۲۔ مقبول امرتسری چھُ پنُن پہٕلۍ نامہٕ پیٹھ کنہٕ شعرو کران :

روز دعا بوز اندر مثنوی چھُے وَنان پانے جناب مولوی

دید موسیٰ یک شبانے را براہ کو ہمی گفت اے خداوند اللہ

کتھ چھُے چھک تنتہٕ بہ کرے چاکری نوکری منز خاصہٕ چانی نوکری

شانہٕ کرہے موۓ عنبر بوۓ سے نازنیناہ بوسہٕ کرہے روۓ سے

۳۔ پیل تہٕ داٗنی اوس کران وَدہٕ وَد اوس دپان کتہٕ ژھارہٕ یا صمد (ق ن)

۴۔ پیشہٕ پُشے اوٚش ژاوان دارِتے (ق ن) ۵۔ قادرا پروردگارا بوزتم (ق ن)

۶۔ پیشار چھُنہٕ مروجہ نہٕ سخنس منز۔

بار خوٗدا ونٛدۍ وٕنٛدے جسم تہٕ جان
موال ٲجی، کوٗر، گوٚبرے، زوٗنہٕ جان

بار صاحبو ہاوتو دیدار سٕے
ہٕنہٕ ہٕنے تھنہٕ گوٚنٛڈ نمہٕ نار سٕے

بار صاحبو سرہٕ وٕنٛدے پادٕ نے
دِتہٕ درشن ہاہتہٕ تھوٗنم لادٕ نے

بار صاحبو کنہٕ لبہتہٕ خلہٕ وٲتھ
ڈیشہٕ ہتے دوٕن اچھن منٛز للہٕ وٲتھ

ڈیشہٕ ہتھے پچون حیا کرٕ آسہٕ ہا
طوف کرٕ ہے خوف جانس کاسہٕ ہا

نہٕ ہہ تہٕ نیشدرٕ جاپہٕ پرٕتھ مٕے راوٕرم
کھیٚن تہٕ چیٚن ترٲوِتھ تہٕ مٕے ژٕ مٕے مٕے کوٗرٕم

ہوٚنٛڈ نہٕ ژھاوٕل روٗچھ مٕے جانے ہاوٕ مے
ژٕہے پیامو ژٕہے کھیتامو بو لسے[1]

ہار موٚت چھم چون عرضاہ بوزتمٕ
کنہٕ ژٕ رٲوے نیشہٕ سا تھاہ روزتمٕ

جود کوٗر تھم دود وٕسنے درٕ دِلو
کور ژٕوٕل ہیم کنہٕ ژھاونٛڈتھ ہا تر ژٕلو

بُرتھ دِز تھم لولہٕ تبراہ وٕنہٕ کٕس
عار رستیو پارٕ کرٕ تھمٕ جگرٕس

پینٛچہٕ بیہہتم، ژھوبچہٕ درشن دِتامو
تاب چھمنو خابٕ را تھا پیتامو

عشقہٕ تبرے لوسے تھمو لولہٕ چھوک
سور چھہو اوٕ کرٕ بیہٕ ٹوکہٕ ٹوک[2]

یامہٕ کاستھم جامہٕ وُلہٕ یِہ کامہٕ کو
دادِ جانے سوٗر ملہٕ یِہ کامہٕ کو

دادِ جانے اندری اندری سوٗر گوم
دادِ جانے عشقہٕ پاتھن[3] دوٗر ییوم

شانہٕ بدٕ یوٗ شانہٕ کرٕیو کو کلن
دادِ جانے سوٗر سپدان عاقلن

---

۱۔ یہ شار چھُنہٕ مرُوجہ نوہ سخنس منٛز۔

۲۔ یہ مصرٕ توٗرٕم نہٕ فکرِ (ناجی)

۳۔ پاتھن = ؟

دادِ جانے عشقہٕ منزِل دوٗرٕ گوم (قاٗن)

شاہہ بڈ یوشانہ کرِ یو کوکلن     داد چانے سوُر سیدان عاؑ قلن

ونتہ کتہ چھک وُنی شے دتہ سو چانہ پوٗتر     فند لو گھتس وُند فمو چانہ پوٗتر

یار میانہ آرِ بلہ بیٹھ پراریو     زاگ مہتہ تے زانلی وانکے یارِ یو

یار میانیو کونہ گرہم یاد دو     اندر زول تھتس گوم اُڈ رچن یاد دو[۲]

یار میانیہ لولہ نارے زو لھتس     عشقہ داد سے شین شراویہ گو لھتس

یار میانیو یارِ لگہ یو ناوہ سے     چانہ داد سے زوُ ہسے نو گم داوہ سے

یار میانیو سربہ وُندیو پادِ سے     راوِ روُوُم چانہ پرژھ سور آدنے[۳]

یار پارہ کور تھمو یارو وھلو     عارِ ستے ہاے دِلدارو وھلو

دادِ چانے[۴] ننگہ ننگے نیریو     دادِ چانے جنگن منز پھیریو

نبہ وورے[۵] چھک ستہ ہسے زیر پے     وتہ وا لھتہ وتہ ژھنھس ہا ہے

چامہ چھکلہ[۶] ہسے کامہ دیوو کامکو     نامہ لیکھو یو پامہ چانے ہا چھمو

اے خدائے تو ہمہ بزہاے من

وے بیادت ہست وہیہاے من

گر ترا بیمارئے آید بہ پیش

ہست ترا غمخوار باشم ہمچو خویش

---

۱) یہ شعر چھنہ مروجہ نسخس منز ۲ ۷ " دو " ت ۶

۳) چانہ دیدہ سے سور روم آدنیہ (ق ن)

۴، ۵، ۶ یم ترے شعر چھنہ مروجہ نسخس منز۔

۷) مولوی شد یہ شعر چھہ مقبول امرتسری تہ لیتھ کھٹ۔

ٹھوٗ تہٕ نبیاہ اَنہٕ ہے بو دوٗد تہٕ گیوٚ  بارچاٹُو میون ہیوٚ کُس دود بیوٚ
بہٕ چھپرَٮ۪ ہیٚو فہ تہٕ مایر کھیاوٹھو  نیرِش رٮ۪ ہیٚو گیٚہ دوٗدا چیٚاوٹھو
رَٹنہٕ وِنیوٚ ہیٚنڈی تہٕ سوٗ تگر مارِیو  غاصبہٕ جامِن تارِ سوٗنہٕ پچے تارِیو
ساسہٕ تیزسہ خاصبہٕ نیامُتھ کھیاہٕ ٹھو  نیر لُجبیو کھوٗنہٕ تَل بوساوٹھو
فہ تہٕ مایر جیٚھم میٚے چانے ہاوسے  ژیٚے کھیٚتامو ژیٚے چیٚتامو بوٗسے

جامہٕ ہایت دوزم سپش ہایت کشم
شیر بیشت آدرم اے محتشم
ہم ہنیرو نانہائے روغنیں
خمرہٕ جغرات ہائے نازنین

نتہٕ واریو پٮ۪لیہ ہورا کرِیو  پونہٕ گیٚہ یہ گیوٚ سیٚتین مَلیو
وُنشہٕ پانے ملِ بہ کھورن کاسہٕ یو  جنڈ گنڈتھ بنڈ بردار آسیو
کنہٕ آسان چھک بہٕ نیشی روزہٕ ہا  چھُے میٚے اَرمان پوٚن فرمان بوزہٕ ہا
مشکہٕ عنبر ہیٚتھ ہپانِن کوکلن  چانہٕ الفتہٕ چھنہٕ عاشق موکلن

عافہ تہٕ تامن نان روغن چاوِیتھ  نرِیش رٮ۪ یو قندشربتھ چاوِیتھ (ق ن)

مقبول امرتسری چھُ لیکھان ۔

دردِ کینہٕ پاشوٗے کرِہے دمبدم  ساتہٕ ساتے ذِیہ ہیمہٕ ہا چون غمُ
ھَتہٕ سیٚتی زرم کرِہے پادژٹیے  تَل کھورن وندہ ہے ہنیو اولادژٹیے
بَرتے ژھاوُل کرَے قوربان ژٹیے  آلوٗے راوٚس تہٕ پادن پان ژٹیے
جامہٕ شوٚیو بخیہٕ سیٚتین اُوٚیے  بوسہٕ کرِیو توسہ وَلیو زاوٚیے

زیں نمط بیہودہ مے گفت آں شبان

گفت موسیٰؑ با کہ گوئی اے فلاں

گفت با آں کس کہ مارا آفرید

ایں زمین و چرخ ازو آمد پدید

تس دیان چھس بو ییمہ وویدوو نِشِہ
ژھیپھ ہیُتھ اَمہِ اَدِ بعقیپھ بودیو و نش

عرش کُرسی یادِ ییمہ کوٗر تس دوٚپُھم
نارِ بُسرے زولتم فوٗرتس دوٚپُھم

تس دیان چھس یادِ ییمہ کوٗر آسمان
گُگو نہ گنڈِتھ ہنہِ کوٗر نَمَ ریسمان

تس دیان چھس یُس چھُ جابک زدتے
عشقہِ نار یے ییمہ سُے کوٗر نَمَ سوٗرتے

تس دیان چھس ییمہ کوٗرُم اُرپار سے
سَرزِ اُلِتھ کرِ تنز گوٗنڈُم نار سے

گولنس تمہ زولنس وولنس مدے
شِلہ ہیتھ سے ژول دِلس گرکہ نَم زدے

گفت موسیٰؑ ہاے خیرہ سر شدی

خود مسلماں ناشدہ کافر شدی

گر نہ بندی زیں سخن تو حلق را

آتشے آید بسوزد خلق را

دوٚپُس موسیٰؑ ہاے پہلیو یہ دپ
اَمہ وَنہِ نے کھعہ پَرِت چھُجے اَمس ژوٚپ

ہاے پہلیو یہ وَنُن نوٚ یِزِ وو
اَمہ وَنہِ نے سور عالم دَزِ دو

کھیاوِنِ کُس ناوِ ہَن کُس چاوِ ہن
تیر لگیتھ کھعہ نہِ تَل کُس ساوِ ہن

ہاے پہلیو بوزتو تہندے صفات
کھیتوٚن تہِ گنڈُن زیُن تہِ مرُن چھُنہ ذات

نے پدر مادر نہ تس فرزند و زن
زیوٚن تہِ پرِ سنُے نہہ تہِ نِنِدرِ کھیتن حین

ژھیپہ کان دِتھ تقیہ وولُن پوٚ ہلے
نارِ دوٚدُمت وارِ زولُن پوٚ ہلے

گفت اے موسیٰ دہانم دوختی

وز پشیمانی تو جانم سوختی

جامہ را بدرید و آہے کرد تفت

سر نہاد اندر بیابانے و رفت

چاک ڈِتھا خاکھاموُٹن ہیرے بوہنے        پاک ذاتش کیا وَنے کوڑنم سنے

کھیوٗل تڑاٗوِتھ دوٗر تام ڈوٗل پوٗہلے        نالہ دِوان راتھ دوہ گوٗل پوٗہلے

پیٗلہ پوٗہلے کھیوٗل تڑاوِتھ ڈراوتے        تیٗلی کلیمش تو ندا آوتے

وحی آمد سوئے موسیٰ از خدا

بندۂ مارا ز ما کردی جدا

تو برائے وصل کردن آمدی

نے برائے فصل کردن آمدی

یا موسیٰ آکھ یاڑی لا گنے        کینہ آہم بالہ یارس زا گنے

یا موسیٰ کیتھہ پہ کوڑھ کارتے        نشہ جدا کوِ کوڑوِتھ دلدار سے

عشقہ بیوپچ عاشقن میان من خبر        دادی لدے زانہ کیشاہ زیر و زبر

درحق او مدح در حق تو ذم

درحق او شہد در حق تو سم

درحق او نور در حق تو نار

درحق او باغ در حق تو خار

ما برون را ننگریم و قال را

ما درون را بنگریم و حال را

ناظرِ قلبیم اگر خاشع بود — گرچه حرف و صوت ناخاشع بود

خونِ شهیدان را ز آب اولیٰ ترست — این خطا از صد ثواب اولیٰ ترست

تو ز سرمستان قلاوزی مجو — جامه چاکان را چه فرمائی رفو

ملتِ عاشق ز ملت ها جداست

عاشقان را ملت و مذهب خداست

گناه ڪريم جائي نماز ۽ روزي مٿي — سوز گڏهه مو سوز گڏهه موسوز مٿي

پنهنجي ڪليمَ کي تون پيتي سر بادشاهه — پرده تلپهه تنهن حقيقت هو ونش

بعد ازان در گوشِ موسیٰ حق نهفت

راز هائے کان نمے آید بگفت

همچنان در گوشِ موسیٰ ریختند

دیدن و گفتن بهم آمیختند

بود ڏس سر هو ونس ڪونس عتاب — در او ڙهاڏن پٺتي پهلين شتاب

جاءِ اڳي سي آس پونهالي در نظر — پانهي سي تمي ڪونتن زير و زبر

موسهن وڇي گوسن لاران هڪڙو — دل ڪباب و سوخته صاحب دلو

هڪ پهليون اڳتي اڳتي روز تو — ڏسي ٿي مٿي ٺهيو اکم کنهنا ميائي بوز تو

هڪ پهليون نار چون هو نور گو — ذم چون هو مَ جهه کهه منظور گو

هڪ پهليون ڏنان ڇهڪ تي ٿوڻ — حق تعالا را ضمي گوجانين ڪٿڻ

هیچ آدابے و ترتیبے مجو

هرچه مے خواهد دلِ تنگت مگو

دو پڇس پهلي نو ڏڇه متي روڻو — جانهن ڏنهن نه هي مٿي سوڙي مٺو

پنهنجي پيتن ڏنهن نه سوڙي مٺو — دادي لڏ دارو دوا دارئي مٺو

یا موسیٰ وہ تی لوا ہم نو سے مقام     تازیانہ چانہ ہے دو تس بکام

تازیانہ بزردی اسپہم بگشت

گنبد گرداں ز گردوں در گذشت

عشقہ تازنی لائے ہم گو سے فنا     گوس واصل آم حاصل دیناؔ

گوس فائنی چھمنہ خبر چھس کتے     آفریں بر آفریں بوے نے زیبے تے

محرم ناسوت تو لاہوت باد

آفریں بر دست و بر بازوت باد

شاد باش اے عشق خوش سودائے ما     اے طبیب جملہ علت ہائے ما

اے دوائے نخوت و ناموس ما     اے تو افلاطون و جالینوس ما

جسم خاک از عشق بر افلاک شد     کوہ در رقص آمد و چالاک شد

عشق جانِ طور آمد عاشقا

طور مست و خر موسیٰ صعقا

عشقہ سیتی رقص کران کوہِ طور     عشقہ سیتی دوت موسیٰ در حضور

عشقہ سیتی آسمانس چھے دہر     عشقہ سیتی چھے زمینے پیٹھ ٹھہرہ

عشق چھہ آتش چھ زالان خوشک و تر     عشق چھے طورس کران زیر و زبر

عشق چھے دیوانہ کران عاقلن     عشق چھے رٹ نعمتہ صاحبدلن

عشقہ سیتی دور کران آسمان     عشقہ سیتی تر و تازے گو جہان

عشق چھے آئینہ نورِ خدا     عشق چھے آخر ژماں ازماہوا

یا الٰہی بخشتم عشقن مزے

نارِ عشقنہ کوت کالا بو دزے

# یک حکایت

حمد تس ییٚمہ پاٚدٕ کوٚر تمہ جسم جان [1] / عقل و فکرت بخشنم دل تہٕ زبان

حمدٕ پتہٕ سوز صلوٰۃ و سلام / بر محمدؐ آل و اصحابس تمام

اہلِ دردَو دوو کیاہ کو بوزِو تو / حُبہٕ سانہٕ تھہ تہِ ساتھا روزِتھ تو [2]

یک حکایتھ روز کاشرِ پاٹھی بوز / سر بہ وندہٕ پاٚدٕ گژھی دردو سوز

سوز و گدازِ محمدؐ آسہٕ یُس / وا ثناوس پانہٕ حضرت جنتس

سوٚز رہبر آں محمدؐ نورِ پاک / تھہشندِ خاطرٕ پاٚدٕ کوٚرن آب و خاک [3]

اُمتس پیٹھ کیاہ چھےٚ ہمیتھ سرورس / سارِ اُمت پاٚرِ لگو پرورس [4]

کیٚتھ معہ رسل اُمتس پیٹھ کرہاو / مول کوٚ ہرس لول تیتھ زاہ بناو [5]

کوٚ زانکھ سون سرورس کیاہ چھُ جان / پانہٕ دوٚپنس ذاتِ پاکن در قرآن

یا محمدؐ پاٚدٕ کرِ جائی ونشات / عرش، کرسی، لوح قلم تہٕ ییتہٕ راتھ

---

١۔ حمدٕ دپ تس پاٚدٕ ییٚمہ کوٚر جسم و جان (ن ١١٢٣)

٢۔ یہ شار چھُنہٕ قلمی نوسخہ نمبر ٢۔ ن ہاٚجور تہٕ چھاپی نوسخس منز درج۔

٣۔ ٤۔ ٥۔ یم ترےٚ شار چھِنہٕ قلمی نوسخہ ٢ منز

٤۔ سارِ شمتھ (چھپن) سارِ سٚمتھ پاٚرِ اُمتھ پرورس
پاٚرِ لگوس سارِ عالی ہمتس (اَڈیشوک نوسخہ)

٥۔ یہ شار چھُ قلمی نوسخہ ١ منز۔ کرہاو؟

آسہ ہکھ نے آسہ ہتے کانٛہہ تہٕ چیز — روز و شب بیدار روزن چھک عزیز[1]

اتفاقن شبہ اکے آن جناب — اوس شونٛگتھ ہُت لوٗسمُت بر فرش خواب

خاصۂ[2] خادم اُسن جبریل پیام تام — یا محمدؐ صاحبن زٕ نے سلام

یادِ کورٕکھ دیوٕ کرِہم بندگی — کیازِ سے کورٕ تھم کوٗ انہتہ بندگی[3]

بندٕ بیزار بندٕ بندس منگہٕ نس — آگٕ ہُشار بندٕ پزٕ یا شونٛگنس[4]

کوٗ شونٛگتھ کیتھ مشرتھ اُمتی[5] — اُمتی چھی دوز خس منز ہیمتی

نصیف شب نے پاس اُخر ڈولتھ چھُم — تمہٕ وقتے ییمہٕ تہٕ موٗنگم تس دئیتم

ڈایہ ترٛاوِتھ زاو رووُلتھ نصیف شب — خاصہ وقتے اُمتس کوٗر ہے غضب[6]

زار زائے جنے سار اُمت عام و خاص — کانٛہہ تہٕ اکھ شیہ نی نو وہ نی خلاص

بوز اُمت پرورن یا محمد خبر — حجرہٕ نشے نالہٕ دوان گوٗ نیبر

ووٗد صحابو[7] آیہ جبھس ژھاڑنے — اشہ سٕ کنے موختہٕ زن لگو ہارنے

پرٛیچھ مکانس دائی تم بعدِ نماز — کوٗت سنا گو لامکانک شہباز

اہلِ بیتو ہے تُلکھ یا ربنا[8] — کانٛسہ ہُند گرِ گے نہٕ گے تم کوٗت سنا

---

۱۔ یہ شار چھپنہٕ قلمی نوہ سخہ ۲ تہٕ نوہ سخہ مہجور منز۔ روز و شب بیدار روزم چھک آ عزیز (ن ۱۱۲۳) ۲۔ خاصہ خاصے آس (چھپن) ۳، ۴۔ یم زٕ شار چھہ قلمی نوہ سخہ ۱-۲ تہٕ نوہ سخہ مہجور منزے یوت درج ۵۔ راوِ راوِتھ اُمتی (چھپن)

۶۔ چھاپی نوہ سخنس منز چھپنہٕ یہ شار درج ۷۔ بوز صحابو (چھپن-ن ۲) یار سمیتھ آسے ن ۱۲۳۔

۸۔ یارب پناہ (ن ۱۱۲۳)

آیہ لاران گرٕ ژھاۍرکھ عائیشہ [۱] — سون سردار اوس آسان ژیتے رنشے

عائیشن دوٚد باکھ ترائون الفراق — چھُم مے آمُت لول واراہ اشتیاق

چھُمنہ فُتوا نتہٕ ژھارہٕ نیرِہا — وَنتہٕ وُچھان ییتہٕ پیتے نیرِہا [۲]

اوس شونگتھ گوکھ یادا جبریل — یا محمدؐ چھُے دپان روزِ جلیل

کیازِ شونگکھ کوٚ مُشر یتھ اُمتی — اُمتی چھی دوزخس منز ہیمتی

یام بوزُکھ تام نیریتھ گے نبر — غُمہٕ سیتین اُدٕ چھُمنو کینہہ خبر

بوز یارو لگو دِنے بارو سیٹھا — کیٛا ستنا کنتھ جایہ گے امت پناہ

ذرایہ [۳] ژھاران خون دِل ہاران ہمہ — ونتہ سمکھک اکھ پولاہ سیتھ رٲماہ

ہے پہلیو کینہہ نتہٕ ما ہولوم چھُے — کتہ اوسکھ ونتہ ما کانہہ سمہ کھُے

ہا پہلیو یار گو یارن جدا — عاشق حق خاصہ عاشو قے نعوذا

ہا پہلیو چھُے تیتھ عالی نشان — یا یہ بدس اوٚبرِ [۴] ژرزٕ چھے سایبان

ہا پہلیو سون حضرت نشند بون — کتہ ٹھوکن مَتہٕ [۵] گٹن اسرو چھون

تمو پہلی یا سیتھ محمدؐ بوز ناو — ناو بوزیتھ لولہٕ سیتی تس گریہ [۶] آو

چھس بہ پھیران جنگلن منز کوہ کوہ [۷] — شور بوزان از ییتے وأتم زوروہ

---

۱ء آیہ سیمتھ گیہ ژھاۍرکھ عائشے (ن۲) سارے سمیتھ آیہ ژھاۍرکھ عائشہ (ن۱)

۲ء ییتہ پیتے وَنتہ وُچھنے پھیرہا (ن۱)

۳ء آیہ لاران (ن۱)

۴ء اوٚبر لوٚنگ (چھون) ۵ء متہ گھٹنن، اسہ ہاوتن اسرو چھون (ن۳)

۶ء ترزٕ ژاو (ن۱)، ۷ء دوٚپکھ پہلی چھس بہ پھیران کوہ بہ کوہ (ن۳)

بۆز یارو جانوارو ترٛو کھین — کیا شنا[1] کُس دود پیومت للہٕ وۆن

بُلبُلہٕ ساتھا کل کرِتھ تھاویوم کنٛ — گریہٕ بۆزِتھ سینہٕ[2] گوم بریانہٕ تن

لیل کران تمہٕ نوح چھکھ ڈیتمت ویتی — اوسُس[3] کران اُمتی یا اُمتی

بۆز یارو یام پیٹھ لِش[4] نِشہٕ نیب — زون تمہٕ آسہٕ سونہٕ دِلغریب

دائی کھوہس پیٹھ ڈٕچھک غار شریف — غارس اندر اوس سردار لطیف

سر بون کُنٛ اوس وائلیتھ للہٕ وان[5] — بار حاجیس یارِ شِندِس پُھٹُن[6] لیل کران

اوس چشمو کنہٕ ترِاو نۆن جگر — یا الٰہی از کرم بر من بنگر

یا الٰہی میون فریاد بوزتم — میہ اُمتُہ ساری گوناہ بخشتم[7]

اوس بٕران نالہٕ دوان یا الٰہ — غم مے کاستم اُمتس بخشتم گوناہ

ڈُیو تھٕنٛ یارو یار اندر غارِ تنگ — حاجتس سینتہٕ گاہ بہ صلح گاہ بجنگ[8]

وۆد صدیقن یا امام المرسلین[9] — سر بہٕ وندُسے تھوٗد ثُلہٕم سر[10] از زمین

---

۱۔ کیا کمِس کُسی دود (چھ ن) ۲۔ سینہٕ بریان تنٛ (چھ ن ۱۱۲۳)

۳۔ اوسُس کران اُمتی یا اُمتی (ن ۳)

۴۔ تس پیٹھ لِس نِشہٕ نیب (ن ۳)

۵۔ کور چھ کیتھ اوس سرِ مبارک للہٕ وان (ن ۳) کلہ بون کُنٛ (ن ۱۱۲۳)

۶۔ یہ شار چھُنہٕ چھائی نو نسخن منز۔ سلوان (ن ۱۱۲۳)

۷۔ یہ شار تہِ چھُنہٕ چھائی نو نسخن منز ۸۔ گاہ صلح نے گاہ جنگ (چھ ن)

۹۔ یا امام المتقین (نو نسخہ ۲)

۱۰۔ اسہٕ ہاو کھنا جمال نازنین (ن ۳)

يا محمدؐ جيئن ڇھس نا يارِ غار — ڇھس ٻہ ٻروان ڇھي ٻہ يوان ميون عار

ڇھم ٻہ ڪينشھا ڪوڙ مُتن راهِ خدا — سور سڦ[1] مبرهٽه اُمتس ڪوڙ ڦي فدا

ڪونہ بخشي بار صاحب اُمتس — ياري لڳہ هوهي ساري عالي هِمتس[2]

پيوس پاڻ پيهه پرت عمر خطاب — اُمتس پيهه بخشش مي عدلُ تُوا اپ

ڇھم ٻہ ڪينشھاتي ڪري راهِ خدا — سور سعه مبرهٽه اُمتس ڪوڙ مي فدا

آس تامهتھ خاعيہ عُثمانِ غني — يا محمدؐ ڪو ڇھو هم[3] رو شيني

آيہ آئي سعه مبر مي فرقانِ خاص — هتہ رکتم اجهہ تمہ کے هيتھ بہ آس

چانہ اُمرٹ پيهه مئي بخشم بوزتم — جتمہ ونڈي[4] متر ٽلهنھ ٿوڈ روزتم

سر ٽرپهنہ ڈراو علي مرتضيٰ — ڪافرن سيتو جنگ ڪرنس ڇھاجزا

چانہ اُمرٹ پيهه مئي بخشم بوزتم — جتمہ ونڈي متر ٽلهنھ ٿوڈ روزتم

ڪونہ بخشي بار صاحب اُمتس — ساري سمهتھ ياري لڳہ هوهي هِمتس

مال دولتھ لال تنگتم يا رسول — متہ ڪرنا هتم يا رسول الله ملول

پھيرموٹادانس توئي اُسي ٽپرو واتي — زار ٻوزنہ يار ڪاٹيتو آري ڪاتي

لوٹسي واراه جيئن ديداراه ڪرو — متہ وڈي تو ٽتہ اُسو ساري مرو

تو ٻيتي ڈراٻہ اصحابِ ڪبار[5] — يا محمدؐ اُسو ٽہ ڪري سرنثار

تورہ دو ٻيتڪهہ همتس ڇھو مرحبا — عشق تالا چادہ اُهتھ دي توجزا

---

[1] سور سمهتھ (ڇيڊن) [2] يہ شار ڇھنہ ڇھاپي نوه نعس تہ ن ۲ ھتر-

[3] ڪياز (ن ۲ ڇھاپي نوه سخ) [4] سر بہ ونڈي ڪلہ ٽلهنھ روز تم

(ن ۱) (ن حجور) [5] آيہ سمهتھ ساري اصحاب ڪبار (ن ۲)

مَتہٕ ڈیٚپ توٚہۍ اَسہِ کرو روز و نماز [1] | توٚہۍ ینٚشے چھُو صاحب بے نیاز
مَتہٕ ہٹیکی توٚہۍ اَسہِ کرو حاصل ثواب | توبہ کرِو توٚہۍ کرِ ما قہر و عذاب [2]
مَتہٕ ہٕوِو توٚہۍ [3] پانہٕ پننۍ بندگی | بندگی نو یارٕ چھو شرمندگی
مانہٕ بُشار تھۍ آسہ اَمیک عار فَس | آغہٕ ہشار بندٕ شُبیا شوگنس [4]
کیاہ چھُہ بے پروا خُدا ے پاکذات | انبیا رچھِت وَدہٕ نامتو دوہ تہٕ راتھ
نا وۄمیدن سُے چھُہ کران باوۄمید | باوۄمیدن سُے چھُہ کران ناوۄمید
صابرٕ ایوب و یونس ذکریا | تہٕ الہٕ ناوُن داٗدس زحمتھ تہٕ بلا
خوٗبصورتھ یوسف علیہ السلام | چھوٚرہ کھاٗرِتھ بیہ نشہٕ سید یو غلام [5]
چھُم محمد ص ناو مسکین و فقیر | عاجز و بے چارٕ مسکین و صغیر [6]
سارِنے برونہہ پاٗدِ کوٚرُن میون نور | میانہٕ نورٕ سے اوس توراۃ و زبور [7]
آیۂ لولاک سوٚزم صاحبن | سرور و سردار کوٚرُنس مُرسلن
زِہہ لٕ کٕنیم وچھتہٕ بنِتھ آم کیاہ [8] | تیوٗت وۄدُم یوٗت مُت چھُم پٕہ زاہ
چھُس بہٕ کھوژان دِہ ناوِم پتہٕ | غمہٕ سِیتن چھُس بہٕ گولمت امہٕ تِہٕ

---

۱ع یہ شار چھُن ن ۲ تہٕ ن ۱۱۲۳ منزٕ سے یوت ۲ع عتاب (ن ۲)

۳ع یہ شار چھُنہٕ ن ۲ تہٕ ن ۱۱۲۳ منزٕ سے یوت۔

۴ع یہ شار چھُنہٕ ن ۲ منز۔ ۵ع چاہہ کھاٗرِتھ بیہ اَکی شِہ بو غلام۔

۶ع چھُس محمد پانہٕ مسکین و فقیر رہنمائے خلق و بشیر و نذیر (ن ۲)

۷ع برونہہ سارِنٕے پاٗدِ کوٚرُن میون نور

میانٕے تعریف اوس توراۃ و زبور (ن ۲) (ن صحیح)

یا محمدؐ اَدٕ ژٕ تہٕ کیاہ چھُ جان | تو ر دوٚپ نکھہ راتھ دوہ اُسو ودان

بیہم خمہ دابرن سٕ چھُ پیٚز ثواب | وَدِ وہنٕ ہٕنہ دُعا چھُو مُستجاب

مَتہٕ وُدِ مُر تو سٕتی پتہٕ میاینس دُنیس | سارِ ہند سُنچتھ زارِ وُنی تو عطا چھُس

کانسہ ہُند بوزُن پئے جاگے ہمہ | آیہ ژھاے رٕکھہ نیا سہ حضرت فاطمہ

فاطمہ ہیتھو سیتو یانس نورِ عین | شاہ حسن بیتہ امام حسین

وانتہٕ وُنے فاطمہ کیاہ تراؤ باک | بابہ صایٚ بو اسہ تراوتھ کیاہ زٕ آکھ

چیانہٕ دوہ پرسیتو صبحن گوم شام | ژوہن دوہ ہیٚن ہندہ فاقہ چھم اُمتہٕ امام

یا محمد یا امام الانبیاء | اوسہٕ ہم ژٕ پے صبر کران از بلا

میانہٕ بابہ سون کینہ چھے ملال | دوہ نی ژٕ تے روٹ چھم کرٕ بایتھ ونتہ حال

تو ر دوٚپ ینس ہاے میانی فاطمے | یاد گیہم اُمتس نادہ دمے

بینہٕ تُزم تنہٕ چھس گریہ یاہ کرن | زالہ نم ما اُمتس تم کیاہ کرن

جبرئیلن دول نم آئے عتاب | یا محمد اُمتس کرِ ہوے عذاب

بینہٕ تُزم تنہٕ چھس گریہ یاہ کرن | زالہ نم ما اُمتس تم کیاہ کرن

سجدہ کرِ تو سوٗے رب العالمین | سرِ برہنہ ڈیکہ تھووِ نو بر زمین

بے نیازس اسی کرو فریاد و آہ | بخشنا ودن اُمتس سارِی گوناہ

وُدِ اماموٗ یا امام المرسلین | اُسہ ہاؤ کھنا جمال نازنین

---

۱؎ ژوہن دوہ ہیٚن ہندہ بچہ فاقے چھم امام (ن ۲)

۲؎ یہ شعر چھُ ن ۲ تہٕ ن ۱۱۲۳ منزٕ ہیوت ۳؎ یہ شعر چھُتہ ن ۲ منزہ۔

۴؎ تا ۵؎ یم ژور شعر چھُ ن ۲ تہٕ ن ۱۱۲۳ منزٕ ہیوت ۶؎ یہ چھُ ۱۱۲۳ منزٕ ہیوت۔

بابہٕ صایہ دوزخن ہُند غم میٚیہٕ — اِنشاء اللہ اُسہِ چھیہ تتھ نارس پیٚر

وَدِ ناوُن گرِ کرِ ہیٚتھ عرشِ عظیم — اُسہِ ستیٚہٕ پین ژھیوٚ وُن نارِ جحیم

بے نیازس اُسہِ کرات فریادِ آہ — بخش ناوُن اُمتس ساری گوناہ

دوٚیِمس فاطمن بابہٕ صایہ وَدِ تسا — مہ کلاوٕسے اُمتک ژُھٹہٕ یُم چھنا

تریٚن[1] چھیٚن چھی شاہ حسن و حُسین — مہ کلاوُن جانی اُمتہ اجمعین

فاطمہ ٹوٗنتام ہیر تھوٚد نوٚتلِے — یا تہٕ بخشیم یا نہٕ پٔرسو نو ملے

فاطمن وُچھ استقامت گرِ یہ آس — نوٗرِ دیدن سیٚتو کوٚرٕن اکھٕ داس

دوٚدِ اماہو فاطمس سیٚتو زار زار — اُمتین مغفرت کر یا غفار

یا الٰہی چھکھ تہٕ ستار العیوب — فاش مہٕ کر چھکھ تہٕ غفار الذنوب

یا الٰہی سانہٕ کرِ ایکھ کرتہٕ[2] پاس — خاصہ اُمتھ کرتہٕ از دوزخ خلاص

شوٗر تلکھ یڈ دوٚد دکھ زورِ سان — عرش و کُرسی اوس وَدان آسمان[3]

ذات پاکن سوٗز جبریلِ امین — یا محمدؐ روٗسے تھوٚد تل از زمین[4]

جبریلن[5] پانہٕ حضرت تھوٚد تُلن — آشہِ ستین روٗسے مبارک چھوٚلُن

بوسہٕ کوٚرنس یا محمدؐ غوصہٕ تراو — وَدِ وہین نوٗرِ دیدن روٗسے ہاو

---

۱۔ تریٚن چھیٚن اصحاب بٔتہٕ حسن و حُسین۔

۲۔ یہ شار تہٕ چھُن ۲ تہٕ ن ۱۱۲۳ منزے یوت ۳۔ نشان آسمان (ن ۲)

۴۔ روٗسے تھوٚد تل یا شفیع المذنبین (ن ۲)

۵۔ یہ شار تہٕ چھُن ۲ تہٕ ن ۱۱۲۳ منزے یوت۔

گریہ حضرت فاطمہ پُشد گو قبول — مۄہ کلأون سأر اُمتہ یا رسول

غم اَمہ کریٚتھ شوٚبہٕ ژیٚے پأغمبری — چھےٚ ژیٚے ہیٚمتھ کرتہٕ اُمت پرٚوری

شاد سپیٚنہٕ سأری اصحاب و غلام — یا رسول اللہ علیکؐ السلام

پأری لگہٕ ہوٚنے[2] سأری سیٚمتھ سرورے — غم ژوٚلے از سانہٕ اُمت پروٚرے

یا محمدؐ ییس ژےٚ آسکھ پُشت بان — کیاہ چھُہ غم تس از عذاب آں جہاں

یا محمد چھےٚ شفاعت دستگاہ

بخشناوِ مسکین محمودس گنہاہ

●

---

۱؎ یہٕ شار تہٕ چھُ ن ۲ نمبرے یوت ۔

۲؎ یہٕ شار تہٕ چھُ ن ۲ تہٕ ن ۱۱۲۳ نمبرے یوت ۔

# اَکھ حدیث

۱

روزٕ واضح یوز حدیثِ عربی ۔ دوپ حضرتِ عائشہؓ نٕ فورٕ سو ویی

دوہہ اَکھ حضرت اُسو واظ یانٕ پَران ۔ کیاہ چھُم موئٕ دُس سخت احوالا بنان

ژُھٹھ زُو ہیٚلِو تس گژھان چھِ نٕ ازبان ۔ چھیوہ کہ یُد تَن چھُس نٕ پنان مَن مَن

سانہ رنگے خار گژھان خاصیہ تُور ۔ شِنز شرانکھ تس گران چھِ شرانٕ گور

شرانٕ گور ہیٚلِو [۲]

شرانٕ گرِیو شران کرتم استہٕ مَے ۔ چھیوہ کہ لدتَن چھِم گاہِ خستہٕ مَے

وونی بہٕ سوہ کلیوس مل گُلو موتنٕ شرے ۔ شرانٕ تختس بیہتھ کوو بوڈے

شران گرِیتھ ہیٚلِو ولان چھی کفن ۔ کیاہ چھِہ دِیان دارٕ اَکھ گُن ہٲو کِن

چھُو سٕہ دِیان اَشناو دوہ پرو ۔ چھُو سوالاہ دوس دارو حاضرو

مَتہٕ کرِیو تو میون بڑزی تو زارٕ پار ۔ مَتہٕ نی توم یکہ یکہٕ سان در مزار

مَتہٕ کرِی توم بٹّیہ ہٲوی توم اَکھ گراہ ۔ چھُم تمنا دِمہٕ ہا بیمہ نظراہ

اَکھ پانس شرِین بٲژِن بیعہ گرِس ۔ چھُس نٕ لبان پوٚت پھیرنکُھ دسترس

یا محمدؐ چھُس بہٕ محمودُ اَکھ غلام

خانہٕ دارو ہیٚیہ پوی نو توہ بہٕ سلام

---

[۱] اَکھ ژرانٕ قلمی نوسخہ پیٹھ [۲] یہ شار ہیو کم نہٕ پرتھ۔

# نظم

۱۔ تمثیلِ آدم

۲۔ پوهنیږه نامه

۳۔ کلړیان وټنډهٔ . . .

۴۔ شاه سلطانو لګړیو

۵۔ رب اِغفرلی . . .

۶۔ لو کیبارسے هتا بالهٔ یارو . . .

۷۔ زان دُنیا واویلا

۸۔ مدنو عشقد چانے

۹۔ پښتو نامه

# تمثیلِ آدم

تمثیلِ آدم پرٛژھوم حبابس
رٔنٛدٕ چھُک زٔنٛدٕ کنھ آبس سیتؠ

فکرٕ ہشتیرٕ رٕزٕ لمُ ذکرس دولابس
اٰرٕ مہچ پھیری طنابو سیتؠ

مو گرژھ غافِل خوشیہ تہٕ خابس[1]
رٔنٛدٕ چھُک زٔنٛدٕ کنھ آبس سیتؠ

قصبک مانے پرٛژھوم قصابس[2]
دوٚپ نمُ دل گنڈ قلابس سیتؠ

دزٕ دزٕ سیتؠ مرٕ اَتھ کبابس
رٔنٛدٕ چھُک زٔنٛدٕ کنھ آبس سیتؠ

جومیشدٕ جو یا طالب طلابس
گوبیشدٕ گو یا کتابو سیتؠ

غافِل چھُہ مشغول لہوس تہٕ لعبس
رٔنٛدٕ چھُک زٔنٛدٕ کنھ آبس سیتؠ

واعِظ چھُہ پانے شاہد شرابس
زاہدس لے چھے ثوابس سیتؠ

کنھ کھوتٕ عاشق عشقس عذابس
رٔنٛدٕ چھُک زٔنٛدٕ کنھ آبس سیتؠ

حُبہٕ سیتؠ جبیٖن پھوکھ لوے حُبابس
پھوکہٕ سیتؠ میول بنیہ آبس سیتؠ

موٗد کیاہ روٗد کیاہ باقیے حسابس
رٔنٛدٕ چھُک زٔنٛدٕ کنھ آبس سیتؠ

پوچھرُک پرٛژھ اٰژ منز حجابس
پادشاہ ڈیشہٕ من نوابس سیتؠ

بروٗنٹھ یکھ کھوژمو[3] قہرٕ عتابس
رٔنٛدٕ چھُک زٔنٛدٕ کنھ آبس سیتؠ

---

۱۔ نیشدرٕ تہٕ خابس۔ (اکھ پرٛون قلمی نوسخہ)

۲۔ کسب کیاہ گو پرٛژھام قصابس۔ (قلمی نوسخہ)

۳۔ کھوژو قہرٕ عتابس (قلمی نوسخہ)

آب متھ ناد ہے ناد متھ آبس — یُتھنہٕ چھُے حق آنجنابس سیتو

آنجناب میلتھ یِتھہ اصحابس — زِند چھُک زِند کتھہ آبس سیتو

صورتس مانٔے تابیر خابس[۱] — مُشک زِنہٕ[۲] شیلتھ گُلابس سیتو

دٔ اصلس نشہٕ ژھاے چھِینہٕ کینہ نقابس — زِند چھُک زِند کتھہ آبس سیتو

عشقس سلس یِتہٕ لاجوابس — زانہٕ کھٔے مانہٕ چھُک شرابس سیتو

دُفتہٕ[۳] کور نِیمہٕ یُس واتہٕ قبر کعبس — زِند چھُک زِند کتھہ آبس سیتو

تِہ گوس کرٕ کیاہ یتھہ اضطرابس

کرٕ میلہٕ ذرٕ[۴] آفتابس سیتو

محمود گامیٚن یِژھ ھو حُبابس

زِند چھُک زِند کتھہ آبس سیتو

۞

---

۱ صورتس نشہٕ چھُے تابیر خابس (قلمی نوسخہ)

۲ یِتھہٕ (قلمی نوسخہ) ۳ دفتوشہ کتھہ نیمہ یُس واتہٕ کعبس (قلمی نوسخہ)

۴ زوٗن (قلمی نوسخہ)

# پونبڙ نامه

پونبڙ پڇيو مشهور عجب عاشق جانسونه — دوڙ اڳي دم ۾ يام ڏٺو ٽمٽڻ شمع دل افروز

تنهن سيتي ڇڄڪو ڪيتو ڪرياءِ شعله ڀهاني — يا باو ٺهنڊ ناو نتي هاو نيشلاني

دل ڪٺي لوڳ گئي نيته ڏٺو تنه ڇپ ڪياه

فري ياد ڪهاڙن[2] زار روڻن بڌ ڪواڙن آه

ديوانه نه پروانه ڪر ڪڇ باو رڳس[3] گڙاه

سڀ زانه نيمياڳي مانه نيمس پانه ٻنڌ آه

تنهن تور ڏٺو ڪيهه ڪنه ڇڻا شمه ڳي ڳاٺاه

بينا اڇو سيتي اڏ ڍ ڇهتو تهه ته تماشاه[4]

ٽهانڊان نه ٽهونڊان ڏراڀه ڇڪو يام شاه ڏٺو تنهٺ

ڪمه مايه ڇپير ڪته آيه ڇڪٽن نه الن ڪريو ڪهڙ

افسوس تس پيس گر نپر ڪته ونه ڇپير ڪته آه

راهِ روو[5] تنهن سنڌ ڇڪو تنهن عاشقن ملنداو

---

١. ميته (ن ١١٢٣) — ٢. فري ياد ڏٺن (ن ١١٢٣) (ن مهجور لائبريري)

٣. نه ڪس زانه ڪرڇ ڪڙاه (ن مهجور لائبريري)

٤. بينا ڇشمو سيتو ڪرس وارِ تماشا (ن مهجور) اڇو سيتو ڇڪو تهه نه تماشا (ن ١١٢٣) (ن محروڻن)

٥. تنهن راهِ روون منڌ ڇپوون (ن مهجور)

گوٚ پانہٕ سے پرٛوانہٕ تمی آنہٕ زولنۍ پان

تتہٕ اوٚن نہٕ کرٛتچھ تے باکہ تھوٚون عاشقن آٚ مان

گوٚ پۄزنٕ تہٕ اپٕز سرٛو چھتو ییٚر شنٛدے کار

نارٕشں[1] تہٕ نۆرس بتہٕ پانس پانہٕ گرٛفتار

پرٛسان کوٚرہس پان کوونار زولتھ تسے

سیتھٕ دکیا زٕ لوگتھ سادٕ کمیتک وادٕ نبٕ لتھ تسے

تمہ ہتیٚ تن وٚنن حال ینٛن کیاہ بنٛن گوٚ

جانیاز مہ حرم راز چھیہ یتمہ مازینٛن کھیود

دٕر نار ڈیٛو تہٕ شمٕ یار ہاوان عاشقن دیدار

یکبا ہ کرٛ مس لارسیٚن نار مسے گلزار

از دوٚر مسے یس نوٗر تششدٕ وار[2] ڈیٛو تہٕ شمٕ پور

کوٚہ سراٚ کے ذرٕ سیتین کوہٕ طوٗرس سوٗر

نارس مہٕ مارٕم گتھ یارس یتیلہٕ فداگوس

[3] خصمانہ کرٛتھ تنہٕ زن آسمانہٕ ؤسیتھ پیوس

پوٚنیوٚر بۓ نو دوٚر چھسے ژوٚرٕ ہیتھ کنتھ

[4] سے زانہٕ یس چھے نوٗرٕ خودا ژوٚرٕ سٕریتھ کنتھ

---

۱۔ نارس تہٕ نۆرس تٔر چھہ پانس پانہٕ خریدار (ن مہجور) ۲۔ نوٗر تجلے ڈیٛو تہٕ شمٕ پور (ن ۱۱۲۳) از دورۄ چھہس نوٗر تششدٕ وادٕ شمٕ پور (ن مہجور لائبریری)

۳۔ ۴۔ یم زٕ شار چھینہٕ مروجہ نغہ سخن منز۔

نٮ۪مہس تہٕ اوٚش پوٚک دارگفت اے یار وفادار

ھتھٕر کارٕ دِلہٕ کے نارٕ کمیوٗ یارٕ ہٮ۪تیوٗ تے نار

یُس یارٕ توٗے نارٕ ہنزِ ووت درٕ یاوس

تس نشہٕ چھُسے پانہٕ پننٕ خانہٕ ہا درے کُس

چھُے نحن اقرب غا ھمہٕ گواہ آیتے قرآن

پرٕ وھو مجلم سٮ۪رٕ کرتو یارٕ پننٕ پان

باشمع دِلاں بیہنہٕ دما دِل ژٕ کے گرٛھی موم

چھُس کیاہ اوسُس کیاہ فرنی کوّت گرٛھ کیاہ گوم

اوّن دوٗرٕ کیاہ پرٕ پزناو چھُہ انہیر دلس گل

۲۷ پوٚنپرٕ نہٕ شمع زانہٕ گلک مانہٕ سُنہ بلبُل

چھک پأنی پانس ژھا یہٕ ژٕ اَمہٕ جایہٕ وٕ ھٕتہ گرٛھ

مو روز نیٚتٕ برے کنہٕ خبر بوز اندرٕ اُڑھ

اندٕہارٕ روزُن کارٕ عاشق نیست مُناسب

۳ مطلوبہ شُندے ڈوٚھ غائب چھُو چھُ سہ طأنٕب

افسوس کہ با ہمتے پروانہ کسے نیست

۴ پروانہ کجا باشد وا اینجا نہ کسے نیست

محمودٕ یارس پتہٕ مرُن زان ژٕ عیدا

من مات من العشق فقد مات شہیدا

(وارِیاہ پرانیو قلمی نسخو پیٹھ)

---

وا یہ شار چھُ ن ۱۱۲۳ شرٕ یوت (باقے فٹ نوٹ بٮ۪و نیمس صفحس پیٹھ)

# کلہٕ پان وندہٕ ہا

کلہٕ پان وندہٕ ہا تَس کلہٕ والس ژھلہِ اُکرِ نیوٗن ہم حیس ہے
مسہ چھوسے یَس بال

عطرِ کِھتہٕ مُشک چھُسے کترِوِس پیالس مئے ہا رہ فست چاوُنس ہے
پیالاہ ہالا ہال

ییٚنہٕ یارٕ ہو وانناٮِس ییتھ حالس تنہٕ کیو اندٕ ترٛاوُنس ہے
چھُس کیشاہ غوصیہ مَلال

نخفہ نیٚو نمِ پھتسیچ لاییس نالس یتہٕ پتہٕ توٚہ ہو لارس ہے
سیتی ناٲلی نال

نہ کیاہ رووُم کینہ سبانس ناگی رأسے تمبہ لاوُنس ہے
رنبہٕ وِنی ہیٚے مال

---

(اِتھ صفحِکہ باقی فٹ نوٹ ۱) ۲ یم شار چھُ ن ۱۱۲۳ تہٕ ن مہجورنِس یوت ۳ یم شار چھُ ن مہجور منزٕ یوت ۴ یم شار تہٕ چھُنہٕ موجوٗد نوہ سخس منز۔

---

۱ نخفہ یار کوٚر تمہ دِمس پھتسیچ نالس (ن مہجور لائبریری)

۲ ناگرا ے رووُم تل پاتالس ناگہ پیٹھ پرارس ہے
رنبہٕ وِنی زن ہی مال (ن مہجور)

شو یاس بیو کھتم ہر موکھ بالس
ڈُنی یا ہس[1] پھر ناوتس ہے
اُسہ وِنی بہ گوپال

مُشتاق عاشق اَتھ جمالس
لاشکہ میلہ یارس ہے
گے غرقِ وصال

لوٗبہ کوشہ عاشق اَتھ خطہ وخالس
شوبہ وِنی جان کیا چھس ہے
زُلفہ کوکل زال

زُلفہ کہ سلسلہ وانت کمالس
پیٹر کر یا تھو اَدِ ہاونس ہے
یانے زن بلال

دم دیو ذاکرو وانکھ کمالس[2]
کھے کاس اُییپنس ہے
سیدی کشفہ کمال

دمہ سپنو بُلغار شیدان دالس
دم دار پوٚد وَن کھسہ ہے
ڈسہ ہے گوہ تنے بال

دمہ چھی فرق چھے شہر شالس
اُنہ[3] گیٹہ دم دِیاونس ہے
کینہ منزے ڈراو لال

دمہ سپتو زنگی بادشالس
دمہ ہیے ناو گورہس ہے
چھک روونس[4] بال

---

۱ عالمس پھر ناونس (نوہ نسخۂ مہجور)

۲ محالس ـ ن مہجور لائبریری ۳ دمہ دار پوٚد ووہ نی کھسہ ہے (ن مہجور)

۴ چھک روونس بال = چھک داوہ بوکے مال (ن مہجور)

سرخم اُلفس کُن چھُے دالس — ییٚنہٕ یٔمٕہ اَند ژٲوُنس ہیٚے

تتنہٕ گو کوٚتاہ کال

ہے مٮٚلو منز ژاو اُلفتٕچ دالس — اَدٕ کمُو سٕجدٕ کوٚرنس ہیٚے

سےُ گوو عبدو حال

محمودٕ یارٕ دود کوتاہ ژالس — یارٕ کرِکہ نم جگرس ہیٚے

باوِ سُے کَس احوال

# لگہ یو...

لگہ یو لگہ یو لگہ یو    شاہ سلطانو لگہ یو

لگہ یو لگہ یو لگہ یو    ہاوتم پانو لگہ یو

ہے مَتہٕ ژلتم ژٔوُرے    حوٗرٕ کتہٕ روٗد ہم ذٔورے

پیتہٕ مو کلہٕ وَٹھہ موٗرے    راحتِ جانو لگہ یو

کتھ کٔن کرٕ تھم گرٲے    مارٕمتہٕ مو روز ژھلٲئے

گژ سو چانی ماے    نوٗرٕک میانو لگہ یو

سنٛز تے سامانہٕ پیٛرو    شیٛرتھ تہٕ سٲلس نیٛرو

چمنس منٛز باگ پھیرو    پوٗرٕ سامانو لگہ یو[1]

کیٛاہ چھی روٗخسار سرٛزلی    چشمن سوٗرمے ازلی

لالہٕ کھوتہٕ وُزٕٹھ چھی وَزلی    غونچے دہانو لگہ یو[2]

مچہ تیٖر دٲپت تھمَ داٰرِتھ    ہے کوو گو ہم مارِتھ

نالہٕ متہٕ رَتہٕ ہتھ لارِتھ    مُنجہٕ کمانو لگہ یو[3]

کوٗرٕ چھک خوٗن میون منہتہٕ نے    مانٛز کنہٕ کھورَن تہٕ اتھہٕ نے

رتھ وندٕ چانین کتھہٕ نے    شیرین دہانہٕ لگہ یو[4]

---

(۱، ۲) یم زٕ شار چھِنہٕ چھاپی نسخس، (۳) غونچے دہانہٕ لگہ یو (چھاپی نسخہ)

(۴) یہٕ شار چھنہٕ چھاپی نسخس منٛز.

| | |
|---|---|
| وٕچھ ہٕچھ صوٗرتھ بٔنٛدرو | ژٕچھ ہٕچھ دأرِنٛجہ اَنٛدرو (1) |
| ولہٕ ویرِ میہ سانے گٔنٛڈرو | پہلوانو لگہٕ یو |
| ماشوقہٕ ہی پُرٛہ تازو | قدلہٕ دِرٛیتہٕ اَچھ چھے دازو |
| خوشن رفہ یتھ خوش آوازو | مولوٗد شانو لگہٕ یو (2) |
| ہیتھ ہٕنتہٕ کرٕتم بیٚتہٕ مو | ژھٕنجہ اکہ درشن دِتہٕ مو |
| مُس کھأسیر پرٕمے چھیتہٕ مو | مَتہٕ مستانو لگہٕ یو |
| کوٚرٕ زانہٕ کمہٕ پأٹھو مرٕ نے | مرٕ ماشپانے شرٕ ستے |
| محموٗد کوٗتا زرٕ ستے | شبان ھبا مانو لگہٕ یو (3) |

(اکہ پرانہٕ قلمی نوسخہ پیٹھ)

---

(1) چِنگرس اندر (چھاپی نوسخہ)

(2) یہ شار چھُنہٕ چھاپی نوسخس منز.

(3) شاہ سلطانو لگہٕ یو (چمن)

# دُعا

یا الٰہی کر اِجابتھ در دُعا
ربِّ اغفرلی ذنوبی کلّھا

چھُس گدا مۆحتاج تۄ لے بادشاہ[1]
ربِّ اغفرلی ذنوبی کلّھا

در ازل بۄ پادٕ کۄرتھس از عدم
غمگین ژھنو تھم فکرٕ تے اندیشہٕ غم

نفسہٕ کِنہٕ دِژیت تم مے شیطانن دغا[2]
ربِّ اغفرلی ذنوبی کلّھا

یام بالیغ گوس اوسُم لگہٕ کیٛہ چار
کھۄتہٕ بۄ توٚشِمے رٕت[3] کۄرُم نو کانٛہہ تہٕ کار

در جوانی یِژ کٔرِم جرم خطا[4]
ربِّ اغفرلی ذنوبی کلّھا

فرض وسعہ نٕتھ مستحب بی اجباتھ
سخت مشکل وقتہٕ تم چھم پیٚنہٕ ذات

ہائے افسوس تم گیم سارٕی قضا
ربِّ اغفرلی ذنوبی کلّھا[5]

ذکر نٕ اودِتھ فکر کران دۄہ گۄم
تام ژیوٚ تم یام ہارس لیٛوٚ گوم

نفسِ شومن کھیتھ کۄرنس در بلا[6]
ربِّ اغفرلی ذنوبی کلّھا

نی مے وچھم یِنہٕ گۄرتھس ڈیشنے
تمی بہ مورس یِنہٕ گۄرتھس کریشنے

---

۱۔ یہ مصرع چھُنہٕ اکِس تہٕ اکِس قلمی نسخس منز۔

۲۔ نفسِ شومن کیٛتھ کۄرنس در بلا (چھپن)

۳۔ زیٛتھ کۄرُم (چھپن) ۴۔ نفسہٕ کِنے دِژیت مے شیطانن دغا (چھپن)

۵۔ یہ شعر چھُنہٕ چھاپی نسخس منز۔

۶۔ فِکر کران پیوس در خوف رجا (چھپن)

تی مے کوٚرُم ییتھ کانٛہہ اوسُم نَفا — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا[1]

تَمہِ ساری نیشہِ ووٚن بیزار گوس — بار صبا خوشبو زار بوزُم خار گوس

فِکرِ کران پیوس در خوف و رجا[2] — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا

مَندٕ چھِ ووٚمتہٕ آس ژٕٹے کُن بے نوا[5] — عفو کرتم لوکٕ کٕٹٕی ساری گُناہ

از ترحم چشمِ رحمت بر کُشا — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا[3]

توبہ کردم توبہ کردم یا صمد — مَتہٕ اَنتمَ روبہٕ تمہ اعمال بد

چھی شفیع یِم انبیا و اولیا — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا

رزق و روزی سوزتم در زندگی — حال تھوُم تازٕ اندر بندگی

از برائے روح پاک مصطفےٰ — ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا[4]

زُو کھسُن سیون کرتہٕ آسان یا غفوٗر

وقتِ نزع تھاوتم ابلیس دوٗر

نور ایمان کرتہٕ محموٗدس عطا

ربِ اغفرلی ذنوبی کُلّہا

(اکہ پرون قلمی نسخہ)[5]

---

۱ء یہ شار چھُ چھاپی نسخس منز ییتھ کنہ:

تی مے کوٚرُم ییتہٕ اوسُم کرنے — نتھ مے موزُم ییتھ ییٚہ اوسُم ژانٛنے

۲ء آنس بردر با ہزاران اِلتجا (چھُن) ۳ء یہ شار چھُ قلمی نسخس منز سے یوت۔

۴ء یہ شار چھُنہٕ چھاپی نسخس منز۔

۵ء اَمہِ بانٛتک بیا کہ نوسخہ چھُ (۱۹۰۸ بکرمی) منز لیکھنہٕ آمُت مے نِش موجود۔

# لوکچارے ہتا...

لہ کچارے ہتا بالہٕ یارٕ لولو — بٕتّیہ پنٲمہ مَتہٕ دوہ تارٕ لولو

لہ کچارو گُل بے خارو ستے — قولہٕ وَنے ہا گُل زارٕ لولو

لہ کچارو پوشہ بہارو ستے — روشہٕ ہاوتو بٕتّیہ دیدارٕ لولو

لہ کچارو ہا پوختہٕ کارو ستے — رٕنبہٕ وَنے ہا موختہٕ ہارٕ لولو

لہ کچارو ٹلہٕ وے نارو ستے — سٕوٗر کوٗر ہتھم بٕتّیہ نیگارٕ لولو

لہ کچارو برٕم نہٕ بازی گارو ستے — کم کم "اُکھ" کرٕتھ آوارٕ لولو

لہ کچارو ہا یمپوشہ ہارٕ لولو

برٕم زان نو ہا یہ سمسار لولو

لہ کچارس یہٕ چھسے یاونہٕ قُلے — چھاوان پچھے یارس یار لولو

لہ کچارس ساری چھہ زانان — نازن چھی ژٕنے خریدار لولو

یاونہٕ دوہ تس ییلو سورٲنی — تس نامول "اُکھ" کھنڈ ہار لولو

قُلے سوٗرِتھ چھینہٕ مٕژ خارو ستے — بُلبُل ہا وَدان بارٕ لولو

لو کچارے انٛدٕ وٕنٛد روزی ستے — بوزی نو کانٛہہ کانٛسہ زارٕ لولو

لہ کچار ہتے کینہٕ نُے آسہے تے — مُلہ ہا ہیمہ ہَن بو بازارٕ لولو

داد بولہ سے دوہٕ کھوہٕ یوٗد چھلنے — اُکھنہٕ گُے تس بٕتّیہ ہُنزارٕ لولو

یارٕ میانے ہا مأسے مُدنو — تیبل بل چھُے ہا سبزارٕ لولو

شیشہ تٕرٕ تٕرٕ اپشہٕ تٕر باغس منٛز — نبشہٕ گوٗژھہ ہم ہا دوسدار لولو

عشقہ جوشے وڑھ تہ مو داورتے — جان کیشاہ لچ شالا مار لولو
چانہ دُشاطہ باغ نشاطس — شور کیشاہ وڑتہ اَنہ آبشار لولو
بیت مو ماز نغمس نہ نشیمن — چشمن تہ پے کاس خمدار لولو
کھرز ہ پہ بیھٹے نظراہ تہ پے کرتو — حضرتؒ ہو دیہ دیدار لولو
آولار انی محمود تگامی — لو کھپاروہ بہت بالہ یار لولو

# پانہ میانے...

پانہ میانے ہے نادانو — زان دُنیا واویلا
بابہ آدم جد انسانو — اولے تس سوزن موت
خاک باخاک گو یکسانو — زان دُنیا واویلا
نوحؑ نبی اوس لیل کرانو — روح تہمس گڑتھ جُدا
سام وانُسے گوس اکھ آنو — زان دُنیا واویلا
خاصہ خلیل الرحمانو — پاس لیڈوسے کرہ ہے تس
آس موت تہ ہشیت نس جانو — زان دُنیا واویلا
شاہ یوسف کیا اوس جانو — تہمو تہ ذاتس پیشرن پان
تہمند مرنہ گے کیتو وارانو — زان دُنیا واویلا
اوس داؤد خوش الحانو — دُچھتہ چھڑ نا کتنہ سوجود
تس تہ موتن کوڑنے دکانو — زان دُنیا واویلا
بخت نود اوس تخت سلیمانو — وقتہ اُکہ اوس کوت ننا گو
بخت مرگن کوڑ وارانو — زان دُنیا واویلا
حضرت یحییٰ اوس روانو — سپی سنا موت کرکیا سے
حالہ اُکہ موکہ نالہ دوانو — زان دُنیا واویلا

قبرہ مُڑتے ژاو زندہ پانو  خاصہ مُوسیٰؑ کلیم اللہ
ذاتہ سُندا اوس شیرین زبانو  زان دُنیا واویلا
افلاطون بتیہ لُقمانو  تم نہ کیتیاہ دانا اَسو
وقتہ مو دَن گے نادانو  زان دُنیا واویلا
بو سکندر شاہِ جہانو  تموتہ ژھوژن دارُوے موت
موتن کیتہ چھینہ دَرمانو  زان دُنیا واویلا
اِدریسؑ عیسیٰؑ بر آسمانو  خضر و الیاس در دُنیا
ژھیٹہ موتنہ ژھیبہ دِوانو  زان دُنیا واویلا
پائغمبرؐ آخر زمانو[1]  روزِ ہیتے ہُسے کیاہ اوس دَوَر
تمرتہ موتن سُے فرمانو  زان دُنیا واویلا
خاصہ ژور یار چھی بڑ شانو  تم وے کوڑ تمنائے موت
وقتہ نزع موباتگہ گُھد آمانو  زان دُنیا واویلا
غوث قطب اَسو کھوڑانو  کیا سنا تنتہ آسیہ کیا حال
مالہ والی گے اَہتہ ہوانو  زان دُنیا واویلا
حضرتہ فاطمتن کوڑ یہ بیانو  چھمؑ شرنا ماسے اُموشتر
چھم نہ نو تے اَہتہ ژاوانو  زان دُنیا واویلا
نکیر منکر چھی ژارانو  نارہ دوبس مہتہ ننتہ زاگن
چار کیاہ چھُے ہے نوتوانو  زان دُنیا واویلا

---

(۱) چھم شرنا ماسے = ؟

یوٚد آسکھ مُسلمانو — دِیوٚد آسی دینِ اِسلام
بیٚوٚد وُچھتھ — زان دُنیا واویلا
ہاوسنے نتہٕ جنتک مکانو — کھیاوسنے نتہٕ نیا مُرژِ جان
حوٗرٕ تابے سپٕھ رِضوانو — زان دُنیا واویلا
بُسن اَکھاہ آسہٕ بےایمانو — زانہٕ پانٕنے کیاہ گوم داہ
کھیٚیہ افسوس بیٚیہ اَرمانو — زان دُنیا واویلا
زِندٕ زِندٕن سیتو میلانو — موردٕ مِیلن موردن سیتو
اَدٕ گژھن سخ بیگانو — زان دُنیا واویلا
اَچھ، کن، نَرٕ زنگہٕ تہٕ پانو — چھی گواہ پژھتھ کارَس
نیک بد چھون کرُن بیانو — زان دُنیا واویلا
بیٚیتہٕ کانہہ چھُنہٕ کھوٗرٕ ادانو — نتہٕ کینژھا پانس سیتو
موت مُشرُن چھُے نوقصانو — زان دُنیا واویلا
زِندٕ لوگ حکم کیا مستانو — نِندرِ نشے گژھتہٕ بیدار
زِندگی مہ گژھ پژھ کرانو — زان دُنیا واویلا
ہَنگہ زز مُوتُن نشانو — رنگ سفید سپنٕے موے
وُنہ نو سپٕھ چھُے سنگ ژلانو — زان دُنیا واویلا
ڈگ تہٕ بیمارٕی مرگُن بہانو — کرتہٕ نظراہ گژھ کورگُن
نر نتہٕ مادس انتہٕ حاضرانو — زان دُنیا واویلا
مَل کُلی موت ہاوِ سیلی پانو — ژھیٹہٕ تہھنزے موکلِھ نو
شور، مستی سوشے ہمانو — زان دُنیا واویلا

بأڑ پیٹھ ہتھر نیرسے وَدانو
رأنز آکے ژتہٕ یکھنو

یور یُن چھُنہٕ کأنسہ اِمکانو
زان دُنیا واویلا

ؤل دو لَہِتہ لُوکھ کھسوانو
تَتہٕ کُنتو سیٔے ہستُرن چھُے

بیٚیتہٕ کانٛہہ نو ناو ہیوانو
زان دُنیا واویلا

پیٚپھ تختس دِتہٕ مو ہٹرانو
یَتھ رُختس مُنگو زے کیٚشا

نتہٕ گو ماگرژھک سنگدِل پانو
زان دُنیا واویلا

کیٚتہٕ گُفتگو چھُے کُتھانو
بوٚد نصیب آسی ژٹے

روزی ما نیتہٕ ارمانو
زان دُنیا واویلا

گأِلی مرگن کمہٕ کمہٕ عجبانو
مأِلی ما بجے رُچھِمتہٕ آسی

زأِلی ڈٲبہ کیٚنژ گے وارانو
زان دُنیا واویلا

مول موج کوٚت گے بأے جانو
ٹأٹھ فرزند بأسے اولاد

ژُ چھیتہٕ نیٚرِتھ گو کاروانو
زان دُنیا واویلا

راتھ دوہ چھُک تی ڈیشانو
ڈیشِتھ کوٚ مُشرِتھ موت

زاہ نہٕ ہیوان چھُکُ تانو
زان دُنیا واویلا

پَرتہٕ کُل من علیہا فانو
روزِ باقی ہو اللہ

بوز کھے لاگ تس سیتو زانو
زان دُنیا واویلا

محمود دو ہے نوتوانو

لے ہتھا و معبود من سیتو

تور کیٚشتھ کر کینہہ سامانو

زان دُنیا واویلا

# مدنو عشقہ چانے..

مدنو عشقہ چانے عاشقن دِل مُشکہ بَرِتھ
یَدنو کیتو عاقِل واسے ژٹے دیوانہ کَرِتھ

بے تو در باغ مرا نشگفد ایں غنچہ دل[۱]
ژلے کوٚت ژالہِ کونہ زالہِ کوو لاجِتھس گل

مدنو چھس ژٕ روان چھُے نہ یوان عاربینے
سے آمو لول چونے بالہِ کا ستم زونہ گژھنے

ژٕ کمیو رنگہِ ژھانڈتھ رنگہ رنگے رنگ چھُہ چونے[۲]
ارنی گوٚمے زانی یَس ژنے دوٚپھ لن ترانے

مدنو گل بدنو نامہ لیکھتھ یو نامہ رِدوو
ہار چھس پنجرس منز سانہ گژھتھ ہارِتھس بو

مدنو شامہ سعندر زا جِتھس بو آمہ تاشے[۳]
یَدن ما زوٕ رنشے خالی گژھم کالی رادے

مدنو مایہ وٕ جِتھس کرِ کیاہ چھم پایے بندی
روش مو روش ہوشیر لاگے پوشہ گونڈی

مدنو پامہ لیجس بوز تم دوہ نی نام خدا[۴]
منے او شم لانہ درایس گژھانہ کیا چھسے ہانہ مدا

---

۱، ۲، ۳، ۴ یم شعر چھہ قلمی نسخس منز یوت۔

مٔنے چھِھو لولہٕ کامن ووہٕ پکھتوسانہٕ ژٔتے

گژِھس بو ہولہٕ چانے دولہٕ مو پچھ مانہٕ مٔتے

سمبل از کوکل مشکیس تو شد حال پریشان [۱]

ینٛبرزٔلی چشمہ ون زاہ چھُسنہٕ خائی ڈیشان

ونے داستانہٕ دِلگ رستم داستانہٕ ووہ لو [۲]

چھو رحقس لولہٕ مستے مس چھو یو مستانہٕ ووہ

مد نو عارِ رستیو وارِ ونتم کیشاہ ثرِے گژھی [۳]

آہ و افسوس چشمس شاہ تل چھُم پانہٕ پیٛڑھی

گیٛس بو خستہٕ خاطر گژھتہٕ نخشیتہ میائی گُناہ [۴]

فُسٹھم دِل لولہٕ وائِ ہیچ ووہ نی مٔتے رٔٹم چُون پناہ

مد نو رشکہٕ موٕنیکہ اَشکہ گژِ مو بالہٕ رِوان [۵]

کوو چھُک خشکہ موٚ ہنہٕ عشقہٕ مرشے ڈالہٕ نِوان

ہسائے محمود گامی عاشقن ہشر کر غولامی

چھُ دُنیا بٔرم تہٕ فانی کرنہٕ حاصِل نیکنامی

---

۱، ۲، ۳، ۴، ۵، ۔ یِم شارِ چھِ قلمی نُسخس منٛزِ یوت۔

# پشہ نامہ[1]

چھِیہ مَنہ کھو کرِ کرِدو مشو — ہَبا پشو ژٲلو نا
پشو پشو کوٚر گمہ گشو — وَپیشو گرٕ ھو شِکارس
رتھا ژٕشو عارِد و ژٕشو — ہَبا پشو ژٲلو نا
ژیٚنتر کمہ لٔس دِیہ ہا کشو — دِتر کھوتے سو نی جان
پھترِ پیچھٕ پیمہ بلایہ گشو — ہَبا پشو ژٲلو نا
ژرِ تہٕ مانگن چھی پیچھٕ دِشو — وانکس آنٛدہ نہ نانس
شینکِنہ رٕستی گیٚم رشو — ہَبا پشو ژٲلو نا
کسُن وٕ وٕتھم مٕتے آرشو — نہ یارہ مٕتے نو مشی زاہ
کشن کمانس گیٚم مشو — ہَبا پشو ژٲلو نا
کمیشیاہ وتھرِ تو م پھترِ دِشو — وِگوہے رشو موٗرس بو

---

[1] عبدالاحد آزادن چھِہ "کشمیری زبان اور شاعری" منز لیٚو کھمت زِ یہ بانٛتھ چھُہ عبدالاحد نا ظم سُنٛد۔ مگر قلمی نوسخہٕ چھِہ تمیٚ سُنٛز کتھ غلط ثابت کران تمیٚ چھِہ نوم ترٕشے شارنقل کٔرِتھ میٚتو سہ

ستھ آوُم کھیوٗم مشو — ہَبا پشو دارِدو کیاہ
ششو پیٚر ژادیوم ترشو — پشو ژوٕ ژٹُھم مٕتے ما چھُہ راہ
اکا نہ فسٕر ہم وگوہ ترشو — ہَبا پشو دارِدو کیاہ

| | |
|---|---|
| پیتم نیتم باڑن نشو | ہَبا پشو مڑیو نا |
| پہ کیاہ وسنے کیاہ کوڑ پشو | شیشو کیبر اندر ژاے |
| لمبتہ ٹمیتہ کوڑ ہم نشو | ہَبا پشو ژڑیو نا |

ٹھوڈ گامی پیچھ بگر دِشو

باڑن سیتی چھس ملاے

پشو داوِ ووتے کیموہ نشو

ہَبا پشو داروو کیاہ

(پراتہ قلمی نوسخہ بیچھ)

# معراج نامہ

حمد تس یکمو پاڈ کرکرا انبیاء — نعتن هتر ژوړن رسولِ خدا

تس پیتہ تھہندیں ژھون یارن — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

حمد پیتہ ناتہ پیتہ معراج لوز — دلس ٹن پا دا گرژھ ہی سوز

روز و شب قس بیہچھ درود سوند — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ستو وہتیم اوس ماہِ جبین شب — اوس درخاب ناز شاہ عرب

بڈ اوس پران زمین کیو نسب — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تیمہ شبہ فرمود جبارن — سکو ما شوق پوری کھارن

دا قیقت کیہ ہتن اسرارن — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

جنتس گو نام روح الامین — اون تیمو براق اوس نازنین

نورک بالپوش رحمتک زین — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

اُجھا نبیہ سنز اوس سرور — بُجھ بیہچھ جبریل تیجس ژادر

یا نبی پاڈن وندہ ہے سر — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

جبریلس نبر کٹ ڈالے ژنم — ملکن فلکن سیتو پھیرو ژنم

ذات پاک کاسی اُمتک غم — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ستتھ ساس ملائکہ بروٹھ آئتو — نورکی خان چھک ہیرا ہتو

---

ءا ۲ پم ۲ ۃبشد چھپہ قلمی نسخہ نمبر ۲۱ ۳ قدمن (قن ۲)

ژٔلبے تہٕ بٔتیہ چانِس یارَت رٕچھو — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

فراقہٕ سٕتۍ براقس ووٚد زار زار — عرشس کُن کُس ہیچھٕ پیپو سوار[1]

تَتہٕ آیہٕ کوٚرہس وادہٕ بیقرار — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

بوٚزتھ بُراقن کوٚت بۄڈ ہپاہ — پانے آیہٕ شاہہٕ دادٕ بتھ آد

نبوت لۄک تیٚز ٹکہٕ تُوٚششس پٕزداو — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

براقس ہیچھٕ بیٚلو کھوٚت حضرت — برٕونٹھ لۄک بُراق جبریل پتھ[2]

ہیٚتر تٕمو مسجدِ اقصا وتھ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

یام واتی نبی مسجدِ اقصا[3] — حضرت سوٚن تتہٕ کوٚرکھ پیشوا

نبیو کوٚرہکھ پتہٕ اقتداء — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

گوڈنکس فلکس کھتو سرور[4] — وُچھک تتہٕ آدم پیغمبر

نورٕک پوشاک اوس دربَر — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ادٕ کھتو دوٚیمس آسمانس — اشتیاق یتھ اوس دربانس

ہینہٕ ہینہٕ دِتی ہس ہیچھو پانس — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تتہٕ آسۍ یحییٰ بتیہٕ عیسیٰ — کرٕہس سلام یا مصطفیٰ[5]

بوٚزنے صلوات بے انتہا — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

---

۱؎ عرشس کُن کُس ہیچھٕ آسِم سوار (نوسخہٕ جبار خان۔ ن ۱۳۱۹)

۲؎ برٕونٹھ گو جبریل براق پتھ (چھ ن) ۳؎ واتی ہیٚلو حضرت مسجد اقصا (چھ ن) براق ہیچھٕ واتی مسجد اقصا (ن ج)

۴؎ کھتو یام فلکس ہیچھٕ سرور (چھ ن) ۵؎ سلام کرٕہکھ یا سیدا (ق ن ۱۳۱۹)

ترٛیٚمیٚس یا مُحمد کھوٚرِکھ کھوٚ ءا
مُلکوٚ اَندی اَندی کرِتھ مٕتس دور

مٕلکوٚ ترٛشنٕل دوٚرو دُنک شور
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

نٛتہٕ اوس یوٚسُف بٔییہ دوٚود
بندگی کران سوٗے معبوٗد

سوٗز تٔمی تٕمہ نبیٚن سلام و دوٚرود
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ ۲

ژوٚرِ ہِمس فلکس کھٔسِتھ توشن
نوٗر تٔمہٕ سُند آفتاب گو روشن

عاشقی کرِس تتہٕ پمپوشن
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

موسیٰ، آیِس بٔییہ مریم
سردار ڈیٖشِتھ کوٗرُکھ مرحم ۳

قوبوٗل کرِس دوٚرود و سلم
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

اَدِ ییلہِ ہیٚتھ مٕس بر تُرِ زُن
نظراہ کرِ تٔمہ طرفن کُن

ملائیک پٕراران اُسی تھیوان شیوٗن
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

اسماعیل، اسحاق بٔییہ یعقوب
یا رسول اُسہِ کاسُ ۴ لول تہٕ لوٗب

نبیٚن سارِنے چھیٚ جاۓ شوب
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

شیٚہمِس فلکس کھٔسِتھ شوٗسے
تتہٕ بیٚہِتھ شیٚتہ مٕس کُن نیوٗکھ پے

اَدِ تٔمہ سدرۃ المنتہیٰ گے
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ییلہِ تس جبرٔیلہ شہٕ رہو وُن
ز رکائز نفلہِ کرِ نوٗن

---

۱ء ترٛیٚمیٚس فلکس یا نبی لوٚدُک کھور (ق ن ۱۳۱۹) ترٛیٚمیٚس یام واتنوٚ کھ کھوٚ (ن ج) ۲ء یہ بند چھہ چھاپی نسخس منز غلط پاٹھو لیکھت۔

۳ء یکہ وِژہ ترٛو نمتھ تس اُسہِ باتم ـ یا رسول بوٚرے نے درود و سلم (ن ج)

۴ء یا رسول اُسہِ چون لول تہٕ لوٗب (چھ ن)

دوہ دۄہ ماچھ ترکہ ترکہ پیالہ چوٚن — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[1]

جبرٲیلہ دوٚپ تس اسے سرور — پکہٕ ہا ییٚمہ برونٛہہ ژٕ نم پر

ہیا نہٕ کھوتہٕ ڈیشکھ ییٚژ بہتر[2] — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

میکائیل تامتھ برونٛہہ تس آو — پرن ہیانٕہ ہیچھ کھوتہٕ بھاو

ٹھوک ییٚلہ پیٚنہ نہٕ حد نیشہٕ ڈراو — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

پھک یانہٕ ٹھوک ییٚلہٕ میکائیل — برونٛہہ تس تام آو اسرافیل

وچھ تمہٕ قدرت رسول جلیل — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تہٕ پیٚنہٕ رف رف برونٛہہ آو تس — یا رسول دوہ ژہ مٕے ہیچھ کھٕش[3]

تمہٕ نیتھ واتنوو ییٚچھ عرشس — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

کڈہن نالاٲنی دوٚتکھ ندا — گرد نالاٲنی چاٲنی یا مصطفےٰ

بس چھم عرشس تاجِ زیبا — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

نالانِ سان تمہٕ تتہٕ پکھ یام — لرزینش عرشس روٚٹ آرام

ہر جنیا پٔیرو تو بٔیہ ہر شام — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[4]

---

۱؎ یہ بند چھُنہٕ چھاپی نوسخس منز۔ جیار خانن چھُ ییٚمہ آیہ لیوکھمت "
ژٕ رکاٲژ سردار کرنوٚوکھ دوہ دۄہ ماچھ ترکہ ترکہ پیالہ چوٚوکھ
شراب اُس دُنیا دور تروٚوکھ "

۲؎ آسہ کھوتہٕ ڈیشکھ (ق ت ۱۳۱۹)

۳؎ یا رسول نوٚر کین تختس کھس (چھ ن ج)

۴؎ یہ بند چھُنہٕ چھاپی تہٕ قلمی نوسخہ نمبر ۳ منز۔

عرشئ نش برو تھ یئر گیہ نیر تھ — شوق سیتو و چھنہ تھمو لوٹ پھیر تھ

رخت[1] معشوقانہ اوسن پیر تھ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تتیہ اسی سائری مقرب دور — برونہہ اسی ستتہ ساس پردہ از نور

منظور گوژھن اوس مستور — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

دوپ نس یا رسول کیا آگھ بیچھ — دوپ نس یا اللہ غم امتھ

امتس کر تہ مے مغفرتھ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[2]

دور اوس تنہ اد قاب قوسین — رگہ شمب دور چہ اوس مابین[3]

سورے سیٹھن تتہ عین الیقین — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

دوپ سائی نبوین التحیات — بے نیاز چھک از چھہ پاک ذات

بوزنے صلواۃ والطیبات — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تور دراو از زبان قدرتھی — السلام علیک ایہا النبی

بوزنے رحمتھ برکتھ ژسے[4] — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

فرمود سیدن سائی باد ازین[5] — وعلیٰ عباد اللہ الصالحین

امت چھم ضعیف بیہ مسکین[6] — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

بوزتھ ملائکھ رود مس گواہ — اشہد ان لا الٰہ الا اللہ

---

۱؎ خلعت معشوقانہ (ق ن ۲) ۲؎ یہ بند چھ چھاپی نوسخس منز سہ ایتھ موجود۔

۳؎ تو کھسیتھ اد نیا از دو مابین (ن ج) تو کھسیتھ اد نو دور مابین (ن ۱۳۱۹)

تو نیش ادنے رود (ن نمبر ۳) ۴؎ بوزنے رحمتھ تہ برکتھ ژسے (ن ۱۳۱۹)

۵؎ عرش گوژن یا اللہ العالمین (چھپن۔ ن ج)

۶؎ بیمھتھ مصطفےٰ بود اینچنیس (ن ۱۳۱۹)

وا شہد ان محمد عبد اللہ
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

پاڻ ۾ وائي ڏني تھنجو کيتو اسرار
عالمو تي عار کري کوڙ اظہار

روز شب تنهن پيچو سوز بسيار
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

پڙ ڙهس يا رسول کياه آکه ميتھ
دوپ نتن يا اللہ غم اُمتھ

کوڙ مي اُمتن پيچو مغفرتھ
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

دوپ نتن آدمس سجد ديو تھ
جنت اول تنس ہووتھ

تيشتھ ہيڻ اُسي کيشتھ کيا کھوتھ
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

دوپ نتن آدمس سجد ديووم
نوڙ چاپاڻ جنت پير ووم

چاپاني اُمرش گيشتھ کھووم
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

يا اللہ ڙتي خليل کھوتھ يار
نار ميڙ کوڙ ھتن وار گل زار

تيشتھ کياه مي دنھ يا غفار[2]
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

دوپ نتن نوڙ چون ادس تابان
تو سيتو ڙ ھيتي گو نار سوزان

واتي ڻ نار زاه بر اُمتيان
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تامت حکم آسس از درگاه
يا رسول اُمتن کيشتھ منگ کياه[3]

پاتڙاه وقت نماز روز شش ماه
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

عرض کوڙ منجي ين سائي آن دم
نو توان اُمتي کر ہيک نم

تڙيي ريتھ پاتڙ وقت گيه ادکم
صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

دوپ نتن يا شفيع المذنبين
اُمتيچ جاسي وچھ خلد برين

---

ا۔ دوپ نتن تتہ ڙتي سجد ديووم
ڙتي کيشتھ جنت پير ووم
(چھ۔ن) (ن ا ج)

۲۔ يا جبار (چھ د ن) ۳۔ اُمتن کياه نکھ اسي سيد ا (چھ د ن)

سيتو نبيءَ ڄن جبرئيل روح الامين — صلی الله عليک يارسول الله

جنت اندر ٿاءِ احمد — غلمان ۽ حورون آيون ڏسڻ بي حد

شمشاد قد آيو خوب رشيد حد — صلی الله عليک يارسول الله[1]

غلمان ۽ حورون آيون يڪطرف — ڏسي پيون ٻانهون ٻڌي ٻنڌي ڪف

ديدار ڏسي ٿيا ڳڏيا مشرف — صلی الله عليک يارسول الله[2]

ڏٺو تنهن جنت حور غلمان — زورن ۽ آفتاب کان تابان[3]

خاص ڪياءِ آيو پان ياراوان[4] — صلی الله عليک يارسول الله

نور سيتو عرش آيو تن ناوان — ڏور فلڪ گوشن آهي راوان

ڪنهن بوءِ ڪياءِ آيو وٽي نادان — صلی الله عليک يارسول الله

خاصو خاصي ٿيا هن ڪياءِ بهتر — ڏٺيون خوش ڪوٿ گو سرور

زعفران رنگ ٿيا مشڪ اڌفره[5] — صلی الله عليک يارسول الله

ماشوقه ڏٺو تنهن جو اُچو جاءِ — جائين ڏٺي ڪياءِ اوس پيرائي

خنجر جاءِ جا ڪر صدقي فڪر پائي — صلی الله عليک يارسول الله[6]

---

۱، ۲، ڪيم ڏي ٻيٽ ڇپيل قلمي نسخن ۾ نه.

۳، زورن ۽ آفتاب کان آيو جان (ن ج)

۴، خاص ڪيو آيو ٻيهر لحد خان (جبار خان)

خاص ڪيو آيو ياران خوان (ن ۱۳۱۹)

۵، ڳالهه ڪيو زعفران مشڪ اڌفر (جبار خان- چمن)

۶، معه خنجر ۽ صدقو سرتا پائي تن ڪرڪڻ ليس آيو جاني ماءِ (چمن)

ڏوُپ هُئس جبرئيل سيتي ميٺي پڇيو[1] — دُشمنن هنئن جاءِ اُڏو ڇيڪهه
چاڻُن پڙهيو ڪيهڙو پاٺو ڪري هيڙو ڇهڪ — صلي الله عليڪ يا رسول الله

ڏُوزخن شين هيلو ڏاڻي حضرت — مالڪس ڏيشته هن سُوڙت تيمو نِڪهه
حُڪم آد مالڪس اڌ ڪرن ڪيهڻ — صلي الله عليڪ يا رسول الله

سلام ڪران آو مانڪهه — يا رسول عالم جيئن نظر اڌڪهه
پيٽيو ٿيو نيم ٻيني پور تشريف نڪهه — صلي الله عليڪ يا رسول الله

ڏُڇه تيمو ڏوزخن هنڌي طبقات — ڪريه روس تنه ڪينشيه انڪهه ناڪهه
ووڏ ڪوٽ نبي ين سانه وُشات — صلي الله عليڪ يا رسول الله

مانڪو ڀيڪهه منز آسن ڪم — ياد تم ولي ولي ٿليه هيم غم
مالڪن ڏوپ يا شفيع الامم — صلي الله عليڪ يا رسول الله

اُمتي چپاڻي هيم گنهگار — داليه نڪهه ينڪهه منز زاليڪهه نار
ووڏ ڪياه نبي بن ساڻي زار زار — صلي الله عليڪ يا رسول الله[2]

نار منز ڏيو نکڻ موج تي مول — ڏپشته نبي ين مر بعبان دول
يا رسول آسه ڪيهڻ نار يان زول — صلي الله عليڪ يا رسول الله[3]

ڏوپ هئس يا رسول آسه مو ڪلاو — اُٿو منز تامنه حُڪم تس آو
ڪڏه سي مول موج اُمت تراو — صلي الله عليڪ يا رسول الله[4]

---

۱۔ جبرئيل ڏوپنڪه مئي سيتو پڇه (ن ۱۳۱۹)

۲۔ حڪم آس ڏوپ تس اسي غم خار (ق ن ۱۳۱۹) ۳۔ يه بند ڇڇينه ڇپائي
نو سخس منز ۴۔ يه بند ته ڇپينه ڇپائي نو سخس منز۔

مول موج تنهن مهه کلوڙن نے — اُمت تمہ شاہہ نراڙن نے

ساڻهہ کھڻ تہ ٽوپهہ کا تهہ ٺڪوڙن نے — صلي الله عليڪ يا رسول الله [١]

ڏياڻ اوس ڪياہ سنهہ مياڻ اُمتي — نارس منزہ ماچهم پچے هستي

علمہ تلہ ميانہ مادور ڪاہ متي — صلي الله عليڪ يا رسول الله [٢]

ڏوان سپنش هڪم از حق [٣] — بخشش ڪہ اُمتس اسے مُشتق

اُمتڪ غم ڇپهے ڏٽے بر حق [٤] — صلي الله عليڪ يا رسول الله

ڏڇهتو تمهہ سون غم ڪوٽ کهيو — تيشهہ هيئو مرداہ سوان ڪوٽ ڪو [٥]

لولہ سان تسن ڀيٺهہ پُرشہ پرتو — صلي الله عليڪ يا رسول الله

ووڻهہ تور عرشہ، ڪوٽ خوش شُن — جبريلين تسي تاريف دوڻ

ڏوري ميس خدائس بيٺهہ داتہ وُن — صلي الله عليڪ يا رسول الله

ڏاڻي حضرت نزد موسيٰ — اُمتس ڪياہ اڻ اُنهہ اے سيّد

پنڌراه وقت نماز روز بيس ماہ — صلي الله عليڪ يا رسول الله [٦]

اوڻ ڪن ڇهہ پجهر اُمر مُهنڌ غم — ذات پاڪ تهہ ہہ بيٺهہ ميرا رحم

ڏيپے ڇهي ڏياڻ شفيع الامم — صلي الله عليڪ يا رسول الله

---

١. يہ بند تہ ڇهڻہ ڇهاپي نہ سخس منز درج. ٢. ديرار مياڻہ نيش ڏور ڪاہ متي (ڇهِدن)

٣. اُٺهو انڌر سپنش (ن ١٣١٩) تامت سپنش (ڇهِدن)

٤. اُمتڪ غم ڪهيون ڇپهے رونق (جبار)

٥. تيشهہ سون غمخار ڪوٽ تنا ڪو (ن ١٣١٩) ٦. وسہ وُن موسهن پيڏ ڏهنس پي

ڪيا صمائيد بخشش تهہ ہہ ڏيي. تہ تے رپهہ پنج وقت پر اُمتي (جبار خان)

٧. يہ بند ڇهہ نہ سخے جبار خانس منز ے پيت. اوڻ ڪن ڇهہ پجهرہ ؟

گوٚب گوٚسے اُمتس چھُنہٕ تحمُل — اُتہ پیٚٹھ سیٚدن سأنی اۄتھ تُل

زٕ ریٚتھ تہٕ دٕہ نِمازٕ مانیٚچھ گٔل — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

یٚو دٔسے اُمتس چھُنہٕ طاقتھ — پانژھ وقت فرض چھےٚ دوٚن اکھ ریٚتھ

پانژن مٔنز بدل پانژھ چھک ثقت — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

فرض گےٚ نِمازٕ بیٚیہ رمضان — فرض وال نکھ اد چھک مُسلمان

موٚمنو مانٕتو پیٚچھے فرمان — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

تتہٕ پیٚٹھ جبریل سیٚتھٕ آد تس — دانٕتوٚوُن بیت المقدس

ییٚکہٕ دٕٹھ انبیا ہاوٕن تس — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

بیت المقدس یوٚر کھ نفلاہ — انبیا خوش وقت گیہٕ کیتیاہ

جبریلن دوپُس اے نبی اللہ — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

ہتوٚد وٕتھو براقس کُن نیوٚکھ بے — بیٚتہٕ یور مُنزٕ لٔن سپنہٕ سطے

واتہٕ وُن گرٕ نیم غائب سگے — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

گرٕ بیٚیلہ دانٕتوٚکھ حضرت — موٚصلس گرمی ہٕشرٕ ترکھ

ہأنکلہٕ اُسے گرٕ ڈھان حرکتھ[2] — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ

موٚصلس ونٕکھ وٕنی اُس موٚیہ وال — سردار ڈیشتھ گیہٕ خوشحال

وُچھ ژھو قدرت ذوالجلال — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[3]

---

(۱) یہ بند چھُ صرف جبار خان نِس نوسخس منٛز یوت۔

(۲) کمہ نٔژ تے ہٲنکلہ اُس حرکتھ (چھچن)

(۳) یہ بند چھنہٕ چھاپی نوسخس منٛز۔

معراجِ حضرت پیٚزِ پاٹھو زان — جسمہ سان کھوٚت سُے برآسمان

نبی شُد معجزٕ پیٚزِ پاٹھو زان — صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[۱]

یا رسول گوٚکھ محمودس یاد — نولہٕ ستی دٕمہ دٕمہ دٕوان فرِیاد

ہاوتس دیدار گژھہ دِلشاد

صلی اللہ علیک یا رسول اللہ[۲]

---

(۱) یہ بند چھُ چھاپی نہ سٕخنس منٛزِ یوت۔

(۲) تمنا چھُ نٕ محمودس — دٕما روزِ ہتہ پان ہاوتس
تس چھُک پیٚتہٕ کیوٚتہٕ ژٕپے
(چھاپی نُسخہ)

(۳) یا رسول عرض بوز محمودس — تس چھُک پیٚتہٕ کیوٚتہٕ ژٕپے
جان کیا ووٚن نے پان ہاوتس
(جبار خان)

# وفات نامہ

## حضرت فاطمہؓ

بوز فاطمہ صابٕن وفات | روز دٕماہ ژٕ آمہٕ وُشات
یاد قبر کرٕتن ژٕ ذات | صلی اللہ علی النبیؐ

شبہٕ اکہٕ اُس فاطمہ درخاب | خابٕس ڈیٹھن حضرت جناب
ہتمو پھیرِتھ کوٚرہس خطاب | صلی اللہ علی النبیؐ

فاطمو کوٚنہٕ چھیٚے سون پھیران | چھیٚے پٕہ دُنیا ملک وُٕران
حوٚرٕ ژٕ ٹٲنٛسے کرٕتھ چھیٚے خان شیران | صلی اللہ علی النبیؐ

اُسہٕ لوٚب نہٕ ژٕ ٹیٚے روٗس قرار | چانہٕ وُشات کرٕن چھ زار
چھیٚی کرٕتھ ژٕ ٹیٚے انتظار | صلی اللہ علی النبیؐ

فاطمن یام بوٗزٕن یہ کلام | از زبان خیر الانام
نِندٕرِ نیشہٕ بیدار گے تمام | صلی اللہ علی النبیؐ

نھوٚد ۂتھ اُٹھ بعبا | امرِ رسوٗل بیٚیہٕ امرِ خودا
کوٚرہٕکھ سُنت فرض ادا | صلی اللہ علی النبیؐ

آیہٕ امامن نِتھ وُچھنے | بیہہ ناوِن تِہم برٕونٛہہ کنے
عبا میٚہٕ کڈو نِکھ نیبر تنے[۲] | صلی اللہ علی النبیؐ

---

۲ عبا یہٕ نیشہ (ن ۲) ۲ گرٕو نکھ زبر تنے (ن ۲)

جامہ چھلِتھ پیتہ نہ پانے — گیسو اُنن کورٕتھ شانے
اوٚش ژھاوان چھوٚ کاروانے — صلی اللہ علے النبی

نانِ جویں اُس پوٚچھتہٕ کرٕ ان — چشمو نیشہ اُس موٚختہٕ ہران
حسن و حسین غم اُسہ برٕان — صلی اللہ علے النبی

چھُکھم مُتے بابن ھکھوٚوت وٕنتھ — آسہ امامن دوہ ھا ئنیتھ
جگرس چھُکھم گومُت سینتھ — صلی اللہ علے النبی

اکھ شہزادہ گرٕ ھاک زبرٕ — تنتہ نشے ژیٹکھ شہ سر
تنتہٕ فاطمہ[١ع] آسکھ نہ خبرٕ — صلی اللہ علے النبی

اُسہ نہ آسوکھ پیٹلہ پیش پیکھ — چھوپہ لدن کُس تہ بیش دیکھ
دوہ کھہ لدن کُس گرٕ نیکھ — صلی اللہ علے النبی

بوٚ مرٕتھ کوٚت ستہٕ گرٕتہ ھن — کانہہ نہ آسیم نہ ہیمن ژرٕتہ ھن
کیتھہ[٢ع] تہ فوٚتھ روز کھہ نہ مرٕھن — صلی اللہ علے النبی

کربلا منزٕ تیمن ماران — تنتہٕ مالس تہ ماجے ژھاران
اُسہ نہ آسوکھ کُس پیتہ لاران — صلی اللہ علے النبی

کیا[٣ع] سنا روزن ستے — گرٕ بینا یا بیچھٕ وتے
کُس چھلتھ انکھہ ستے — صلی اللہ علے النبی

شاہ علی یَس ہیمت روزیا — یمی دیہ نسر تی سے جوزیا

---

١ع نزٕ فاطمہ (ن ٢) ٢ع بو مرٕتھ تیمیم گرٕتہ ھن۔ باز باندو روز کھہ نہ مرٕھن (ن ٢)
٣ع یہ بشد چھُنہٕ (ن ٢ مثر)

درس خانس تمن سوز یا — صلی اللہ علے النبیؐ

لوله نشس تس دِل ماڈلے — ماجہ رستین اد زوٗ سگلے

یتیمن ما زاه پهتہ ژلے — صلی اللہ علے النبیؐ

شاه حیدر تام گرکُن آو — فاطمس نش ہجرس منز ژاو

فاطمس تتہ ڈیونٹھ شیر چاو — صلی اللہ علے[۱] النبیؐ

دوٚپُس علی صابن پھیر تھ — کیٛہ زِ تھاوتھ امام شیر کتھ

چھو پانے شیر تھ تہ پیر تھ — صلی اللہ علے النبیؐ

فاطمن دوٚپُس ڈینٹھم از راتھ — یا صاحب والاصفات

وُنیتک تامت وُچھم نہ یہ ذات — صلی اللہ علے النبیؐ

نور دوٚپ نبی کر اسے فاطمہ — چون دوٚر ہر کوتاه ہمہ

مےٚ تہ دوٚپ مس بہ نوری پمہ — صلی اللہ علے[۲] النبیؐ

ہر وقت نماز پیر کتھ — رٹھوو مےٚ امامن گیشتھ گر کتھ

..... نتہ گرته ہم مرتھ — صلی اللہ علے النبیؐ[۳]

دوشہ ونی جامے چھکی مکھ — گیو سستین گیسو ملی مکھ

بو مرتھ ژ تہ سِی گرپو زیکھ — صلی اللہ علے النبیؐ[۴]

بوز یا منحتہ علی صابن — بوز ونے ووشلے یس ہن ہن

---

۱ یہ بند چھینہ ن ۲ منز امہ بدل چھ یہ بند ۵

ناونی سِی بوز علی صاحبن — بوز ونے وسہ دیکھ ہن ہن

گنہ دِلس صاک درمہ جامن

۲، ۳، ۴ یم ترےٚ بند چھینہ ن ۲ منز۔

گوس دِلس چاک دِرہٕ جامُن — صلی اللہ علے النبیؐ [1]

دۆپُن فاطمس یہ کیاہ بوٚو ہتھ — داد ہجروک مےٚ داغ ہتھو ہتھ

زاہ تہٕ اُسیم نہٕ یوان ہیتھ غم — صلی اللہ علے النبیؐ

وَنتہٕ اِمامن بہٕ کیاہ کرے — کرِتھ ما ییم اَرِ ترے

نخچہٕ گژھتھ بہٕ اَدہٕ مرے [2] — صلی اللہ علے النبیؐ

موٚرچ مرِتھ نہٕ زاہ سرن — چون دوٚرہ ییم کتہٕ زُرَن

ٹُپتہٕ گوشس اُمی شرن — صلی اللہ علے النبیؐ

یا فاطمہ ژہٕ ییلہٕ مرِکھ — گیسو انِن کُس شانہٕ کرِکھ

گنج ہپانے سبق نہٕ دِرِکھ — صلی اللہ علے النبیؐ

فاطمن دوٚپُس یا مُرتضےٰ — یارہِ یے ہتھو موتس رضا

ہتھو مےٚ تے رضا بقضا — صلی اللہ علے النبیؐ

یا علی کوتاہ بہٕ وَنے — ہو قسم بجا انے

چھُم مےٚ عرض بوز تم کنے — صلی اللہ علے النبیؐ

چھُنہٕ موتس تِلا ریچ چارے — وارہٕ بوز رچھم حاجتھ نارے

ییم بجا اَنٕ زِ یکھ دارِ سے — صلی اللہ علے النبیؐ

اولن ییلہٕ نیرِ ہم مےٚ جان — راتھ یکھتھ دِزِ ہم مےٚ شران

کانہہ تہٕ نیتھ نو آسیم مےٚ ڈیشان — صلی اللہ علے النبیؐ

دوٚییم حاجتھ چھُمے راتھ کیوٚدِن — لول بُرِ کزِ ہم جگر گوشن [3]

---

[1] یہ بند چھُنہٕ ن ۲ منز [2] ییہ ساریٖن موتن ہتھ رے (ن ۲)

[3] ٹا ٹھین میانِن (ن ۲)

یُتھٕنہ مُرُن میون سخ زانت
صلی اللہ علے النبیؐ

ترٛاویتھ ھا جنتھ کرے بیان
قبرِ بیتھ گاہ اُزہم یوان

وار دیدار اُزہم دِوان
صلی اللہ علے النبیؐ

ہیتھ نتہٕ علی صائن وُنُن
وارٕ[۱] وار سے ھا جنتھ پنُن

فاطمہ چھے بجا اَنُن
صلی اللہ علے النبیؐ

پیش سرورٕ کرٕ زہم نہ بیان
غمہ جیہ میونے اے جانِ جہان

بتہٕ ھائی اُزہم یوان
صلی اللہ علے النبیؐ

ترٛاویتھ[۲] ھا جنتھ اُنی زہم بجا
ییلہ محشر سپنہ برپا

تتہٕ منز باگ گژھہم پائدا
صلی اللہ علے النبیؐ

پاتہٕ وائی اُسو کران گفتار[۳]
اَکھ اَکس وُچھان دیدار

نام وتس موتک سوار
صلی اللہ علے النبیؐ

فاطمس ییلہ عزرائیل آس
ٹاٹھو زون کور ہس وسواس

تتہٕ اَموب منٛہ لرزِ غم ژاس
صلی اللہ علے النبیؐ

نورِ دیدن دوپُن نیرو
جامہ پیٹھو پانے شیرو

ہڈی بایس اُنذی اندکیھیرِ
صلے اللہ علے النبیؐ

اَکھ زٕٹھتھ کتھ اُسو کران
کتھ کران زن موختہ ہران

---

۱ء زار و نالان (ن ۲) ۱

۲ء روز محشر ھتے وئی دِزہم — مارِ کن منز ژھائتھ رٹہم
جنتس موکلاوتھ ترٛہم (ن ۲) ۳ء قرار (ن ۲)

دڑاے نشہ دائی روشنس دران     صلی اللہ علے النبیؐ

یاہم فاتحہ کوڑکہ بہ نیاز     تام گیکہ از غائب آواز

گمہ گڑھو یتیمو باز     صلی اللہ علے النبیؐ

آپہ بھیڑکہ لاران تہ ژلان     گردِ راہ اسی رویکس ملان

اوس فاطمس زیبن تل جان     صلی اللہ علے النبیؐ

شاہزادہ[۲] کوناہ وڈکہ     امہ نارے دِل تام دوڈکہ

خاک تلکہ روبیس لوڈکہ     صلی اللہ علے النبیؐ

بائے بائے اسی بیقرار کرن     اسہ نو کاتہہ لول آسہ بران

از چھٹے فاطمہ تیزی باٹھرا ن     صلی اللہ علے النبیؐ

دوپکہ دا الدس کیاہ چھ اسہ پاسے     کوٹ گرھک زیزے ناماے

نور دوپ نکہ موجود خدائے     صلی اللہ علے النبیؐ

چشمو نشے اوش کوٹ ہوڑن     ہواللہ ہواللہ پوڑن

جان بحق تسلیم کوڑن     صلی اللہ علے النبیؐ

اوس تریتے یم از شہرِ رمضان     فاطمۂ نیون رخت از جہان

گئیہ خبر کون و مکان     صلی اللہ علے النبیؐ

لگو ودینہ حیدر کرار     نالہ دِنس از ابرِ شہوار

اشہ کتے خوانکو ہموار     صلی اللہ علے النبیؐ

اوس یہ دوہمٹ فاطم صائن     اوڻ بجا علی صائبن

---

(۱، ۲) یم زیبشد چھینہ ن ۲ منز۔

زیرِ لحد سمۍ کتھ دفن          صلی اللہ علی النبیؐ
اُسی حیدر پیوان ہُنبجتس          فجر پیٹھ تۆت فاتحس
گریہ کران بیچارِ بیکس          صلی اللہ علی النبیؐ

ژپیمہ دوہ گو اموب بیتاب          آیس حضرت فاطمہ درخاب
فاتحس دوہلہ با جملہ اصحاب          صلی اللہ علی النبیؐ
فاطمن دپس چھونا بوزن          سور سمسار چھینہ کانہہ روزن
ہمسایس انیایم سوزن          صلی اللہ علی النبیؐ
گیم ژریے دوہ بر پیٹھ پڑاران          چھم وائنج اموب بھاران
میون احوال وُنی تو یارن          صلی اللہ علی النبیؐ
ننہ دونم دوان نالے          جلد گژھو کریو کھ حوالے
دوہ مہ کلہ یتیمہ اعوالے          صلی اللہ علی النبیؐ

یام بیدار گو شاہِ مردان          آیہ ہیجرس کُن نالہ دِوان
لبکھ سوزن تہ ژھارکھ سوزنان          صلی اللہ علی النبیؐ

تس زنانہ نِش وأتی بیتاب          گریہ کران دوہ نیہ ہیسی پہ خاب
تمہ چھیر ہتہ دوپنکھ جواب          صلی اللہ علی النبیؐ

کونہ بخشس چھئے ہاٹی سردار          اُمتین ساریـن غمخوار
بخشہ تس دوہ نی یانے غفار          صلی اللہ علی النبیؐ

اُمہ یام اکھہ فاتحہ پرُن          صائبن تام عفو کرُن
فاطمس تام بہ مُشرُن          صلی اللہ علی النبیؐ

اُسی بھاوی میتھ جوڑو کری کری          نور کی خان تس کیتھو بر بر
کرکھ نثار دئی چھنہ کھوری          صلی اللہ علی النبیؐ
ژرین دوہ من اُس فاطمہ نیبر          ژوری یہ دوہ مہ مُشرو وس بر

غافلو وارِ پوز تو پیہ خبر — صلی اللہ علی النبیؐ

شین دوہن اُس فرقان پرن — سُتو میہ دوہیہ اُس گفتار کرن

اُس روزے شاہی دَرن — صلی اللہ علی النبیؐ

اُسیہ ہوین ہُند کیاہ چارئے — پیٹھ جسمس گرٹھن پارے

روح بیچارءِ گرٹھ آوارے — صلی اللہ علی النبیؐ

تاہء زَن پیٔلہِ زمین تنتنی — یا رسوٗل ژھاریٹھ سکتے

اُمتین وَیٹھ ہاء پیٔتتے — صلی اللہ علی النبیؐ

یا رسول فراق چھُمے — ہاء تمَ تم محراب بُمے

دَمیہ دَمیہ تمہ سُجداہ دِمے — صلی اللہ علی النبیؐ

روز محمودِ مِنا بے غم — فاطمہ سُند دوہفات دوٗ سنتھقم

میچھے شفیع سردار عالم — صلی اللہ علی النبیؐ

---

ہ۱ نعہ نسخہ نمبر ۲ منز چھُ " صلی اللہ علی النبیؐ " بجایہ " صلِّ ربِّ محمداً " لیکھت۔

# کأشری نعت

۱. یا پیہ بدٕ عربکہ شاہ سردار سے (غائر مطبوعہ)

۲. یورٕ سأنی نیٚتھ یٚن بسم اللہ

۳. یا رسول اللہ دیدار ہاو

۴. یا رسول سلام علیک (غائر مطبوعہ)

۵. یا رسول اللہ علیک السلام و الصلوٰۃ (غائر مطبوعہ)

۶. ذِکر غمٕ دفا یا حیات النبی

۷. مہر باش بر من یا محمدؐ

۸. کھوت کینہ مٕنز سے کلاہ (غائر مطبوعہ)

۹. یا مصطفےٰ محمدؐ (غائر مطبوعہ)

۱۰. شہ چھُنہٕ کانٕہہ تہٕ مکاناہ

۱۱. بر درِ تو یا محمدؐ سر نہادم (غائر مطبوعہ)

۱۲. خبر چھےٚ حال باوے گیاہ (غائر مطبوعہ)

(۱)

پأژِ پَدِ عربکِ شاہِ سرداٗرِ ۱ ۔۔۔ مارے چھُم چأنی تہٕ زار وَنہٕ نا

اَمہ آمہٕ تاوَے زَر گوم شُنیٛتھ ۔۔۔ کس زانہٕ وُنہٕ ہیٛتھ پیٛتھ تمنّا

ہیوٗل گوم جگرس لول آسم چیوٗنے ۔۔۔ میون جان جگرُک سوز زٕھنہٕ نا

اَندری گوٗنڈ نمَ لولہٕ نار تو اندرس ۔۔۔ خاک مَلہٕ جامن چاکہِ دِہٕ نا

لولہٕ چانہٕ داغ روٗٹ زونہٕ منز سینس ۔۔۔ چون اَلم نشرح سینہٕ تُچھ نا

سرو نازنینے ہیٛ گُل دَستے ۔۔۔ خستہٕ گے عاشق مستہٕ یچھنا

کاستہٕ اَسہِ کنجہٕ رحمتکہٕ گنجے ۔۔۔ کرِتہٕ اَیہِ زٕھوٗنجے احسانا

باغ باغ گُل پھوٗلی اَکہٕ چانہٕ نظرے ۔۔۔ مٔتہٕ چھُم غُنچہٕ دِل پھوٗلہٕ نا

مدینہٕ کِہٕ مَدنے نوٗرِ کِہٕ بدنے ۔۔۔ دوٗر چھُس نوٗرِ نیش سوٗرمَلہٕ نا

بَرجہ لولاکَہٕ ماہِ تابانے ۔۔۔ جانِ جانانے وَنہٕ وَے نا

آرِ کأتی کأ ہتو مُشتاق چأنی ۔۔۔ مارِ کُن لولہٕ وُنی دِمے نا

---

۱۔ محموٗدُن یہٕ نادِر نعتِ شریف چھُ اَکہِ ژیٛتھ نوسخہٕ پیٛٹھ نقل یوان کرنہٕ یُس کیمیوٗ چھُ کھیوٗمُت۔ مگر تاریٖخ چھُس موجوٗد ۱۲۱۳۔ یہٕ چھُ باسان محموٗدنہٕ پننہٕ قلمہ سیٛتی لیوٗکھمُت۔ یوٗتس چھُس "درخانہ" لیکھت۔ یہٕ نوسخہٕ چھُ محموٗدنہٕ کامہٕ منزٕ حاصل سپدمُت۔

اَمہ نعتِ شریفُک بیاکھ نوسخہٕ چھُ بڈٕ صاف لیکھت۔ یُس تارِ یہَن لیکھنہٕ چھُ آمُت۔ (ناجی)

ستمہ ونہِ ہے سر بُراقس — یالِ گوپالس یان وٕلہ نا

دوٗپ سنے محبوبہٕ حاجت کیاہ چھُے — اُمتی اُمتی شُبھا نا [1]

اُنبیا چھِہ صف دِتھ استقبالس — اَنتھ جمالس ڈیشو سے نا

زٕمیِن پیوٗش زٕہ نبسن اسرافیلس — تتہ جبریلس سیتی یوٗک نا [2]

دیدار چھا نیشکھ ارمان ژٕلہِ ہے — بیتھ آب ورگل ہے بیتی تمنا

دیوہ چھا شہرکہ لولہ چیون نشہ — آبرو تیغ ابرو بخشہ نا [3]

... ... بنکہ سروسے — قدٕ نو یاوٕن یان وٕندٕ نا [4]

وچھتہٕ کیٚشرٕ ساگی تس سرراس — ہوشہ سان غائب بوز کھتا

محمود گامی چھُے ونان زارٕ

سارٕی پأری لگہ ہوسے نا

●

---

۱ ماشوقہٕ دوٗپ سنے کیاہ چھُے تمنا (تازٕ نعہ سخہٕ) ۲ یہ شار چھُنہٕ ن ۱۲۱۳ھ منز ۳، ۴ یم زٕ شار وٕنِتھ یہ پوٗرٕ پأٹھی یمہ چھِنہٕ نوٕ سخہٕ ۱۲۱۳ھ منز موجود روٗدی ہتھ۔

(۲)

پوٗر ساٗنٛ نبیٚوٚین بسم اللہ — دیدار ہاو یا رسول اللہ

اُمہ ہانیہ ہیٚندِ اوس حضرت — کنہٕ ہٮ۪ن شانٛد دِتھ با فرشتھ [۱]

نادٕس سوٗزنس مرسلاہ — دیدار ہاو یا رسول اللہ

دُعا ییلہٕ منگہٕ سنٛے کرٚو زا آمین — اَتھہٕ یُتھ چھل تو ڈٲل چھیہٕ تابین

ژکھ دِے ترٛاوِتھ شہید کربا — دیدار ہاو یا رسول اللہ

سَتن اقلیمن منٛز چھ بَستی — شیٚن نا کینہہ تے اکِس اُمتی

آسمان بے ستون تھم کُنہٕ چھا — دیدار ہاو یا رسول اللہ

ییلہِ ہیوٚ اُذنے پننہٕ ژور یارٕ [۲] — حوالہ کوٚر ہنکھ ییٚنٛ کارٕ یار

جنتس گنٛزِ بردار تم چھا — دیدار ہاو یا رسول اللہ

یا غمبر تلکھ منٛز کعبے — یادِ گو زوٗن تے افتاب بے

افتاب عالمس چھیٚ دیوان گاہ [۳] — دیدار ہاو یا رسول اللہ

نتہٕ سے پننِس کرٕ ہا شکل — لولہٕ ساں لار تو حضرت بل

سر زٕ ژٲو دیدٕ ٹٲل دٲ چھیٚنے بارگاہ — دیدار ہاو یا رسول اللہ

نزدیک اَسِتھ ہیٚبِت تھم دوٗر — لولہٕ وٚن تھوٚو تھم دِلک کستوٗر

محمود گامی یس یہ صدا چھا — دیدار ہاو یا رسول اللہ

---

۱) امہ ہانیہ سِنٛدِ آتشِ سرور۔ کنہٕ ہٮ۪ن شانٛد دِتھ سرور (بیٚیس جایہ)

۲) تم ژور یار (بیٚیس جایہ)

۳) افتابہٕ پھیران ژوہ یادٕ ہو چھا (بیٚیس جایہ)

(۳)

نوکِہ ظہورءُ پُرنور شُتاء — یارسول اللہ دیدار ہاو

حضرت فاطمہ ءِ چہ بیلوں ءُ ے — حضرت پڑھتے گرکن آے

حضرت نبئیوں کیا کروس ناو — یارسول اللہ دیدار ہاو

احدس احمد بیبئیلو بیوں ناو — محمد لاگہتہ بازار دراو

گرۂ گے دُورتے نگاش ہوآو — یارسول اللہ دیدار ہاو

مسجدِ اقصےٰ لدِ سے آو — تہتہ منز محمد باجماعت تراو

نماز نفلاہ پرچھے دراو — یارسول اللہ دیدار ہاو

بٹس اُکرہے کوڑ اُس بیمار — تمہُ ادس روشمت آتنک غبار

مٹہ ہیٹر نبئیوں گرکُن دراو — یارسول اللہ دیدار ہاو

یمن بیمارن درجگہ ناو — یتمن بیمارن شربتہ چاو

گرتھ مکہ مدینس بر مُڑاو — یارسول اللہ دیدار ہاو

غائفلہ پانو نینِدر موتراو

کاروان دُور یوے کر سکھراو

محمود نگاہ میو کر بیراو

یارسول اللہ دیدار ہاو

